# سۆنٛبرن تہٕ سام

(بے وطن شاعرن ہنٛز نمتہٕ پنٛچ

نُمایندٕ شاعری تہٕ سام)

## سٔتی سر جلد 8

ترتیب کار:

رتن لال شانٛت

مکھن لال کنٛول

رتن لال جوہر

کشمیری بھاشا سنٛسکرِتی پرتِشٹھان (سمپرٕتی) جموں

# فہرِس

سۆنبرن تہٕ سام : ستی سر کتابی سِلسلچ اٹھم کتاب

گوڈنیک ایڈیشن : 2007

مول : ترٛے ہتھ روپیہ



ڈی.ٹی.پی : IILS D.T.P Centre

رِنکوٗ کول # 9419136369

سرورق : سَن پھلوٗر (گُلِ آفتاب) وان گوٗاگ

کتاب میلنگ پتاہ :

۱۔ 904۔ سُبھاش نگر، جموں 180005۔

۲۔ 425۔ توماں کالونی، بوڑی جموں 180002۔

۳۔ کتاب گھر کنال روڈ جموں۔

۴۔ کتاب گھر مولانا آزاد روڈ سرینگر، کشمیر۔

**SONBRAN TE SAAM** : Anthology of post-1990 and representative poems of displaced Kashmiri poets-(SATISAR, Vol-VIII), Price : Rs.300/- Editors : R.L.Shant, M.L.Kanwal, R.L. Jowhar. Publishers : SAMPRATI, © SAMPRATI JAMMU.

Avilable at : 904, Subash Nagar, Jammu 180005
425, Tomal Colony, Borhi 180002
Kitab Ghar, Jammu/Srinagar.

# کینٛہہ لفظ

کشمیٖری بھاشا ایوم سنٛسکرٛتی پرٛتِشٹھان یعنے سمپرٛتی چھےٚ بڑِ شوقہٕ تہٕ لولہٕ سان سٔتی سر کِتاَبی سِلسِلُک أَڈھم بوگ **"سوٚنٛبرن تہٕ سام"** توٚہہِ برٛونٛہہ کنہِ تھاوان تہٕ وۄمید کران زِ جلاوطنی مَنٛز پننٕی زبان تہٕ ادب رٕژھراوٕنٛچہِ وتہِ مَنٛز بنہِ یہِ پنہٕ نٮ۪ن پیٚش رو کِتابن ہٕنٛدی پأَڈھی بیٚیا کھ میلہٕ گٔژھ۔

سمپرٛتی آیہِ جلاوطنی مَنٛز کاٗشُر زبان کیٚو ادب رٕژھراونہٕ، پھاپھٕلاونہٕ تہٕ برٛونٛہہ پکہٕ ناوٕنٛچہِ تحریکہِ رٕنٛگی از برٛونٛہہ داہ کاہ وری بارٕسس۔ سٔتی سر کِتاَبی سِلسِلہٕ تہِ چھُ یوٚہَے مُداتہٕ مقصد پرٛاوٕنٛچہِ کوٗششہِ ہُنٛد حِصہٕ۔ سٔتی سرُک گوڈنیُک تہٕ دوٚیُم جِلدٕ آٔسی سمپرٛتی تحریکہِ وۄتھبوٕلگَنس تام لیکھنہٕ آمتہِ ادبس وِحاط کران۔ چنانچہ

چھِ یِم ترتیب وار 1990ہس پیٹھہ 1996ہس تام تخلیق سپدیمتس نثرس تہٕ شاعری ہندین نمونن پیٹھ مُشتمل۔ تمہِ پتہٕ سپدی آمہٕ کتابی سلسلکی پانٛژھ جِلد شائع۔ یمو منٛز آسی ژور سمپرٕتی ذریعہ کرنہٕ آمتین قومی سطحکین سیمنارن منٛز مبحث تحقیقی مسلن دَل دِوان یِم نادِم صابس کاشرِ زبٲنی تہٕ ادبس تہٕ جلاوطنی ہُند ادب بیٚترِ موضوعن ہتی تولُق آسی تھاوان۔ اکھ برپوٗر کتاب آیہٕ بُزرگ اُدیبن ہتی مُلاقاتن پیٹھ تشکیل دِنہٕ یتھ منٛز برگزیدٕ شاعر تہٕ نثر نگار پنٕنین تخلیقی سفرن ہُند ٹُچھر تہٕ پچھر اَسہِ ہتی باوان چھِ۔

سمپرٕتی تحریکہِ ہندی یِم ژہ وٕری چھِ کاشرِ جلاوطنی ہندِس ادبس منٛز سبٹھاہ اہم۔ اکھ ییٚمہِ کتھہِ کنٛز زِ امہِ تحریکہِ ہُند رُت پھل دژاو جلاوطن ادیبن ادبی سرگرمیین منٛز وتھ دنہٕ کِس صوٗرتس منٛز۔ ژھیٚنتھ پھٕٹتھ دوہ دِش زِندگی ہندین آوٕلنین منٛز گیر آسنہٕ باوجوٗد رٕوٗدی اُدیب ادبس پوچھر دِوان۔ یہِ اُس یِہنٛز پٕژ Committtment۔ توژہ تہٕ تھزر۔ تحریکن کٕرکھ وتھ ہنا سہل۔ ادب رٕوٗد تخلیق گژھان۔ بِسیار ادب، یوٚت زِ صاحبِ نظرو وَن زِ جلاوطن کاشرو ادیبو کوٚر وآدی منٛز اُدیبن ہندِ نسبتہٕ ژوٗر ادب تخلیق۔ اَمہِ کتھِ ہنٛز تازٕ ترین باوتھ کٕر محمد یوسف ٹینگ صابن تہٕ فاروق نازکی صابن جوٚمہٕ ادبی محفلن منٛز۔ اتھ ہیکن زِ نٔژکارن ونُنہٕ یِتھ۔ اکھ زِ حالاتو تٕرٲوی یِم ادیب زِندگی ہندین تلخ تجربن منٛز ییٚتہِ نبٕنین پیٚزرن ہُند باس اوس تہٕ صحتمند ادبی تحریک روٗزٕ کھڈکھِ۔ پتہٕ ہیٚکہِ ونُنہٕ یِتھ زِ رآ وِتھ لوٚب یمو پنٕن پان تہٕ یہِ آسہِ تہٕ کانٛہہ استعآری شبدٕ بازی۔

تحریکہِ ہُنٛد دوٗیُم پھل دزاو زِ زبانٕ گےٚ نہٕ صرف رأچھ بلکہِ لوٗگُس پوچھر۔ قسمہٕ قسمہٕ ادب گوٚ تخلیق۔مگر امہِ کھوتہٕ بڈٕ کتھ چھِ زِ ماجہِ زیوِ ہُنٛد حِس تہٕ لول گنیو۔ کُنہِ تہِ زبانِ ہنٛدِ زِنٛدٕ روٗزنہٕ خاطرٕ چھُ یہِ احساس ضروٗری۔ ییٚتی چھِ یہِ کتھ مانٛنۍ زِ أزی کس دورس مَنٛز چھےٚ سارے زبانٕ أکس بوٚحرانس مَنٛز۔ کمپیوٗٹری کرن تہٕ مارکیٹ اِکانمی چھُ انگریزی زبانٕ خطرناک چلے جاو دِتھمت۔ روٗسی تہٕ چینی ہِشہِ بجہِ زبانٕ وألی علاقہٕ چھِ جلد از جلد انگریزی ہیچھنس دوران۔ لِسانٕی تشخصکۍ مانےٚ چھِ معاشی ترقی ہنٛدِس پیمانس مَنٛز زن تہٕ ییرٕ گأمتۍ۔ سرینگرس تہٕ جوٚمِس مَنٛز۔ کلکتہٕ ہَس تہٕ احمدآبادس مَنٛز۔ سارِنٕے جاین چھُ مُقامی زبانن یہِ ڈٕپ زِ تہِ دول لوٚگمُت۔ اتھ تنوظُرس مَنٛز کوٗت بوٚڈ (Challenge) چلینج چھُ جلاوطن کأشرٕن ہنٛدِ خأطرٕ پنٛنٕ زبان رٕژھراوٕنی تہٕ پھأنٛپھلاوٕنی تہِ ہیکہِ سُے سمجھتھ یُس اتھ آوٕلنس مَنٛز ہیٚنہِ آسہِ آمُت۔ مگر امیُک انٛدازٕ کرُن چھُنہٕ مُشکِل۔ یہِ کرِشِ عمل تہٕ توجہہ چھُ منگان تہِ وُنن تہِ چھُنہٕ مُشکِل۔ نَہ چھُ یہِ سرُن مُشکِل زِ امہِ غرضہٕ باپتھ کرِشِ کأم چھِ سپدان۔ یہِ حلِ مُشکل تہِ گوٚو ادبی تحریکہِ ہنٛدِ زورٕ۔

تاہم چھِ اتھ وِشیس مَنٛز پیہم کأم کرٕنٕچ ضروٗرتھ۔ سمپرٕتی چھےٚ سارِنٕے ادب نوازن کیٚہو ہموطنن بھروسہٕ دِوان زِ یہِ کأم پییہِ نہٕ پتھر۔ کأشُر ییہِ ییٚنہٕ واجنہِ پُیہِ تام واتہٕ ناوٕنہٕ۔ اتھ ضِمنس مَنٛز آس اکھ بڈٕ کأم کأشرٕیک ناگری رُسم الخط ترہیب دِیُن تہٕ معیار بنٛد کرُن تِکیٚازِ سانہِ نٕوِ پُیہِ روٗزنہٕ جلاوطنی ہنٛدِس ماحولس مَنٛز اُردوٗ فارسیس ییٚتی زان یُس کأشرِ نستعلیق رسم لخطس بُنیاد چھےٚ۔ نتیجہ دزاویم روٗدی

نستعلیقس مَنٛز کاشُر پرٛنس تہٕ لیکھنس نااہل۔ ناگری ٹیک کاشُر رسم الخط ترتیب دِنچ کام آیہِ مُخلِص ادیبن ہنٛزِ محنتہٕ تہٕ Central Institute of Indian Languages میسوٗر تہٕ این۔آر۔ایل سی پٹیالہ کہِ مددتہٕ ستیٚ بامل تہٕ 2001 ہس مَنٛز کوٚر سمپرٛتی ''ڈٔلوِ کاشُر ہیچھو'' ناوی پرائمر تہٕ ریڈر شائع۔ (یم دوشوٚے کِتابہٕ چھےٚ سمپرٛتی دفترس پیٹھ دستیاب)۔ ستی سر کِتابی سِلسلچ یہِ کِتاب ''سوٗنبرن تہٕ سام'' چھےٚ دوشوٚنی رسم الخطن مَنٛز شائع کرنک سنٛز سَپدان یتھ زن سارٕی کاشرِ خاصکرٕتھ غریب الوطن کاشرٕن ہنٛز نوجوان پُے ہیکہِ یہِ پرٕتھ تہٕ امہِ مجستنک فائد تُلتھ۔

کاشرِ شاعری ہنٛز یہِ سوٗنبرن چھےٚ جلاوطن شاعرن ہنٛز شاعری۔ اماپوٚز تِمن جلاوطن شاعرن ہنٛز تہٕ یم صرف استعاری طور جلاوطن آسن ئلٕی کہِ تِمن ہنٛز یِمن حقیقتن ماجہِ میٚژ یعنی پنُن کشمیر چھُ رووُمُت۔ پرٕتھ کانٛہہ ادیب چھُ مجازی طور خاصکر تخلیق کرنہٕ وِزِ الگےٚ دُنیاہَس مَنٛز بسان۔ گرس مَنٛز روٗزِتھ تہٕ چھُ شعوٗری طور لوٚب کُن آسان۔ شُرٕین باژن مَنٛز تہٕ چھُ نبرٕ ے آسان۔ بعضے چھُ ادیب دیدٕ دانٛستہٕ ''گریباں پھاڑتا ہے تنگ جب دیوانہ آتا ہے'' کہِ مصداق پنُن مسکین ترٛاوِتھ وارانَن ہنٛز وَتھ رٹان۔ کُنہِ چھُ سُہ ژلان ژلان بیرٕون مُلک واتان پنُن اتہٕ پتہٕ تام راوِس ترٛاوان۔ ہرگاہ ژلُن چھُنہٕ تخلیقی عملس ستیٚ لازِم تہٕ مُلزوٗم تہٕ امہِ بغار تہٕ چھُ ادب ہیکان تخلیق کرنہٕ یتھ تاہم چھُنہٕ ادبی گوشن مَنٛز یہِ جلاوطنی کانٛہہ عجائبات۔ مجازی جلاوطنی چھےٚ زن تہٕ ڈاکٹری نوسخہٕ۔ یٚتھن چھُنہٕ اَسی اکہِ استعاری

جلاوطنی ہنٛز کتھ کران ئلۍ کہِ حقیقی گرٕراوٕنۍ۔

جلاوطن أدیب تہٕ چھِ تخلیقی عملہِ دوران پانس پیٹھ مجازی جلاوطنی ہنٛز کیفیت طاری کران۔ تِتھے کُنہٕ تہٕ تھِ کُنہٕ کانٛہہ بیاکھ ادیب چھُ کران۔ سُہ تہٕ چھُ پننہِ ماحولہِ أندۍ پکھۍ ڈیرٕ تہٕ ٹینٹہٕ منٛز نبر نیران زن تہٕ دۄگُن جلایہِ وطن گژھان۔ أمۍ ہنٛدِس لاشعوٗرس منٛز چھِ اتھ استعاری یا تخلیقی جلاوطنی علاوٕ سۄ حقیقی جلاوطنی یِمیٛنٛگ سُہ شِکار چھُ۔ یہِ چھےٚ أمہنٛدِس ذیہنس اکھ الگ وٕتش دِوان۔ شعوٗرس منٛز بدلہِ تنظیم تہٕ تنوظر وۄتلاوان۔ احساس نۄۄن تجربن ستۍ دوچار گرتھ نُو توجہی کرٕناوان۔ یِمیٛنٛگ پرتو لازمی طور أمۍ ہنٛدِس تخلیقس پیٹھ چھُ پیوان۔ امہِ آگہی ہُند پیمانہٕ کیٛہو پاغام چھُ بیٛون۔ یہِ چھِ جلاوطنی ہنٛز شأیری۔

یتھ سۄنبرنہِ منٛز چھےٚ اَسہِ سۄ کأم 2006 ہَس تام پوٗرٕ کرٕنٕچ کوٗشش گرٕمٕژ یِمیٛنٛگ دس ستی سرکس جلد نمبر 2 ہَس منٛز ٹلنہٕ اوس آمُت۔ کوٗشش روٗز زِ جلاوطن ادیبن (شأیرن) ہنٛز اکھ نمایندٕ تہٕ رہنما سۄنبرن یِیہِ قأریس برٛونٛہہ کُن تہٕ اتھ ادبس پرٕچ پرٕزناونٕچ پرٕکھاونٕچ سبیل بنہِ۔ تخلیقہٕ پیٹھِ منٛز نیرٕتھ چھُ ادب أتھۍ کتھِ روٹہٕ آسان زِ یہِ واتہٕ ژینن وأرلس برٛونٛہہ کُن تہٕ یِیہِ ژینہٕ مینہٕ۔

یتھ سۄمبرنہِ منٛز چھِ پنٛژاہ کھوتہٕ زیادٕ شأیر شأمِل۔ یہِ مُواد ژھارنس ژھنڈنس منٛز کرٕ محنت لٕگ تہٕ چھےٚ سمپرٕتی تہٕ ایڈیٹر صأبن ہُند زن تہٕ پرائیوٹ معاملہٕ۔ تحریک ٹلِتھ چھُ مطلب محنت کرٕنی آسان۔ سۄ گرتمو پٔنٕ فرض زأنِتھ۔ ادبی کامین منٛز چھنہٕ یہِ محنت کم قلیل ئلۍ کہِ ژرٕ ے لگان۔ ادارٕ چھُ تِمن سارِنۍ

شاعرین تہٕ مُتلقہٕ فردن ہُند مشکوٗر ییمو پٔنٕن کلامہٕ تہٕ بیین ہُند کلامہٕ اَسہِ تام واتہٕ نوو۔

أڈیٹوریل بورڈ ڈاکٹر شانت صاب، جوٗہر صاب تہٕ کٔنول صاٲبن یوسہٕ محنت یتھ دِژ تمکی چھِ أسی مشکوٗر ییہِ زاٰنتھ زِ اتھ محنتس ہیکو نہٕ پوٗرٕ پوٗرٕ شُکرانہٕ کٔرِتھ۔ أڈیٹوریل کامہِ علاوٕ کٔر ییمو ژھاٰنڈ تہٕ ادیب تہٕ ادب پارٕ کٔرِکھ یکجا۔ کِتابن تہٕ رِسالن دِتکھ زوٗل یُتھ زن کانہہ مُشتھ گژھِ نہٕ۔ تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھُ اَسہِ سیٹھاہ افسوٗس زِ اَسہِ ہیوٗک نہٕ سرٕ شژی رادے ناتھ مسرت، رگوٗ ناتھ کوٗ ستوٗر، مکھن لال بیکس، چمن لال چمن تہٕ پِتامبر ناتھ در فانی ہیوٗبن گونماتھن ہُند کلامہٕ حاصِل کٔرِتھ۔ ییٚہِ تہٕ چھُ مُمکِن کانٛسہِ ہُند کلام ما آسہِ پتھ روٗدمُت۔ اَمہِ رُس روزِ ییہِ سوٗنبرن اتھ حدس تام اڈلیچ۔ ووٗمید چھےٚ زِ آینٛدٕ ییہِ گنٕہ وتہٕ ییہِ کمی پُرونہٕ۔

از چھُ اَسہِ ییہِ تسلا زِ کاٲشر جلاوطنی ہنٛدِ شعری ادبُک اکھ نمایندٕ تہٕ مُفصل نموٗنہٕ چھِ أسی توٚہہِ بروٗنہہ کنہِ تھاوان۔ کاٲشرٕ بن جلاوطن شاعرین ہُند اکھ تھٔکُن لایق طبقہٕ چھُ أردوٗ، ہِندی تہٕ انگریزِیس منٛز تہِ لیکھان تہٕ زبر لیکھان۔ مثلن شانت صاب، مُدپ، ڈاکٹر ششی شیکھر، اگنی شیکھر، کبھما کول، چندرکانتا، مہاراج کرشن سنتوشی، سنجنا کول، مہاراج کرشن بھرت، ڈاکٹر ایما، ڈاکٹر رتنا، ڈاکٹر ایس۔کے۔کول بیتٕرِ تہٕ انگریزِیس منٛز موہن کِشن تِلوٗ، آر۔کے۔بھارتی، ٹی۔این۔ کُندن، ڈاکٹر کے۔ایل۔چوٗہدری ، اروِند گِگوٗ، سِدارتھ گِگوٗ، ایم۔کے۔رینہ رتناکر بیتٕرِ۔ سمپرٛتی ہنٛز کوٗشِش چھِ زِ یہُند کلامہٕ تہٕ گوٚژھ کاٲشرِس

ترجمس منٛز کأشرِ بن قارین تام واتُن۔ امہِ باپتھ چھِ کینٛہہ ابتدأیی قدم تہِ تُلنہٕ آمٕتۍ ولیکن وُنہِ وأژ نہٕ یہِ کأوِشِ منٛزِلس۔ وومید چھِ آینٛدٕ واتہِ یہِ کأم تہِ انٛد۔ سمپرٛتی ہنٛز چھےٚ یِہے تحریک زِ ادبس لٕکِن پوچھر۔ لُکھ لُبِن زیوٕ تہٕ وُنٕ وأتِن کمن تام۔

جۆم۔ ڈاکٹر آر۔ ایل۔ بھٹ

13 ردسمبر 2006 صدر

کشمیری بھاشا ایوم سنٛسکرٛتی پرتِشٹھان

(سمپرٛتی)



# مُقدمہٕ

-ڈاکٹر رتن لال شانت

1990ہٕ لس مَنٛز یُس کاشُر شاعر کٔشیرِ ژٔلتھ جوٚم دِلہِ تہٕ بێین لوکٹین بڑین شہرن آو سُہ اوس أکِس بدلےٚ تہٕ ہیجٲنی سوٗچن آوٕلنس مَنٛز ہینہٕ آمُت۔ یہِ ؤنتھ کرو نہٕ أسی از شُرانہِ وِہرِ کیٚنہہ انکشاف۔ اَمہِ آوٕلنٛچ نٔوی تتھےٚ آس زِیلی سَپدِ ہے۔ اتھ صوٗرتحالس پیٹھ تہٕ امہِ کِہن نتیجن پیٹھ چھُ واریاہو کاشرو کٔیو غاشرو لِکھارو نقادو تہٕ صحافی یو لیٚوکھمُت تہٕ مسلہٕ کِہن مختلف پہلوہن چھکھ وبژھنے کرِمژ تہٕ سأنی کوٗشش آسہِ یِی زِ یمہِ شعرِ سوٚمبرنہِ بہانہٕ یہِ کینٛژہا سوٗنچو سَرو تہٕ لیکھو تتھ مَنٛز ہمَو مسلس بیٚیَو کینٛژو نوقطے نظرو سام۔

یَتھ ضمنس مَنز چھُ سون توجہہ باربار گژھُن لازمی یتھ کتھِ کُن زِ أمۍ ہیجانی صوٗرتحالن کھور یہِ وطنہِ دوٗر ریوٗمت شاعر کھہر نہٕ تہٕ پاسہٕ کوٗڈنس نوٗن تہٕ کینژھا نیٚونس مضوعی مُلہِ مایہِ چھٚلتھ تہٕ ۔ یہِ چھُ اکھ عالمی پَزر زِ زِندگیہِ ہنٛز کشمکش تہٕ وولہرش چھےٚ بعضے اپزیار کھوچر تہٕ اباوتک شکس ژٔلہِ راوان تہٕ امہِ مقابلہٕ پزر شوزر تہٕ مایہِ گی ٹنٛز راوان ۔ زیرِ ذِکر شاعرن آسن اتھ کشمکشس دوران تِتھۍ بِسیار تجربہٕ گامتۍ تہٕ واقعاتھ بُتھِ پیٚمتۍ یموتس بہتر دُنیاوی عقل اٚنۍ ہیٚژ آسہِ ۔ مگر تخلیقی قووتھ تہٕ کیاہ آسہِ تس اٚتھۍ تناسُبس مَنز بڈے ہیٚژ تہٕ ہکو نہٕ وَنتھ ۔ بہرحال مادی زِندگیہِ روٗف کٔرتھ تِمکۍ پھہریار دوٗرکرٕنکۍ نوٚوی نوٚوی طریقہٕ ہیٚچھٕنس دوران ہیکہِ تُنٛد شعر ونہٕ نک فن مُتاثر سَپدتھ تِلکیازِ شعر گوٚیی چھےٚ موافق ماحول منگان یُس انفرادی تخلیق کار پیٚہم ادبی رِشتہٕ لگاتار مُطالعہٕ تہٕ مسلن ہنٛزِ وہٕژھنیہٕ ستۍ تہٕ بناوان چھُ ۔ شعرٕ رِوایتھ ذِہنس تہٕ رُحس مَنز آسنۍ یاژ چھنہٕ کافی ۔ امہِ خاطرٕ چھُ عمل ردِ عمل تہٕ پَرنُک بوزنُک تقریبن اجتماعی ماحول تہٕ ضروری آسان یُس کٔشیرِ دوٗرے ہِتس اٚمِس شاعرس یتہِ دستیاب اوس نہٕ تہٕ کیازِ سُہ تہٕ اوسُکھ اٚمِس کھوروتلہٕ زمینکۍ پاٹھۍ زن تہٕ نیوٗمت ۔

بطورفن کار اوس اٚمِس یہِ ہیجان دون سوٚتھرٕن پیٹھ وتراوُن ۔ اکھ یزٕ زبانۍ تہٕ باوژ ہنٛدی سرچشمہٕ اٚسۍ تہٕ اٚمِس نزدیک دوٚیم یزٕ لیکھن والین ہُنٛد بوڈ کاروان اوس اٚمِس نش ژھنہٕ گوٚمُت ۔ یمن دوشوٚنی حالاتن پیٹھ اوس نہٕ تس کانہہ عوٚبوٗر تِلکیازِ یم دوشوے اٚسۍ تسنٛد نہٕ یژھنہٕ باوجوٗد تہٕ تسنٛزٕ بےخبری مَنز پادٕ گامتۍ ۔

ترٛییُم سبٕتھاہ اہم وجہہ ییمہِ کِنۍ سہٕ پنہٕ نبے ژھوٗٹس تہٕ رآوی ہِتس دُنیاہَس تام محدوٗد روٗداوس یِزِ تمۍ یہِ لیٛوکھ وٗن تہٕ ژبٕرٕ تتھ بنیوس تہٕ صحی ناقِد، یُس عدم تحفظ کِس نفسیاتس منٛز ہیٚنہٕ آمتس اُمس شاعرس خاطر خواہ مُطالعہ کرِہے ییتھ بڑ وٗنٛھ کالکی طآلِب علم اُدی ہنٛدِ اضطرابک کانٛہہ تسلی بخش گراف بناوِتھ ہیکن۔

ژھینہٕ گوٗمت تناظُر ذیٚہنی طور دُبارٕ زِندٕ کرُن چھُ بے شک اکھ عام اِنسآنی عمل تہٕ بحیثیت اکھ عام اِنسان چھُ سون یہِ زیرِ بحث شاعر تہٕ امہِ عملہِ منٛزِ گذران۔ وول گوصرف گُزرنس چھنہٕ کانٛہہ انفرآدی (تہٕ اوِ کِنۍ شعری) وٗقتھ آسان یوتانۍ نہٕ یہِ زیرِ اظہار یِیہِ۔ اِظہارس تہٕ چھِ کیٚنٛہہ خاص تہٕ نٔوی معنے دِنۍ ضروری آسان تہٕ صِرف حالتھ بیان کرٕنۍ چھنہٕ کآفی۔ گرٛٹس لۆگمُت اِنسان کرِ نہٕ واویلا اوِ کِنیاہ کرِ؟ تسنٛدِ شاعر شخصیتہٕ نِش گژھِ پرٛن بوزن وآلِس تیتھ کیٚنٛہہ حآصِل گژھُن یُس صرف تس ژیٚنن گذرن وآلِس فردٕ سُند خاصہٕ آسہِ۔ تسنٛدِ دوکھ دادِکی وجوٗہات یا نتیجہِ بدِ کڈنس تانۍ محدوٗد تنقید ہیکہِ نامُکمل تہٕ بے اثر آسِتھ۔ یہِ کتھ چھےٚ اوِ کِنۍ اہمیتھ پرٛاوان تِکیازِ وونۍ چھےٚ عام رائے یہِ بنٕے ہٕژ باسان زِ وطن بدر کآشُر شاعر چھُ صرف کٔشیرِ ہٕنٛزِ پۆت کلہٕ منٛز گیر ییتھ زِ سہٕ چھُ وونۍ صرف وٗنۍ ہِتس سن سن کران تہٕ اتھ مسلس یا امہِ صوٗرتحالک نٔوو تخلیقی اظہار چھنہٕ کران۔ یعنے پٔتمین قریبن دون دٔہلبن ہنٛدس کٔشیرِ وزاہِتس شاعرٕ سٕنٛزٕ شخصیتھ چھےٚ وونۍ ہموار تہٕ یک رنٛگ گآمٕژ۔

وُچھوے تہٕ یہِ ناقدانہٕ رائے تہٕ چھنہٕ حتمی ییتھ کِنۍ یہِ مسلہٕ سہل چھنہٕ۔

(سیاستھ چھِ اتھ ستۍ مُسلک اِنسآنی مسلن گرا سہل تہٕ گرا مُشکل رنٛگس منٛز پیش کران۔ گرا یمن لُکن ہنٛدِ باپتھ جوٗمہِ تہٕ دہلی بسنٕکۍ پاے کرِتھ تہٕ گرا یمن واپس کٲشیرِ ینٕکۍ اعلان کرِتھ پٔتن کچٕل باہ ترٛکھ کران)۔ زیرِ بحث شاعری مُتلق یتھۍ ہوی بیان چھِ أکِس لوکٕٹِس داٮ۪رس منٛز قآد باسان۔

سأنِس زیرِ ذِکر شاعرس چھِنہٕ کٲشیرِ ہُنٛد ذِکر شعروٕنہٕ نٛک بہانہٕ زِ امہِ کِنۍ ہیٚکہِ سُہ لفظ تہٕ جُملہٕ سوٗنٛبرآوِتھ۔ اگرے یہ تسنٛدِس کلامس منٛز بلواسطہٕ تہٕ بلا واسطہٕ یوان چھُ تمیٚک وجہہ چھُ زِ کٲشیر چھےٚ اسنٛز کُلہم شخصیژ ہُنٛد اکھ اژھیوٚن حصہٕ تکیٲزِ کٲشیر چھےٚ تسنٛدِ کٲشیرِ نبر زِنٛدِ روزنٕچ اکھ اہم دلیل۔ یٮ۪لہِ زن أکِس عام محاجرس کٲشیرِ ہنٛز سردی گرمی یا شین تاپک موسم ژھنہٕ گژھنہٕ ستۍ زِنٛدگیہ ہُنٛد توٗزُن راوان باسان چھُ، ذیہنی زِنٛدگیہ منٛز ووٚتلن بوڑن وول شاعر چھُ بیرونی تجربات دآخلاوٕنک عمل زُوان۔ سردی گرمی یا شیہجار تہٕ صحراو چھِنہٕ تس باپتھ چھرا خآرجی حقیقتھ روزان حالانکہِ سُہ تہِ چھُ یِہُنٛد ترٛز ژینان۔ دوٚیمین لفظن اندر چھِ یم تسنٛدِ خآطرٕ ثقافتی تصورن ہنٛز شکل اختیار کران تہٕ تسنٛد ین محسوساتن ہنٛدۍ اژھینۍ انگ بنان۔ أمِس چھےٚ یہِ پوٚت کل أکِس لگاتار تقوبلی موازنہٕ کِس ذیہنس منٛز ترٛاوان تہٕ پوٚت کل ییٚژ گنان روزِتھ ٹیوٚت چھس یہِ پٔتن کُس تام ژھربر پوٗرٕ کرنٕک وسیلہٕ بنان:

یاد چھیہِ لوکہٕ چار پھوٗل تتھ بونہِ تل
میوٗن سوٗری سوٗری آسہِ ماگآمژ غوطن

(سُنیتا رینہ)

یہِ چھُنہٕ صرف بوٚنہٕ شیٚہجارٕچ اوٚک طرفہٕ کلِ بلکہ بوٚنہٕ سٟتۍ وآبسطہٕ شاعرٕ ہنٛز ذیٚہنی زِندگیہِ ہُنٛد کُس تام ژھربر باوٕنۍ کلِ۔ بوٚنہٕ چھےٚ شاعرٕ ہنٛدٕ بن محسوساتن ہُنٛد حِصہٕ تہٕ اۍچھ کلِ چھےٚ تس آورِتھ بامے سولو کچارچہٕ زِندگیہِ ہُنٛد گٔنڈن یاد پاوٕتن بامے جوانی ہنٛز سرمستی۔ سو چھےٚ تسنٛدٕ بن لاوٕبن تہٕ ساوٕبن جذباتن ہنٛز مُترآدف بنے منز۔ بوٗنی چھےٚ زیرِ ذِکر شاعرن ہنٛد خاطرٕ بےٚ زوٗ علامتہٕ کھوتہٕ سٔبٹھاہ بوٚرُت تہٕ زِندٕ جاوید تصوٗر۔ یٔتیٚن چھےٚ یہِ شاعرٕ ہنٛدِس عملس تہٕ ردِعملس دوشوٕنی منٛز شامل۔ تِتھےٚ کٔنۍ چھےٚ بیٚین شاعرن اندر تہِ زن تہٕ نزدیکی رِشتہٕ دار یا سٟتۍ بوج۔ بلکہِ چھےٚ یِہنٛدِس احساساتی دُنیاہس ہٕنز تشکیل دِتھ یِمن زِندٕ روزنۍچ دلیل فراہم کران۔ بوٗنی خاصکر تہٕ بال پاں ژادر وغارٕ عام پاٹھی یِہنٛدِس کلامس منٛز دُبارٕ زِندٕ گژھان تہٕ ذیٚہنی عملس منٛز شریک گژھان:

یتھ نارٕ بدن وارِ منٛز چھُم مےٚ شہُل کُل
پزتھ ساتہٕ دِوان زیرٕ دِپان تازٕ کتھاہ ٹُل

(تیٚج راول)

شہُل کُل چھُ اکھ مُکمل ثقافتی تصویر تیٚہنٛج شہادتھ شعرس اندر موٗجوٗد چھےٚ تِلکیازِ کُلیک شیٚہجار چھُ شاعرس اندر تہِ موٗجوٗد، تسنٛدِس نارٕ بدنس اندر۔ شاعر چھُ کنٛتھ تام اکھ وآرٕ زٕژھرِتھ۔ یعنے کہِ یہِ کُل چھُنہٕ صرف شاعر ہنٛدِ خاطرٕ اکھ بیرونی حقیقتھ بلکہِ تُسنٛد باطنی پزر تہِ یُس تس لگاتار زیرٕ دِوان چھُ زِ کتھاہ ٹُل، کتھ باتھ کر۔ یہِ گفتگو چھُ ساسہٕ بدٕ بن وٗرِ یٔن چلان روٗدمُت مگر اتھ چھُ ووٗنی ژھٔبن آمُت یُس تس

بے قرار کران چھُ۔

یِمن شاعرن اگرے کٔشیرِ ہنٛز پۆت کٲل سونٛچس تہٕ کلامس پیٹھ حاوی چھےٚ تمٕیک وجہہ چھُ یِہوے مسلسل تہٕ اژھیۄن رِشتہٕ یُس یِہنٛدِ شخصیتُک ترکیبی عنصر چھُ۔ نتہٕ چھُنہٕ وطن سارِنے ذِیہنَس سرپہٕ آر کٔرِتھ بیٚہان۔ بیٚاکھ کتھ چھےٚ یِزٕ یِم چھِ یِہ رِشتہٕ زِنٛدٕ تھوٕنکی زبردس خاہش تھاوان۔ کٔشیرِ ہُنٛد عام حۆسن یُس شاعر صرف بیان کٔرِتھ پٔتٕن بوس لوٗژراوہن چھُ یِمن اندر پننہِ پیٹھ کالُک پزٕ زناون نِشانہٕ رٔنٛگی ووتلان۔ ڈل ناگ یا پاں ژادر چھےٚ بوتہِ ہِنٛدی پآٹھی یِہنٛدِس کلامس مَنٛز شخصاوتہٕ یِوان۔ کاشرِ ہِن مۆسمن ہُنٛد پھیرِ ہاو رۆپ چھُ بالن وَنن تہٕ گُلبن کٹٕبن اندر پھولان تہٕ امہِ ستیٚ وولسنس یِتہٕ واجینٛز بۆنی چھےٚ شاعرس شعرِ رِوایتہٕ نِبر کڈان تہٕ اظہارٕچ موقولیتھ باقےٚ شعرِ صِنفن اندر ژھاران۔ ہندوستانٕی شعرِ پرمپرایہِ مَنٛز چھُ بارہ ماسا یِژھے اکھ صِنف یتھ اندر شاعر وٕری کٕلبن باہن رِتبن ہُنٛد سوٗندریہ باونہٕ خاطرِ مختلف بہانہٕ رٹان چھُ۔ سارِوے کھوتہٕ عام بہانہٕ چھُ جوان زنانہِ ہُنٛد فراق یُس لٕتس محبوب جُدا گژھنہٕ کِنی ژالُن پیوان چھُ۔ کاشُر شاعرن کۆر بارہ ماسا بونہِ ہُنٛد حُسن بیان کرنہٕ خاطرِ اِستمال۔ دراصل یِیٚتہٕ صحراوی أنٛدی پٔکس اندر پانس شیٚہجار واتہٕ ناونہٕ خاطرِ:

ہارِ تاوس مخملُک سبزار چون
شرٛاونہِ رتہٕ یاوُنک مِلہٕ ژار چون
موکھتہٕ ڈیج ہٕری چھی کٕنن دُردانٕی یے

## ۆمبرِ کرٕہے بندگی ننٛدبانٛی یے

(سوم ناتھ وِیر)

حالانکہ یتھ نظمہِ منٛز چھنہٕ شاعر بونہِ نش ژھبنہٕ گژھنک یا وطنہٕ نش دۆرِرُک کانٛہہ اشارٕ دِوان مگر چھےٚ تہٕ یہِ نظم شاعر ہنٛدِ فراخ پاداوار۔

یتھ کنٛز ہیٚرِ کنہٕ ذِکر کرنہٕ آو قودرتی حوٗسنہٕ کٕہن یِمن نِشانن ستۍ چھُ شاعر نجی سۆتھرِس پیٹھ وابستگی تھاوان تکیا زِ یم چھِ تسنٛزِ انفرادی کیو اجتماعی زِندگیہِ تہٕ کلچرٕکی حِصہٕ۔

واو رِنگ اکھ بابہٕ سوزکھ ناڈٕلچ

ٔنٛدرٕ کھوتہِ ہُنٛد سے ترٕن شیٖہجار ہیتھ......

میانہِ آنگنہٕ بونہٕ آسہ تھوومُت زٕژھرتھ شہُل

میٚون وٕنیٛ زبس پٔھنٛجِ منٛزٕ پلوی ضرۆر......

(پریم ناتھ شاد)

کٔشیرِ ہنٛدی سیاستن کھور یہِ شاعر بۆٹھ مگر کٔشیرِ ہُنٛد رُح ماتٕراوِ اُمِس پتٔھر بلکہ تھوبس پانہٕ نیارٕ کہٕ وٕشنیرٕ ستۍ زِنٛدٕ۔ بۆنۍ چھےٚ بہرحال اسٕنٛدِ خاطرٕ پرٕانۍ کاشر دبد ہِش یوسہٕ نظرو دۆرگاہتس شُرۍ ہنٛدِ خاطرٕ نیامژ پٔھنٛجِ للہٕ وتھ تھاوان چھےٚ۔ ارجن دیو مجبورن یتھے پننہٕ اہم نظمہِ "ستیۆل" ہس منٛز رازٕ ہونٛز پیغام ہیتھ کٔشیرِ سۆزتس تہٕ اوس کٔشیرِ ہُنٛد مارٕی منٛدیٛت بیان کٔرتھ یتھے ہیۆ وٕشنیرٕ ذیٚہنس منٛز۔ وٕچھٕن چھُ یہِ زِ شاعرس چھُ منظرٕک عکس ذیٚہنی فرحتھ واتناونہٕ خاطرٕ کافی۔ عکس یعنے تصۆرٕ یُس

چیزن ستۍ سانٮ۪ن ثقافتی رِشتن پوشنۍ کران چھُ۔ یِمے رِشتہٕ وبٕژھناوان چھُ شاعر ونان:

فقیرن ہنٛدی دٕپتی لیکھتھ چھِ گوشن
تِمے آسن کران آلو منوشن

تہٕ یِمن شعرن اندر وُچھو شاعر سُند باطنی دُنیاہ کاژاہ کمی چھُ محسوس کران تہٕ یہِ کمی پُروٕنہٕ خاطرِ چھُ کینٛہہ ناو کینٛہہ اِضافیتہٕ کینٛہہ ڈیفی نِشنہِ تھٲران ییٚتھ پٮ۪ٹھن ووندٕ ژھربر پۆرٕ کرِ:

ونن ہُنٛد نوٗر أنٛدرِمہِ کایہِ مٲلِ زے

أنٛدرِم کاے چھِ تٔمنٛد باطنی دُنیایُس تسنٛزِ شخصیژ ہُنٛد حقیقی پوٚکھ چھُ تہٕ دۄرِکس انہِ گٹس مَنٛز لِتہٕ چھِتہٕ گومُت چھُ۔

وطنہٕ دۄرِکس فِکری اباوتس مَنٛز چھِ شاعرس لل دید تہٕ نُنٛدرییٚش زِ گاشہِ مُنارلبنہٕ یِوان تہٕ یِہنٛدی ستۍ اِشارِ چھِ اتھ شاعری مَنٛز استعارِ بنان تہٕ پتہٕ ہم کال معنے ہو ستۍ لبریز کرنہٕ یِوان۔ پتۍمٮ۪ن پنداہن ؤریٚین آسن درجن واد نظمہٕ خاصکر نُنٛد ریٚشس کُن وننہٕ آمژ تہٕ درجن وادو شاعرو آسہِ للہِ پُرژھمُت زِ ژے کُس جِگر کرئوتھ زِ آمہِ پنہٕ ناوِ لمان ژھانجوتھ سٔدرس تار۔ نُنٛد ریٚشس چھِ شاعر ونان ژٕ ے پتہٕ بیٚیہٕ زمس۔ مجبور امر مالموہی حلیم پُشپ تہٕ ساقی ہوی زِٹھی شاعر چھِ أمِس زِٹھس بُزرگس ستۍ زِیادے ہم کلامہٕ سَپدان۔ مالموہی چھُ ''آسیا کانٛہہ علمدار'' نظمہٕ مَنٛز اکھ فنتاسی گران۔ سڈکہٕ پٮ۪ٹھ چھُ شاعرس اکھ ''پنہٕ نُے ووپرا''

سمکھان یَس سُہ پڑژھان چھُ زِ یتھ تاپرِ سینکتانس مَنٛز کۄت چھکھ ژٕ لۄگمُت تہٕ امی بہانہٕ تمہِ حالتھ ہنٛدی بداد ونان چھُس یِیمہِ کَنٛہ شاعر ہنٛدبن ہم نفسن کٲشرِ ژٕلن پیٚو تہٕ یوٚت یِن پیٚو بیٚتہٕ ''طہارت کرنک طور بدل لبکھ لول لبکھ آداب اٰہی، لبکھ لبکھ سَپدِتھ بیٚتہٕ لبکھ سپدان''۔ مگر سُہ شخص دزاو کینٛہہ ونہ نے واپس۔ شاعر دوزیوس پتے ''ہے بابا وۄن مے کیٛاہ مے'' یِیمہِ ستی ژٕ سوسُن پھیوٗرُرے؟ تورِ وۄتھُس زِ ستہٕ چھےٚ ''دبد صاہٕز اٰہی تہٕ دم پھُٹ'' تہٕ ''حبہٕ خوتونہِ گیہِ وژن یتیٖم'' وونٛی گس شنکر وۄتھِ تہٕ یہِ زہر چیٚیہ؟ تہٕ

آسیا کانٛہہ علمدار گوٚ ژھِ بیدار......

شاعر سُنٛد تس نفرس ستی یہِ گفتگو چھُ واریاہ معنہٕ سوو واریاہن کتھن کُن اِشارٕ کران مگر تم ساری معنہٕ چھِ اسہِ ویدی، تمہٕ ساریٚے کتھٕ چھےٚ اسہِ پتاہ۔ صِرف چھُ استعارٕ بدل موضوٗ چھُ سوے بےٚ آہنٛگی یوسہٕ أزی کٮ۪ن مسلن ہُنٛد وجہہ چھےٚ تہٕ یتھ کُن مختلف شاعرِ و مختلف محاورن تہٕ اندازن اندر اشارٕ کوٚر رُمت چھُ۔ امہِ نظمہٕ ہنٛز خصوصیتھ چھےٚ یہِ زِ لتہٕ چھنہٕ راہ کانٛسہِ لدنہٕ آمُت۔ وَن واٰلس نفرس یوسہٕ یرِونی ناو گاہٕژ چھےٚ سوے چھےٚ بوزن واٰلس تہٕ گاہٕژ مگر دوشٕونی چھےٚ پڑھ أکس پزٕ اٰنس طرز فِکرس تہٕ قدرِ زِندگیہِ پیٹھ یِیمٕک بہترٖن علامتھ علمدار چھُ۔ شاعرِ سُنٛد پتھ کالس کُن رجوٗع کرُن چھنہٕ عجیب باسان تِکیاز پتھ کالُک یہِ لینڈمارک چھُ اِتفاق رایہِ ستی مُشترکہٕ تہٕ بےٚ لاگ زوتہٕ وُن گاشہِ مُنار۔ امہِ ہنٛز اہمیتھ ہاوِتھ چھُ شاعر بے ہنگم از کالس ستی امیُک تضاد ووتلاوان۔

یُتھے ہیٚو اکھ گفتگو چھُ جواہر لال سرور ''مُتۍ آب'' نظمہِ منٛز تہِ کران ''پتھ ونہٕ کُس ساد منوشس'' ہتۍ تہٕ تس نصیحتھ کران زِ ''یا گی شہر'' مہٕ گژھ۔ تتہِ چھکھ سُہ ناگ کرتام پرُومُت ''یئیتہِ نٔس ژٕ تیپیا اوسکھ کران''۔ ستم ظریفی چھےٚ یہِ زِ شاعر چھُ توتہِ اُمس ونان زِ ''گژھ تتھۍ ونس منٛز، دیو تور واتہِ نہٕ یہِ ژھٹھ۔'' مگر نظمہِ ہُنٛد مرکزی خیال چھُ یہِ ثابت کرُن زِ یئیلہِ تہِ یُتھ مُتۍ آب وسہِ اتھ چھُ یلاج نُنٛد ریٚشس نِشی:

تیٚلہِ گژھی زِ ہلم دآرِتھ علم دارس......

یژھ نظمہٕ چھنہٕ منقبتھ یا وٚنتی قسمچ بلکہِ یمن اندر چھُ تیٚلیٚک ریوٚش تہٕ اَز ٕیک منوش اُکےٚ ہم کال فریمس اندر برنہٕ یِوان یُتھ مفہوم تہٕ مقصدُک اکوے سِمت سرِ کھرِ گژھِ۔ یتہِ ہسکو وٚنتھ زِ پتھ کال تہٕ از کال، علمدار تہٕ شاعر چھِ اتہِ دراصل اکی ذاتکۍ زٕ متبادل اظہار بنان۔ توآریخ چھُ شاعرِ سُنٛد آلٹر ایگو بٔنتھ معاصر وو کھنِہ تابع بنان۔

سون توآریخ چھُ سون رووُمُت پوٚت کال آسان یُس وقتہٕ کہِ دوٗرِ رٕ کنۍ اپُز باسان چھُ مگر یُس وقتہٕ کہِ لوکٹہِ فاصلہٕ کنۍ اسہِ نزدیکے چھُ تمیٚک راوُن چھُ دگہِ ہنٛدی پآٹھۍ حقیقی باسان تہٕ آسان۔ پوٚت کالچ کل چھےٚ اوے پوٚت کالکہِ راوٕنچ دگ بٔنتھ ذیہنس واریاہ کالس کوٗران روزان۔

سائنس شاعر سنٛدِ ذیٚہنی کٔفیتُک اکھ اند چھُ توآرخس اندر تتھ مقامس پیٚٹھ یئیتہِ تس پننہِ اُندی پکھیُک رِشتہٕ ٹاکارٕ بوزنہٕ یِوان چھُ۔ یہِ رِشتہٕ چھنہٕ مُستحکم

رٔدمُت اِو کنی چھُ تس املہِ اباوتک احساس گنان۔ امہِ کفیتک بیا کھ انڈ چھُ تہٕ نس ییتہِ تس پَنُن سوچ تہٕ زوٗ یہ خود کفیل بوزنہٕ یوان چھُ۔ یتھ کال سۆرِتھ چھُنہٕ باسان تس ووٗنی کیاہ نیرامہِ منٛز کینٛہہ۔ کشیرِ ستی تٔنٛد تولُق چھُ یمن متضاد صورتن ستی برابر ہُوٕے تہٕ امہِ کنی چھُ سُہ أندری کشمکش منٛز گرفتار۔ سُہ چھُ گرا رِوایتی محاورس کآم ہیوان تہٕ تسنٛز شأعری چھےٚ باسان صرف از موٗدِ تہٕ مستمل زبأنی ییٚٹھ پژھ۔

لس چھُ باسان چانہِ روٗس سونتس بہارس نار لوٗگ
کونگہِ وٹنس اہربل کِس آبشارس نار لوٗگ
چانہِ روٗس بادم پھُلے گیہِ ہامہِ ڈدی کم پوشہِ ون

(جگن ناتھ ساگر)

چانہِ روٗس مطلب شأعر ہنٛدِ وراٗے، شأعر کشیرِ منٛز نہٕ آسنہٕ کنی۔ یہِ چھُ ونان تس واوِ رنٛگہِ یوسہٕ ماجہِ (کشیر) تس یور (جوٗم) سوٗزمٕژ چھےٚ۔ مأج چھےٚ فکرمند زِ نچوٗ کرِ وٗچھن تس کرِ ہا "میٹھی تہٕ مٔتی" یُتھ

عالمس تھکہٕ ناوٕہا اکہِ لٹہِ یہ ییٚہِ پنہٕ نٕے رٮ۪شت......
أتھی ضمنس منٛز چھُ یُتھ ہیٚوٗ شعر تہٕ ونہٕ یوان۔

تتہِ گوسمیا سری یَس لوٗستھ
گاشُک چھُنہٕ تتہِ کأنہہ پرتَو
رتہٕ چھپیہِ گلہٕ ٹوٗری لگی مہکالس

(بدری ناتھ ابھلاشؔ)

واریاہن شاعرن اندر یوٚدوٚے اسہِ یہوے رِوٲیتی لہجہِ بوزنہٕ یِوان چھُ تتھ چھُ بوٚڈ وجہ سوے ذیٛہنی کیفیتھ یوٚسہٕ مُتضاد صوٗرتن ہُنز باوتھ کرنچ کوٗشش کران چھےٚ۔

دوہ اسنکۍ گنڈنکۍ راوۍ تہٕ وتہٕ پۍدۍ راسۍ سپدۍ
میےٚ زون زِ میےٚ لَج ماتھ تہٕ وَن ووٚنۍ کنیاہ ساکرو

(جواہر لال سروٗر)

راوَن دگہِ ستۍ یِتھ مویوٗس گوٚڑھن زِ حالاتن نِش ہار مانٕنۍ یِہ تہٕ چھِ یِمن شاعرن مَنٛز واریاہن ہُنز رٕوِش۔

سونتہٕ واوِچ اکھ ژھٹھا بیٚیہِ چھاوِ ہا
بونہِ شیٖہجارس ڈوٗکھا بیٚیہِ ترٛاوِہا

(منوج جد)

پرٛاونٛچ کل تہٕ سُہ راونہٕ ستۍ پادِ گوٚمُت ژھر بر چھُ تمہِ وِزِ ہُران ییٚلہِ از کالٕچ حالتھ زیرِ نظر انان چھِ۔ امہِ وِزِ چھُ شاعرس ژھر بر ٹاکارٕ لبنہِ یِوان۔

چھِ شُرۍ تام قاد سیمٹٕہ چمن لبن مَنٛز
گنڈُن روٗم شُرہن لوکہِ چار روٗم
چھِ ییٚتہِ پاں پھیٚرۍ تہِ کامنۍ ترٛیشہِ ہوٚت چھَس
پٔنُن ناگہِ راد پٔنُن آبشار روٗم

(کاشی ناتھ ناغوان)

یِہ ہیٚکہِ راونٕک فوری اظہار آسِتھ ییٚلہِ یِہ احساسچہِ سنجیدٕ کمپلکسٹی ہُنٛد حِصہٕ

بنیوٗمُت آسہِ نہٕ۔ بعضے چھنہٕ امہِ ایٚحساسٕچ ظاہری تحریک تیزٕ دٔورے ہُنٛد یژھ مسلن فِلسطیٖنن تہٕ ازرآیلی ین آس یہنٛز بے وطنی ہنٛز دگ شاعری ہنٛدِس معنہٕ ساوِرِس استعارس مَنٛز ووتلے یہِ تہٕ عالمی ادبٕچ موٚلُج دولتھ بنے یہِ۔ وۄں گو فرق چھےٚ۔ گوڈٕنکین پانٛژن ستن وٕری ین آس یہِ شاعری عام پاٹھۍ ناوگردآنی أندی أندی ووتلان تہٕ ایٚحساسہٕ کٔمن سِنٛرن تام کٔھے پہان واتان۔ سوکتھ چھنہٕ از۔ یہِ شاعری چھےٚ سنٛجیدٕ سوٗنٛچس اندر آوراوان:

بہٕ دِمہٕ ہا کرٕکھ وچھس دٕپو بار لوتہِ ہے
چھُ ژھوپہٕ ہُنٛد ہارِ پرٕبتھ بارِ کھوٚتمُت
ژُنٛبس مَنٛز تھامہِ باشل کُن تہٕ کیول
أنٛدری ژٔورس کُسوٚ کوٚژھ دِکھ تہٕ موکلکھ
بزشان ہن ہن چھُ آکٹوپس پنٛجو ستیٚ
مگر چھنہٕ ژھوپہِ ہنٛدِس وآناکھ جنٛگلس
پسوان کانٛہہ چھانگ دٕپو ژھوپہٕ شاپھ ژلہِ ہے......

(مکھن لال کنٛول)

یَتھ مَنٛز چھُ راوِن تیٚلیُک شدید احساس قبول کرنہٕ آمُت تہٕ شاعر چھُ خود از مآلیشہِ ہنٛزٕ کٔفیتھ ورتاوان۔ اکہِ وقتُک کرٕکہٕ ناد چھُ وُنی کِس ژھوپہٕ ہنٛدِس پرٕبتس تل گوٚمُت تہٕ شاعرس چھےٚ یہِ بار وہرِتھ مصنوعی زِندگی ژُونس ستیٚ نفرتھ گآمٕژ باسان۔ موتی لال ساقی ہنٛزِ شاعری ہُنٛد اکھ بوٚڈ حِصہٕ چھُ کٔشیرِ راوٕنکہِ تہٕ تمچہِ

پۆت کلہِ پیٹھ ٹنی ۔ تیٚتھٕ شاعری چھےٚ ووٗنی زبان زدِ عام گاٛمٕژ ۔ اتھ انٛدر چھِہ امہِ شاعری ہندی تقریبن تمام پکھی ووتلان ۔ لۆکہ کیٛاز ژٕلی کٔس ذیٚہنی وٗتشاد اوس تم بکتھ کنٛز ژٕلی تہٕ تِہنٛد یِہ سفر کوتاہ کٹھٕن اوس، پننہِ توآرٕیخہِ تہٕ ثقافتی اوٗند پکھہِ نِشہِ ژھینہِ گژھتھ کیٛاہ ذیٚہنی تہٕ جسمٲنی اضطراب گوتمِن، امہِ ساری کٔیفیتکی تمام مُمکِن رنٛگ چھہِ ساقی ہٕنٛزٕ 90 پتہٕ شاعریہِ منٛز درٕینٛٹھ یِوان ۔ ساقی سُنٛد محاورٕ تہٕ زبان چھےٚ بیک وقت معاصر معنےٚ ہٕن تانی تہٕ واتان تہٕ رِوایتی تصوٗرن تہٕ اظہار دِوان ۔

گٔری یارو پننہِ مٔری یار تہٕ پتھ ون ڈیٚر دِتھ
لگی لارٕکی دردل دار تہٕ ووٗنی کتھ جایہِ سمو

خود کشمکشہِ ہُنٛد اِشارٕ چھُ اسہِ تہٕنٛزٕ بزٕوٗنٛٹھمہٕ شاعریہِ منٛز تہٕ میلان مگر فرق چھےٚ زِ ووٗنی چھےٚ سمن جاے رٲوِمژ ۔ اِنسٲنی زِندگیہِ ہُنٛد یِہ بُنیٲدی شرط زِ سُہ پھاپھلاوِ ہے پٔنٕنی اجتماعی شخصیتھ چھُ ووٗنی پۆرٕ گژھن مُشکِل بنیومُت یِیلہِ زن بزٕوٗنٛٹھ اجتماعس مُقابلہِ انفرٲدی زُوٗن فِکر وفنٛک مسلہٕ اوس:

چھِی تہٕ شُترٕیم ہُتہٕ یِیٚتہٕ چھکرِتھ
ماری پٔنٕنی ژھاے گژھکھ کۆت

امی گاچک یہِ شعرتہِ چھُ تیٚمی تنوظرک:

سیٚکہِ شۆرُم ٹٔلی دیو پان پٔنُن بخشم تہٕ توے
أڈی بٲوِم أڈی سر ژھوپہٕ رٲوِم

(واسدیو رؠہہ)

مگر یہ نظم چھےٚ اکہِ انفرآدی سونٛچن ژ وچ شدید باوتھ کران:

أش پھیٖرِ رۄٹمکھ

ون باأش پھیٖرِ

تُلہِ تھابُتھِ پٮ۪ٹھ

زیوٗ ستھن اُسس مَنٛز تھاوتھ

نیوٗٹھ ییتے ژٕہہِ ون کِتس کالس......

کِتس کالس کُمٕ سُند مس لنگ

اتھ سے مَنٛز بند تھاون ون با......

(بال کرشن سنیاسی)

کِتس کالس؟ یہوے چھُ سوال یُس شاعرس تھامہِ کرِتھ چھُ۔ کٔشیرِ ژٕلِتھ ینہٕ پٮ۪ٹھ رۄد کٔشیرِ راوٕنک دود گوڈٕ گوڈٕ شاعرن سآری ہے کلامس پٮ۪ٹھ حآوی۔ اتھ اند راوس پھیرنُک ایحساس اکہِ صدمہٕ رٔنٛگی مۆجوٗد۔ یہ صدمہٕ گو وارٕ وارٕ تہنٛدِس تل شعورس مَنٛز بےٚ ناو ژھرِ رُک ایحساس بٔنِتھ۔ یوٗت وق گژران گو تیوٗت گو نہٕ یہ پتہٕ ختم گژھان بلکہ اُہنٛدِ کُل شعوٗرُک اکھ ژھوٚپ حِصہٕ بنو تہٕ وقتن فوقتن کلہٕ کڈان۔ سآنِس شاعرس چھےٚ وُنی کِس تذبذبچ حالتھ۔

آوارٕ أچھن کِتہٕ کالُک رووٕمُت کیاہتام

نظرن منٛے اوٕ کٔنی پیتہٕ کالُک وۄن منٛے وٕمان چھُم

(موتی لال ناز)



وُچھوَ یہِ راتھ ڈٕلِن گوڈٕ تہٕ گاش یتھ سونٛچو

چلو سُہ گاش ہیٚنس تام یِی بہانا رٕوٗد

(تیج راوَل)



ایسہٕ وِنس ۂکتھ بڑیڈی کڈان وُٹھ پٚنٕنۍ

اوٚش نہٕ بہران راوُرن یاوُن مژر

ژٕتھ مزارس چِل گنٛڈِتھ نٕچر لسوان

(چمن لال کانٹرو)

وق تہٕ وقتُک بہاو روٹہٕ گرٛھنُک حبس چھُ شاعرس زبردس ذیٚہنی انتشار پاداکران۔ تس چھُ ژٕتھ زن تہٕ مزار باسان مگر وونۍ چھُنہٕ سُہ واویلا کران۔ سُہ چھُ پانہٕ ہیے ستی سوال جوابس مَنٛز ہنہٕ یِوان تِکلیاژِ تس چھُنہٕ اتھ تذبذبس مَنٛز پانس علاوٕ کٲنٛہہ باسان آورنہٕ آمُت۔

میٚۓ چھا پژتھ وِزِ رٕژھرِنۍ تارِیخ

میٚۓ چھا سوٗنتہٕ جربن حبس تھاوُن

میٚۓ چھا شیٖنہٕ تھوسہن گرٛند تھاوِنۍ

میٚۓ چھا تاپہٕ لیٚین وتھ ہاوِنۍ

ہہٕ تہٕ گسوٗ پنہٕ نۍ وژن ووں

وتھ بتھِ ژھسدٕنس تل
کتھِ کتھِ منز کتھ رآو تہٕ رآوِن

(رتن لال جوہر)

راونس سام ہنٛگ یہِ رُوی یہِ چھنہٕ منفی بلکہ یہِ چھُ بیک وق انتشار تہٕ عزمُک اظہار۔ یتہِ چھُ پانے پانس امتحان ہنٛگ رُوی یہِ تیمنٛیک اظہار ہیٚر کنہِ کرنہٕ آو۔

کانٛہہ نہٕ کتھ کرنس ژیٚہ کتھ آش ژھوٚ ژ
اَتھی وُ جارس منز یہٕ لُمی لُمی چھس زُوان

(موتی لال ساقی)



رکتھ براَنٛژِ تھرِ تل عالماہ بدلیوو تتھے گٔنی
شے ڈُج توٚے آکار پدٕہن روو تتھے گٔنی

(روشن لال روشن)



یوٚ گام پٔژن گام دِوان اوس خبر ۂکتی
وونی شہرِ ژھاران نام پٔژن ۂکتی سٚمتھ از

(رویندر روی)

یہِ چھنہٕ محض اتفاق زِ راوُنک احساس چھُ شاعرن اَکس بےٚ ہنگم گفتگوہس منز شامِل کران۔ کینژن ہنٛدِ خاطرِ چھُ یہِ گفتگو اوٚک پاسل تکیاِ زِ

تِمن چھےٚ کٔشیرِ ے آلو دِوان ییتھ جواب دِنس تِمن زبو کلان چھےٚ تہٕ لفظٕے سمان چھِلھ نہٕ۔ کینٛہہ چھِ یورے تس آلو دِوان تہٕ پٔنٛنۍ دآدی باوان۔ کینٛہہ تہٕ آسۍ تَن دوشوٕنۍ صورتن مَنٛز چھُ یہِ گفتگو خود بینی تہٕ خود ازمآیشہِ ہُنٛد اظہار۔ کشیرِ چھےٚ مآج تہٕ کاشُرِ شعرِ رِوایتہٕ موٗجُب چھےٚ مآج دیوی یا بھگوتی آسان۔ سآنۍ شاعر ییٚلہِ ماجہِ دیوی ہنٛز استوتی کران چھِ یہِ استوتی چھنہٕ ہمیشہِ رِوایتی لیلا آسان حالانکہ رِوایتی لیلایہِ تہٕ آیہِ وارِیاہ لیکھنہٕ ییمہٕ آسۍ بزوٗنہہ کُن وہٕڑھناوکھ۔ بہرحال وُنۍ ۂکس وُچھو أسۍ زِ کٔشیرِ باربار مآج وٕنۍ وٕنۍ ۂکتھ کٔنۍ چھُ کاشرِس شاعرِ سُنٛد محآجر نفسیات کآم کران:

ییٚڑ کاکۍ مےٚ ڈیٚنٛٹھ مکھ مآج

ژ ییٚہ از

سٔنٛد یا سمیٚس

دوٗ رِ اپھروٹۍ کوہِ دامنٛز

رٕژ وارا ژآرِتھ تژ نگہ گنڈان......

(شبن کرشن تِکوٗ)

امہِ پتہٕ چھِ ترنگس ستۍ وآبستہٕ عمل شاعر ہنٛدِ ثقافتی تل شعورٕکین ورقن ہٕنٛدی پآٹھۍ اکہِ اکہِ سٔیدان تہٕ سُہ چھُ پننہِ از کالِچ ژ دون لد زِنٛدگیہِ ہٕنٛدی وبدا کھ دِوان تہٕ منہِ کامن باوان ''دپو ویٚہہ لد واوس پھیرِ ہے شیٚہجار''۔ شاعرس چھُ سوزُ ے دوکھ تہٕ وہٕڑھے پوٕرِ گژھنہٕ خاطرِ صرف ماجہِ ہنٛز سرپرستی ضروٗرتھ تیٚمیٚک راوُن تس

ستم ٹلان چھُ۔ بعضے چھُ شاعرس باضابطہٕ باسان زِ ماج آیم پزٕ کھٹ بڑونٛھ کنہٕ یا سوٚپنس منٛز۔ وارِیاہ لیلایہٕ چھےٚ تس ماجہِ درشچہٕ ونٛتی یا پرارتھنایہٕ ہتی متحرک گامٕژ یا چھےٚ کینٛژن لیلاین منٛز ماجہِ ہتی روٗبروٗ سپدنُک تجربہ تہٕ باوتہٕ آمت۔ بہرحال یِژہ لیلایہٕ ہیکن بیٚیہِ باقیو وجوہاتو کنی تہٕ زٕنمس آمٕژ آستھ مگر ماجہِ کٲشرِ ہُند ساتھ تہٕ آشیرواد کانٛچھنہٕ کنی تہٕ چھےٚ وارِیاہ لیلایہٕ لیکھنہٕ آمٕژ۔ یِژہ لیلایہٕ یا عام نظمہٕ چھےٚ دراصل شاعرِ سُنٛد ذیٚہنی روٗحجان ہاوان زِ تس چھےٚ اُمس ماجہِ ہُنٛد ذِکر کرنہٕ ہتی نفسیاتی تہٕ روٗحانی فرحتھ میلان۔ فرحتھ تہٕ شیٚہجار چھُ یِمن شاعرن بعضے تمام دادٕ ہن دوا باسان تہٕ پرٕن وول چھُ یِہنٛز دلیلہٕ ہتی متمعین گژھان۔

ووٚنٛدٕ ژھرٕ رٕچ تہٕ شیٚہجارٕ کہٕ بازیاپ شیٚہج باوتھ ہیٚرٕ پتیٚمس ڈوڈس ؤہلس منٛز کاتہٕن رنٛگن اندر۔ کینٛہہ رنٛگ یِم اوتانٛی یہٕ ڈیٚکٕ زِ تہٕ پتھ وٕنن اندر زوتان آسی آیہٕ نیٚبر ژھٹنہٕ تکیاز پتھ وٕچ یا بڑونٛہہ شہرٕچ فرقے نیہ وتھی طُفانن مِتاوِتھ۔ یِنہٕ زِ اوتانٛی کیٚاہ آس یہٕ نُمایاں شاعری نِشہٕ بےٚ خبر تہٕ گٔنہِ الگ تخلیقی دُنیاہس منٛز زُوان۔ ووٚں گو امِکۍ تخلیقی سرچشمہٕ آسی اتہاسس منٛز دوٗرٕ تہٕ اِو کنی اوس امیٚک بہاو یا تہٕ نُمایاں شاعری ہِنٛدِس محاورس نامنظور کران یا تہٕ پتھ کالہٕ کٕس ثقافتی بُرژرس اندر اندر روٗزِتھ خود کفیل مگر برابر حرکتس منٛز۔ بکھتی ہِنٛدی تم ساری اظہار یِمو ژوداہمہٕ صدیہ پتھٕے دُرٕس مُلکس وِحاطِ کۆرمُت اوس تہٕ یِمو ادبس کبیر نانک فرید سوٗر تُلسی تکارام رحیم میرا کمبن تہٕ بےٚ دیٚہ ہوی شاعر دِتی مٔتی آسی، اوس سون شاعر تہٕ پنٕنہٕ رٕنٛگی پانٕہٕ ناوان روٗدمُت۔ گو کہِ کٲشرِ اندر آس بھکتی اکہِ شعری تحریکچہ شکلہٕ

اند ر اردآہمہِ تہٕ کُن وُہمہِ صٔدیہِ اند ر پوٚر پاٹھی پھوٚجمؠ، سو روٗز وُہمہِ صدیہِ اند رتہٕ گُنہِ نتہٕ کنہٕ شکلہِ منٛز چلان، بامے تخلیقہٕ کنِہ پتھ ونن منٛزٕ ے۔ وُہمہِ صٔدیہِ اند ر ییٚلہِ کاشرِ شاعرن اسلأمی صوٗفی نہجہ ہنٛز مظبوٗط بُنیاد یکدم پھٹہٕ رأوِتھ ہیچ نہٕ (یِزن اسہِ احدزرگر، صمد میر تہٕ باگہِ وان دیٚد ہِنٛدِ کلامُک سنبر وُچھِتھ نِنان چھُ) بکھتی شاعری ہُنٛد اثر تہٕ کتہِ ہیکہِ ہے نکارِتھ یا مُشر أوِتھ۔ اگرے صوفی شاعری نمایاں کاشرِ گتہِ مُتوأزی جوے أس بکھتی تہِ أس لوکٹین دجن ڈوربن سگہٕ وِنی پان رٕکھ۔ مگر سنہٕ 90چہِ زمانہٕ تہٕ تنوظُر بدلیہِ باوجوٗد بلکہِ شاید تمہِ کِنی تہٕ گیہِ یہِ زنتہٕ دُبارٕ مُتحرک تہٕ سُے رول کوٗرن ادائیس یہِ وادی منٛز اقلیتی پزٕزنٛز بچاوٕنس خأطرٕ ادا کران أس۔ 90 تہٕ پتہٕ روٗز بکھتی ہنٛز بینہِ بارسس آمِژ شاعری بژٕوُنٛٹھمہِ مقابلہٕ عام اِنسانہٕ ہنٛزٕ سماجی زِندگیہِ منٛز کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ رہبرانہٕ رول پانے پننہِ خأطرٕ پأدٕ کران، سماجی تہٕ سیأسی شعورٕ کہِ بدلنہٕ منتشر گژھنہٕ یا متبأدِل اظہارٕ باوجوٗد۔

کٔشیرِ اند ر اوس یہِ شاعر پرمپرایہِ ہِنٛدِ برژٕر ہٕتی یوٗت مطمعین زِتس اوس نہٕ لگ بگ پانٛس تامے محدوٗد روزنُک کانٛہہ دوکھ تُسنٛد لیکھُت تہٕ وُنت اوس دراصل پڑ ایوٹ سرکویشنس منٛزے پرنہٕ بوزنہٕ یوان۔ جوٚم وأتِتھ دژاو سُہ نبر تہٕ شاعریہِ ہنٛزٕ نُمایاں کولہِ کوٗرنہٕ سُہ تِتھِ شُبہأتی رٔدیہِ سان منظوٗر یُتھ اوتانی کران اوسُس۔ بلکہ ییٚتہِ گٔرکینژٕ وتِتھو شاعروتہِ بکھتی صِنفہِ منٛز قلم ازمأیِی یِم نہٕ فِطرتن اَمہِ ہٕتی اوتانی مُتأثر گژھِ ہَن۔ وجہ اوس مؤلہِ تلہٕ پزٕزنٛک ہیجان، کٔشیرِ ہٕتی کاشرِ رِوایژٕ ہٕتی ہم کلام گژھُنک حوس تہٕ منہِ کامن۔ نُمایاں شاعرس باسوٕ بکھتی چھےٚ تسنٛزٕ منہٕ کامنہٕ ہنٛزٕ

اکھ سہل وتھ تہٕ تیٚمۍ اتھ ربوایتس سٟتۍ بڑونٹھ پتھٕ اقرار کوٚرمُت اوس تس کھوٚت بوٚش۔ یم محدوٗد استمالہٕ یا یتھ ونو "پننہٕ آتماکہٕ سنتوش تہٕ سوکھ خاطرٕ" وٕنتی لیلا یا سِر یتی کلامہٕ کران یا لیکھان آسۍ تمو کرٕ اتھ "نوٕ" ترٚلیہٕ پننہٕ پننہٕ رٔنگۍ ووکھنیہٕ۔ یوتانۍ زٕ بکھتی شاعری آیہٕ دوکھٕ لدوطن ویلاۓ شاعرس زخمن مہلامہٕ قرار دِنہٕ۔ اتھ وۄن کینٛہہ و نقادو فرار یا ردِعمل تہٕ۔ مگر یہٕ آو مُشراونہٕ زِ بذاتی بکھتی شاعر چھِ تمے یم بکھتی یاۓ ژٕ زِندگیہٕ ہندٕ بن دادٕ بن اکھ علاج مانان آسۍ تہٕ مانان چھِ۔ نُمایاں پاں کولہٕ ہُند شاعر چھُ صرف تتھ ژٕہس مَنٛز اورٕ کُن رجو کران ییٚلہٕ سُہ پڑٕ زنتہٕ کہٕ ہیجانہٕ سٟتۍ پریشان گژھان چھُ یا عام قبولیتہٕ کہٕ مارٕمتہٕ صرف أکۍ سُند بیٚیہٕ سُند ربوایت زدٕ محاورٕ پانہٕ ناوان چھُ۔ سُہ محاورٕ چھُنہٕ بہرحال تٔسند نُماینٛدٕ روٗپ ہاوان:



کروکس فریاد کُس چھُ بوزان | ژٕۓ سوا چھُنہٕ کانٛہہ ڈکھٕ روزان
شاپھ آیہٕ ووٚتلتھ گوٚب گو بار | بُونے ژٕۓ ماتاجے جے کار

(پی۔ ایل۔ سُدیٚتی)



سِلہٕ گوم سٟنس ہشہٕ دِسوسہٕ گوم | دِلہٕ کنٛی کوٚرمس گوٗتے گوٗ
نِلہٕ وٹسے للہٕ کلہٕ تنزرس گوم | گنٹایہٕ ٹھس گوم سوہم سو اللہ ہو

(مکتوم جے کرٛشن)



مےٚ تہٕ ژٕل قلم تہٕ لیٚؤکھم، ہجرُک فسانہٕ چوٗنے
مےٚ تہٕ خونہٕ دِل رلوٗوم اشہِ دارِ میل گری گری

(تیج کرٛشن ساگر)

پٔتِمین دوٚن ڈٔہِلین ہنٛز بکھتی شاعری چھنہٕ کانٛہہ نٔو شعری تحریک یوسہٕ کشیرِ نبر زمنس آیہِ تہٕ چھُ یہِ کُنہِ پرٛانہِ تحریکہِ ہُند ےنۆو زنم بلکہِ یہِ چھُ برٛیگہٕ آمت سُہ اظہاری سِلسلہٕ (محسوساتن ہُند سِلسلہٕ تہٕ) یُس ڈٔتھ اوس۔ کیٚنژن بِلکُل نوین شاعرن تہٕ پرٛانین گُم نام شاعرن (یِمن منٛز زنانہٕ شاعرن ہُند جان تیداد چھُ) ہنٛز لیلا سوٗنبرنہٕ نیرنس تہٕ یِہنٛدین پُر جوش تہٕ مبالغہٕ آمیز جلسن چھُ متوازی عمل برپۆر وبڑھنےٚ کران۔ سُہ چھُ زِ وطنہٕ دوٗر گیہِ ییٚتہِ وِطنکو استھاپن تہٕ آشرم یِسلہِ قایم تہٕ یِمن ستی واٚبستہٕ ربوایتہٕ تہٕ رہژ آیہِ ییٚہِ زِنٛدٕ کرنہٕ ییٚتھ عام اِنسان سنٛز کاشُر ہانٛکل پھُٹہِ تہٕ۔ کُنہِ جماژ ییٚلہِ پرٛزنٛژ ہنٛدی قومی attributes نہٕ چھِ یِوان سو جماتھ چھےٚ کلچرچہِ کنجہِ اندر اژتھ پان بچاوان تہٕ پٔنٛنی حاضری ثابت کرنہٕ خاطرِ کُنہِ دماکس پرٛاران۔ جلاوطن شاعری اندر زنانہٕ شاعرن ہنٛزِ بکھتی ہُند یکدم نۆن نیرُن اوس زنتہٕ دماکہٕ تِکیٛازِ امیک کمزوٗرتہٕ سۆت رفتار اوس عام پاٹھی نظر انداز کرنہٕ یِوان۔ امہِ شاعریہِ ہنٛز زمانس تہٕ وقتی حیثیتس ستی لا آہنگی اٚس اِمچ کمزوٗری مگر سوے بے آہنگی گیہِ وُچھان وُچھان زِنٛد گیہِ ہنٛز اکھ قدر بٔنتھ تہٕ زِنٛد گیہِ ہُند کاشُر انہار باسہٕ امہِ کُے مُتبادِل۔

اَنتہٕ رۄس وۄنِشہٕ یَو کوتاہ وۄلہکھ　　دۄلہکھ دانہِ زن کنزٕ ہے مَنٛز

تِلہٕ وآنٛی داشہٕ ہشدی پزِیدِ کھنٛن دیوو ہکھ　　مۆژرووہکھ سہٕ شالہٕ سُنٛد کرنز

(چنٛدرا ڈاسی)



ژھوپہٕ کر پانو ینہٕ ژٕ ے تمبلکھ　　پانہِ مَنٛزٕ پزٕ زلان نار ڈیشکھ

نالہٕ ژٕ ے رٹہٕ ہن کرٕ ہآس مونے　　سُے میٖے منے کھٔنٛی تھےٚ گول

(موہنی کول)



گبوان گبوان گژھ ہبوان تُسنٛد ناو　　مہٕ کھوژ اوٚ برس کری ژےٚ کیٛاہ واو

ستچہِ لنٛجے پٹھ تَسنٛد چھُ ٹھہراو　　پزٕ ژٕ ہتھ ژٕ کأنٛسے تمٔس شرن گژھِ

(سنتوش شاہ نادان)



سر پھہٕ پزٕ کرتھ ژٕ ے تژ او　　امر ہتھ داماہ ژٕ چاو

دِل پھُٹمُت چھُ درپن　　غاَرس سپٕر مووَن

(گرِجا کول)



ہتھہٕ گٔنٛز ہیٚرِ کنہِ ونہٕ آو لمچی بکھتی شاعری چھنہٕ عقیدتی پھیرن اہمیتھ دِوان۔ کأشرِس مَنٛزٕ رۄ دا کوے شاعٕ　ب وقت شیوَ ویشنوَ شاکت تنتر یا سرِیتس

پیٹھ پڑھ باوان۔ 19 ؍ہمہِ صدیہ ہٕنٛدِس شاعرس نِش اوس امیُک وجہہ یِزِ سُہ اوس تہٕ ملک گیر تحریکہِ ہُنٛد ہم کال شاعر بلکہِ ییٚلہِ یمہِ سارِیے شاعرانہٕ لنجہِ بے معنے گاٛمژ آسہٕ تیٚلہِ ووتلوٚ سُہ۔سون وطن ویلاٗ ے شاعر اوس یمن سارِنے شاعرانہٕ کیٚو فِکری لنجن تجربہٕ کھوتہٕ زیادٕ بطور قومیتہٕ کہِ جاے پناہ استمال کران۔ یہِ شاعری آس تس یہِ ڈٲلِزِ تہٕ کاشریتُک پنُن مخصوص رنٛگ رُژھرِتھ تھونٛک وعدٕ کران۔ یعنے یہِ بکھتی شاعری چھےٚ پرٛزنتھ قومیتھ تہٕ کاشرہتہٕ ہتی بنے ہِتس ترٛکوٚنجل دُنیاہَس اندر تس پناہ دِنچ گارنٹی ویٚشواس تہٕ شرٛن۔ تہٕ چھُنہٕ اتھ ییٚہِ کانٛہہ خاطر خواہ جواز۔ یودزن اتھ اندر پنُن پان پرزناونچ ہتھ کُنی عام شاعر ہٕنٛدِ خاطرٕ زاتُک پرٛزر معاصر پرٛزرس مقابلہِ تھٲوِتھ مولہِ ناونچ کتھ کرنہٕ یِوان چھےٚ۔ یہِ کتھ چھےٚ صرف زبانٛی ہٕنٛدِس سۆتھرس پیٹھ کانٛہہ وُقتھ تھاوان کُنہِ موثر تہٕ مُستند تجربہٕ کِس سۆتھرِس پیٹھ تہٕ۔ توٚ ے چھِ آسی وُچھان یتھ بکھتی شعرس اندر زبانٛی ہُنٛد وطیرٕ رژھا تخلیقی سۆتھرِس واتان چھُ سُہ چھُ سون توجہہ پانس کُن نِوان۔

ہتو جو گیو قسم چھُے میانہٕ لولُک
منٛکی پاپھ میانٛی تارِ ژِ موژِ تولُکھ
یہٕ اگ چھُس کیاہ کرن مکہٕ ے تہٕ تبرَ ے
ہتو جوگیو مےٚ زالُم پنہٕ نارَ ے

(پرٛان ناتھ بٹ غریبؔ)



گژھان مےٚ چاۍنۍ براٛنٛتہٕ چھم نمان بہٕ چھُس کنبن
ژٕ وُچھتہٕ چھُم بہٕ کیٛتھ سبزریزر ونےٚ پزر

(پیارے ہتاش)



ساٛلا چھِ ماٛلُک ییٚمہِ بۆ سرٕ ے
ییٚتہِ چھُنہٕ گرٕ ے چھُ گرٕواتُن
زان کر برجہِ ہالہِ من مندرٕ ے
تمہِ تور تتہِ ناو پرٕ ے کیٚنٛہہ

(برجہ ہاکی)



أزِچ بکھتی یا یتھ حرفِ عامس مَنٛز لیلا شاعری وۄنٛکھ چھِ ژٕ کہِ زباۍنۍ پیٹھ شاعرٕ ہِنٛدِ قوبٕ تہٕ تسنٛدِ بحرو رتاونس پیٹھ قو درتھ واجیٚنٛز شاعری۔ یہِ چھُنہٕ زُونٛک مرٕنٛک کانٛہہ نبرل تہٕ توٚو تجربہٕ پیش کرن واجیٚنٛز شاعری۔ ییٚتہِن زباۍنۍ نوبر دژیٛنٛٹھمان گژھان چھُ تتہِ چھُ پرن وٲلِس پیٹھ گوڈٕ گوڈٕ تیٚتھ تاثُر ضرور پیوان زِ شاعر ہِنٛدی تجربن چھےٚ زبان لُب ہیٚژ۔ مگر یتھےٚ نظمہِ اندر رِوایتی کتھن (یِم بہتر محاورس مَنٛز کرتاۍنۍ ونہٕ آمٕژ چھےٚ) ہُنٛدے اوپ ژووپ وُچھان چھِ تجربُک سون انداز چھُ مبالغہٕ باسان۔

ژٕے اے اٹہٕ تےٚ ژٕے مَنٛز گارس
ژٕہتہٕ ووٛنٛدٕ یارس مٹہٕ اِدٕ کیٛاہ
ژٕینٛ مَنٛز پھاٹوِتھ ژٕے پیٹھ تارس
ژٕہتہٕ بآزٕ گارس یکہٕ وٹہٕ کیٛاہ

(بِملا رینہٕ)



لیہٕ تہٕ لوسم لیوٗم نہٕ پانٛس
لینہٕ لینہٕ لگِم تآری
بڑٕ مے سرٕ کِس ییتھ وآنٛی وانٛس
آنہٕ خانٛس وڑٕوٗگ باپآری

(بِملا رینہٕ)



بُکھتی ہُنٛد سری روٗپ یا وَنو زِ انفرآدی سِری تجربہٕ ییٚلہٕ بکھتی ہٕنٛزٕ باوژ ہُنٛد ووٗلُت گرِتھ اظہار سَپدان چھُ (سِری تجربہٕ ہیٚکہٕ غآر عقیدت یا بکھتی ورآے تہِ آسِتھ) زبان مُبہم ہٕنٛزٕ چھےٚ گنہِ حدس تانٛی قدرتی۔ زیرِ بحث شآعری مَنٛز آو مُبہم زبآنی ہُنٛد صحی تہٕ غلط استمال تہِ کرنہٕ۔ صحی استمال چھُ صحی تجربُک نیب دِوان تہٕ ییٚتہٕ تجربُک ژھربر آسہِ تتہٕ آسہِ زبان خآلی روایتی لفظہٕ راش۔ ووٗنی گو تجربہٕ تہِ آسہِ گوٚن تہٕ زبان تہِ آسہِ شفاف سو چھِ عظیم شآعرۍ ہٕنٛز پچھان۔ بھاگہِ وان دیٚدِ

ہُنٛد تجربہٕ چھُ نبرل اَستھ تہٕ تیٚوٗتے سہل باسان تِکیازِ تمہِ زبانٛی چھُ شیٖشہٕ پٔٹھکی پاٹھی گاش اوٕر یوٕر تران۔

نظمہٕ ہُنٛد انہار چھُ لُکہٕ بأتگ ہیٚوٗ رٕسٕیل تہٕ تجربس اندر چھٔنہٕ ہاون گری بلکہ شوزر۔

| | |
|---|---|
| ژٕ چھُکھ عقلہِ ہُنٛدے دِیپ | حُکم میٖوٚن چھُ شیشکلہٕ رٕپ |
| چراغانس بن سوار | مجلوٗنہٕ زار و نآیوٕ |



| | |
|---|---|
| رَوٗژھوٚ رُے پژٕوٕ ہرن | شِولوٚبُم پاَنٛی یے |
| کرٕشنہٕ ورنے ویشن لوٚبُم | نِشہِ سنہٕ زانٛہہ یٔژ دانٛی یے |
| یَم زانٛتھ بڑم ژوٗلُم | خم کوٚرُم گوٕرٕ دیاَنٛی یے |



أتھی ضمنس مَنٛزٕ وُچھو بِملا رینہٕ ہِنٛدی یِم واکھ:

| | |
|---|---|
| منے دوٗرُم منے وہٕژورُم | کلہِ مل ژلہِ اِدٕ پوٗنٛی وُزِ ناگس |
| منہٕ نٕے ہأوٕم منٛجٕ وتھ | ژٕ ژمہِ بہٕ ہمہِ توٚ و نوِ جوش |
| منٕکو منٛگے مالے تورُم | گوشہِ گوشہِ پلزٕن آتم آغس |
| منہٕ نٕے دِژٕنم منٛجٕ ستھ | اِدٕلل تڑ اگس پھولہٕ ہوشہِ پوش |



یِمن واکھن مَنٛز باوتہٕ آمٕت تجربہٕ چھُنہٕ ژکہِ کٹھُین یا کٕڈرتہٕ زبان تہِ چھےٚ ویٚدہن لفظن اندر وبہٕ تصویرٕ ووتلاوان یُتھ زِ خیالُک واتہٕ ناوبہٕ شاعر بِنٛدِس سری سوٗنچس أثرِ مَنٛزی گرٛشان چھُ۔ ووں گو یہِ کتھ روزِ بحث طلبی زِ صرف واکھےٚ مَنٛز یوت ہکو اسری تجربُس بہتریٖن باوتھ کٔرتھ۔

واکھ صِنفہِ نوٗو زُو زہتہٕ بخشنچہٕ واراہ کوٗشِشہِ چھےٚ ترٛتہٕ تہٕ سپز مژ یمو ستی کینٛہہ بُنیأدی ادبی سوال ووتھی۔ غزل چھِ از زِنٛدٕ صرف تموٗ نوٗو تجرُبو (معنے کیو تہٕ زبأنی ہِنٛدبو تجربو) کِنی ییم اردٕ کیو کاٗشرِس مَنٛز سپدے ییہِ۔ مثنوی تہٕ منظوم ڈراما ژھوکے یہِ تِکیاز زِنٛدگی ہُنٛد تسلسُل تہٕ موٗسیقیتھ بنے یہِ پانےٚ سوال یِمن کانٛہہ قأیدٕ بنٛد جواب چھُنہٕ۔ واکھ چھُ موٗلہِ تلہٕ ''ادیاتم'' یا عرفأنی سِریتچہٕ کیفیژ ہُنٛد مظہر۔ یِنہٕ زِ ادیاتم یا سرِیت ما چھِنہٕ حقیقتھ یا حقیقتکہٕ تجرُبچ کانٛہہ وتھ ہاوان بلکہ یِمن ہُنٛد تجربہٕ چھُ ووٗنی صرف عملی سوٗتھرِس پیٹھ باوتھ لبان۔ یِہُنٛد گیان یا امہِ گیانہٕ مَنٛزی گذٕرُن چھُنہٕ جدید زِنٛدگی خاطرٕ اپُز مگر تمہِ گیانچ باوتھ چھےٚ علمی یا شاستری حدن تانی شاعرانہٕ ووٗلُت پژاوان۔ بالفاظ دیگر تمہِ گیانُک تجرُبہٕ اگرے شاعرس گومُت چھُ سُہ چھُنہٕ تتھ تجربس شوٗدِس تخلیقی تہٕ ازکل کِس وبہٕوِنس محاورس مَنٛز باوتھ کٔرتھ ہیوٚک مُت۔ اگرے از شےٚ ہتھ ؤری بژونٛتھ یِیلہِ شیو فلسفہٕ لُکن وُرُن تہٕ وتھرُن اوس، للہِ گیان ووکھناونہٕ خاطرٕ موزوٗں ترٛین زبان تہٕ محاورٕ گٔرتھ ہیوٚک یُتھ واکھ خألص شعری تجربہٕ بنٛتھ ووتلوٗ ازکونہٕ چھُ تہِ سپدِتھ ہکان۔ شبہٕچ اوٗنِچ تجرُبہٕ کِس حقیقتس کُن ووٗنی چھےٚ لأزمی۔

زبان اگر مبہم آسہِ تمۍک عصری وجہہ ہکو اُسۍ سانہِ سمۍک گٹہٕ زوٗل مانِتھ۔ مگر یہِ گٹہٕ زوٗل ما ہیکہِ اِنسانس تمو تجربو منٛزی بیٛیہِ گذ اُرِتھ یمو منٛزی سُہ ہتہٕ بدٕ وٕری بڑ وٕنِتھ گذرِتھے اُزۍ کس سمیٛس اندر روٗتمت چھُ۔ گٹہٕ زوٗل گژھِ ترسیل گژھُن سہل تہٕ سیٛدِس لفظس کیٛو لفظہٕ ورتاوس منٛز۔ یہِ لفظ تہٕ محاورٕ ییٚلی سانہِ پننہِ زمانک آسہِ تیٚلی ہیکہِ صاف تہٕ شفاف بنِتھ تہٕ وٲتہٕ ناوبر سہل بناوِتھ۔ کینٛہہ رٕژ مِثالہٕ چھےٚ یمہٕ:

نوٗٹا تُجوم ناگچہٕ رایے

مدٕ چے مایے پاتاٗلی پیٛوم

ووٗٹھ مےٚ لاٗیم ترٛیٛٹہِ ہٕنڈِ آیے

گوٗرٕ کرٕ پایے اتہٕ روٗٹ گوم

(بِملا رینہ)



ست زن کھُسۍ تھے ست سنگ وٕگس

ستِ دیٛوس ماران ژھال

گیٛری رنگہٕ دستار النکار جوٗگس

زٕنٛدٕ موٗرژن ستۍ ناٗلی نال

(بھوشن ملا)



یُس پوختہٕ کوٚنڈِ مٔنزٕ دڑاو
سُے موکھتہٕ ہار ہبتھ آو
رۄٗزِتھ نسبر انٛدر ژاو
گژھ وۄن دِوان جگرو

(پران ناتھ بٹ غریبؔ)



بکھتی شاعری ہنٛدِ ہیٚرِ کنہٕ کہِ موازنُک مقصد چھُ امہِ نہجہٕ ہنٛدِ دُبارٕ نوٚن نیرنہٕ کِہن وجوٗہاتن تہٕ امہِ ستی سانہٕ زیرِ بحث شاعرن ہنٛدِس ذٔہنیتس دۄنٛژھ دِنی تہٕ یہِ نوٚن نیرنُک عمل شاعری ہنٛزِ نُمایاں مولانکونہٕ دوران وۄژھناوُن۔ یہِ عمل اوس نہٕ منصوٗبہٕ بنٛد تہٕ نہٕ کُنہِ نام نہاد شاعرانہٕ پالسی ہُنٛد نتیجہ۔ اتھ أسی پٔنٛزٕ کیٚنٛہہ عارضی تہٕ کیٚنٛہہ مُستقل وجوٗہات۔ یہِ چھنہٕ مُشراوُن زِ بکھتی شاعری ہُنٛد تیٚمی وقتہٕ پتہٕ نوٚ امکانات نسبر نیرُن تہٕ پھاٚلُن اوس 90 تہٕ پتچہِ کُلہٕم شاعری ہُنٛد اکھ منطقی عمل۔ سماجچہِ اجتماعی بے چینی ہُنٛد اوس یہِ اکھ از مۄدِ انفرأدی ردِعمل تہٕ یُس نار تہٕ مارکِس ماحولس پٔنٛزٕ پاٹھی لول سمرپن تہٕ شٔہجارُک تسلا دِوان اوس تہٕ ستی یم گون کاشرِ یتکی مۄلہٕ ترکیبی عناصر شکلہِ پیش کران اوس۔

نتہٕ اوس نار تہٕ مارُک ماحول وُنہٕ زِنٛدٕ ے تہٕ امہِ کہِ ہمنکی یا گلنکی آثار چھنہٕ باسان جل کیاہ گژھن نموٗدار۔ نارُک خیال چھُ سأنس شاعرس وِزِ وِزِ کاشہٕ ناوان آمت۔ امیُک اظہار کرنہٕ وِزِ چھُ بعضے شاعر رِواًیتی بیانس زیادٕ لولہٕ کھوٚل کران:

شینہٕ یِکھا ژٕ سون زانٛہہ
نار تیوٗنگل الاٚندی چھم
تہٕ چھس پکان ہتایہِ روٗس
پھیٚکِبن الاٚنز لاش چھم

(موہن لال آتش)

نارُک اثر آغاز تہٕ انجام کیٛاہ ہیٚکہِ امہِ کھوتہٕ زیادٕ آستھ زِ شاعرس چھُ پان ہتایہِ روٗس زِندٕ۔ ٹرجڈی چھےٚ یہِ زِ شاعر چھُ ضمیرُک راٚچھدر آستھ تہٕ امہِ ٹرجڈی ہُنٛد شِکار بنیومُت تہٕ راہ چھُ پانہٕ پےٚ کھاران۔ پٔنٕنۍ لاش چھس پانہٕ ہے ٹٕلنۍ:



وُچھ سوٗنتھ تہٕ بیٚتہِ تتہِ آے اماپوٗز یاد چھیا
تمہِ ہرٕدُک دزٕوُن ویٚہہ تہٕ زہر چھُم ناٚلۍ اُچھن

(وجے ساقی)



انہِ گوٚٹ روٗتُل
کُس ونہِ کیٛاہ ونہِ ......

اٚندری اٚندری لاوٕ سرس ما پھیران گژھ کھ

سرِ شاہمےَ لوٗگ ژٕکھ بو رٕژس
اسمانس تام کھوٚت ووزجار

(پریم ناتھ شاد)

کُنۍ دَرِ بُنلۍ دِیُت سنہر پھو نُنس مَنز
پھِرِتھ کاکدن پھیُر ذہانتھ ژھٹو کیاہ

(اشوک صراف گھائل)



بُتلہِ بووان ییٚتہِ نارِ ے نار
کتہِ انہٕ شین تہٕ کھیاوَن تاپھ

(برج ناتھ بےؔ تاب)



افسۆس مگر
مےٚ چھِ کھتےٚ متےٚ پانس نارِ پھُکتےٚ
رۆ دنہٕ زن آس نارِ بُسر
سُہ چھُ چون پزر
یہِ چھُ میون پزر

(کلھن کولؔ)



ساٚنۍ شاعرن یُس نار وہتر ووتھ چھےٚ تس ووٚنۍ باسان صِرف تیٚہہ بدلیمژ۔
تس بزوٚنٹھ کنہِ چھُ سوال تمچہِ حقیقژ ہُند تِکیٚازِ سُہ چھُ صرف شاعر وکیل سیاست دان
یا جج چھُنہٕ۔ 90 تہٕ پتے یوسہٕ شاعری جلاوطنی اندر یا وطنس اندرِ ے سَپدے یہِ

تمیٚک شاعراوس نٔشمہٕ ہوٚت تہٕ حالاتن ہنٛزٕ کنہٕ نتہٕ گنہٕ وۄکھنیہٕ پأش پأش کران۔ وجہہ اوس زِ امہٕ اِنسان کُش صوٗرتحالُک اثر اوس وُنہٕ سطحس پیٚٹھے یہٕ اوس نہٕ وُنہٕ تسنٛدِس ژینن عملس ہرِ بون وۄتھمُت۔ حالاتھ اُسی جذباتن وُتُش دِوان تہٕ جذباتے اُسی باسان اُخری پۆزر۔ جذبن اندرٕ ۄن کاری دِنک عمل اوس نہٕ پزنہٕ پأٹھی شوٗروٗ گومُت۔ وونی یێلہِ زِ ذہنی گوٚہنی ہێتِن سوٗنچس تہٕ اظہارس پھُٹے پوٗختہٕ گی آمٕژ۔ اتھ چھُ معنے ہُک گوبر آمُت تہٕ زبان چھےٚ صحی تہٕ مناسِب محاورٕ ژھاران۔ یہِ وُچھتھ چھُ سون شاعراز راون تیٚول یا پوٚت کل ہوبن حقیقتن بدلٕ آیہٕ ژرژان تہٕ تہنٛز باوتھ چھےٚ مختلف انہار رٹان۔ سُہ انہار چھُ ازلی بے قرأری ہُنٛد یێمیٚک وجہہ بے بسی چھےٚ۔ بطورِ فرد پنہٕ نیٚبے تھٕری ہتس نِظامس تہٕ بطورِ بُلحوس اِنسان پانٕے دِتی ہتس نارس بزٕوٚنٛٹھ کنہٕ بے بسی۔ امیٚک وجہہ چھُ تسنٛدِ زخمی ژیٚتُک مُستقل جِصہٕ بنیومُت اِوکنی چھُنہٕ سُہ وبۄزھناوُنُک ضرٗرتھ۔ امیٚک انجام وُچھِتھ چھُنہٕ تس خودکشی کرنُک شوق بڈان۔ بس اکھ سوٚت سوٚت دگ چھےٚ تسنٛد رُح بےٚ سوکھ بناوان۔ یہٕ دگ چھےٚ گرا مویوٗسی تہٕ گرا انتشارس زیوٗ دِوان۔ بہرحال چھُ یہِ سأنس شاعرسُنٛد مُستند تجربہٕ باسان یتھ ریاکاری ہُنٛد چھہہ چھُنہٕ۔

شوزررووزیہنس زہر پھوٚرٕ وِہُل

نہٕ کانٛہہ شِکو روٗ ذُے پلن چھأوکتھ

(موتی لال مصروٗف)

سورُے چھُ سۆپُن یِی چھِ وُچھان تی چھُ سرابا
ہا پانہٕ ژٕنے چھےَ پے تہٕ گژھان کیاہ ژٕنے چھےٚ بُل

(تیج راوؔل)

یہِ چھےٚ اُمِس اِنسانہٕ ہنٛز تژاسدی زِ شعور چھُس ہُشیار۔ سُہ چھُ حالاتن وبژھنے گرِتھ ہبکان مگر لون چھُس یِی زِعاًنہِ وقتہٕ چھُس نہٕ صحی فاًصلہٕ ژُین تگان۔

وُچھو یہِ راتھ ژٕلن گوڑٕ تہٕ گاش ہتھ سونٛچو
چلو سُہ گاش ہِنس تام یِی بہانا روٗد

(تیج راوؔل)

یہِ نہٕ زِ راتھ ژٕلتھ ماچھُ سِرِ یَس ضروٗر کھسُن۔ تتھ پتہٕ تہٕ چھنہٕ کانٛہہ پژھ روٗزمٕژ۔ یہِ بہانہٕ ہیکہِ اُمِس کینٛژس کالس گانٛگل گرِتھ تہٕ تہِ چھُس پے مگر متباًدِل تہِ چھُس نہٕ کہیں۔

اُچھ پھورِ ہے ما واونےَ ترِ ہے بدل
پوٗشن اندر ژٕوٗل مۆت پھر اتھ کیاہ کرٕ کھ

(موتی لال مصروٗفؔ)



تیلہٕ سڈکن میلہٕ وادن ژھوپہٕ ژھوپےَ
یوٗت گدُرن ونتہٕ نتہٕ باوِیا شہر

(سُنیتا رینہؔ)

نتہٕ' یعنے اَسہِ چھےٚ خبر ے تہِ سَپد نہٕ۔ کتھ کرِ نہٕ کاںٛہہ۔ پزٕ روزِ دم پھٕٹِ گژھی تھےٚ۔

بے عار کلنڈر تہِ مُدے گنٛڈِتھ خشمہٕ ہوٚت
انٛدری طلاطُمن تہِ بُرٛنٛوی تہٕ پٔہر گٔری قضا

(رتن لال جوہرؔ)

ییٚلہِ وقتِ بے عار گژھِ شأعر کس نِش باوِ دود پٔنن؟ زِنٛدگی باسہِ موٚچھِ مَنٛز سیٚکہِ ہٕنٛدی پأٹھی نیرِتھ ژلان۔

| | |
|---|---|
| وُدٕناہ کرٕ ہا | محورس پیٹھ چھُس نژان |
| کُنہِ تہِ خلوت شایہِ | اتھٕ بارٕ دوہ چھُم زِنٛدگی ہُنٛد |
| بس فرصتھ ہَنا | گوٚب سبٹھاہ |
| ووہٕی مےٚ گٔرنم مرٕژٕ پیٚپٕنز | (مکھن لال کنوٗلؔ) |

زِنٛدگیہِ ہُنٛد بار چھُنہٕ موٚدُر یا ٹیوٚٹھ بلکہ کیٛاہ تام ڈُلمُل یُس صرف وبوٚ دُر تُلان چھُ۔ شأعر سُنٛد المیہ چھُ یِہ وونس تہِ چھُس نہٕ فرٕصتھ۔ یِتھ صوٗرتحال چھُ ذی حس اَنسانس عجیب انتشأری ذیہنیتس مَنٛز دأرِتھ دِوان۔ اکھ ہا بتھ ناک تصویر چھےٚ ووتلان۔

بتا گٔگم تہٕ سوٗر پھوٚل
شِشیٛاہ موغُل چھُ ڈوٗلی ہتھ
وچھس خبر چھُ کیٛاہ شبس

وُنگان ہوٗنی چھِ از ژوپٲری

دپان کولن سٕہ تار روو

خودلیہِ ووٗنی رحم ژٕ کر

(موہن لال آشؔ)

وُچھن چھُ یہِ زِ اتھ ہولنا کہ منظرس مَنٛز چھِ شنیاہ موغل تہٕ ہوٗنی سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ باحرکت تہٕ فعال تہٕ اتھ پس منظرس مَنٛز چھُ شاعرس باسان زِ تس چھےٚ ہِتا گٔمٕژ۔ یاتہٕ استمالُک موقہٕ محل نہٕ آسنہٕ کِنۍ یاتہٕ ضروٗرتھے نہٕ پینہٕ کِنۍ۔ اتہٕ ہیکہِ سُہ زُوتھ تہٕ پھوٗلِتھ یُس پٔنُن اہم یا ضمیر طاقس پیٹھ ٹٔلِتھ تھوِ۔ اوے چھُ یہِ ہم کال شاعر تِتھین شاعرن تہٕ نکھہِ یوان یِہنٛدی مسلہٕ بدل چھِ یم نہٕ گرٕ نِشہِ یا پدِ تلہٕ کہِ زمینہٕ نِشہِ مُچھ گری ژتی چھکھ ییٚلہِ زَن سائنس شاعرٕ ہِنٛدی سٲری مسلہٕ امی وجہہ کنی پاد گامٕتی چھِ۔ یہِ چھُ دراصل سوٗنٛچن رٕوی یک ہشر۔ نتہٕ چھےٚ وطن ویلأ ے شاعرٕ ہنٛز اُڈرن بدل تہٕ مؤلہِ اِنسٲنی یا آفاقی مسلن چھےٚ تس نِش دوٗیمہِ درجِچ فوقیتھ۔ سون یہِ شاعر چھُ نہٕ صرف زمینہٕ تہٕ زمینی تولقو نِشہِ بلکہ فِکری وراثژ ہِنٛدِ اژھین رِشتہٕ نِشہِ تہٕ ژھیونمُت ییٚلہِ زن عام شاعر آسنٕس مَنٛز بے آسُن ژینان چھُ۔ سُہ چھُ بےٚ وطنیہِ منہٕ موأفق ووکھنیہِ کران تہٕ وطن بدری اکھ عالمی سوٗنٛچن ژکفی یتھ مانان یوسہٕ بہرحال بِلکُل بدل قسمِچ ووکھنےٚ چھےٚ تہٕ کاشرِس بےٚ وطن شاعرٕ ہنٛز ژکفی یتھ ہیکہِ نہٕ تمو پیمانو کِنۍ اُنکہٕ ونہٕ یتھ۔

بےٚ وطن شاعر چھُ تِتھو تضادو مَنٛزی گذران یم صرف سُہ سمجِتھ تہٕ

سمجاوِتھ ہیٚکہِ۔ تَم سمجنٛکی پیمانہٕ ہیکو کھ نہٕ اَسی جدید مشرقی یا مغربی تنقید مَنٛز ووٚزِ می اَنتھ۔ یِتھٕ کٔنٛی ہیٚر کنہِ ونہٕ آو اُمِس چھُ پَنُن پیتھ کال پنہِ کلچرل وراثتُک تہٕ پزِ زٕنتُک آگُر آسنہٕ کَنٛی ووٚنی زیادٕ ٹوٹھیومُت باسان۔ یہِ چھُ تسٕنٛز پچھانہِ ہُنٛد سوال تہٕ اِو کَنٛی چھُ امیُک جوازتس نِش موٗجوٗد۔ مگر تسٕنٛز بد قسمتی چھےٚ یِتہٕ زِ ازکال وہٕژھناونہٕ وِزِ چھےٚ بعضے پیتھ کاہِچ نظرتس مصنوعی تسلا دِوان باسان زِ لنہِ گٹہِ پتہٕ یِیہِ گاش۔ سُہ چھُ گرا ودان تہٕ بے درد لگہِ ارساتِس اندر کاٗنہہ ہمدرد بوزن وول ژھاران گرا چھُ پاٗنَس پیٹھ اسان زِ بے معنے اَنٛدی پٔھس معنے دِنٛک تگ دَو کیاز چھُ کران۔ اوے چھےٚ تسٕنٛز زِنٛدگی وولساوکیو المیہ کٔنہہ کھٔنٛڈی پھٹٕ ژِہٕنہ ہُنٛد اکھ سِلسِلہِ بنے مُت۔ سُہ چھُ یسلہٕ پاٗنَس کیو زمانَس طنز کران۔ کاٗنٛسہِ فردس نہٕ بلکہ تتھ صوٗرتحالس یٔیمیُک کاٗنہہ شبقہٕ خدوخال چھُنہٕ۔ وولساوٕ وِزِ تہٕ چھُس نہٕ بُمہٕ گوبر ژلان۔

تارکھ کیاہ تام مُدیہِ دُچھان
اَچھ ٹٹہِ وارس کتہِ فُرصتھ

(شمبھوٗ ناتھ بٹ حلیٖم)

یہِ کیاہتامے چھُ تسٕنٛدِ المیہ ہُک وجہہ تکیازِ تس اوس اراد تارکن ہٕنٛدِس ابدی حقیقتس پٔنُن کاٗنہہ معنے دِیُن۔ گویا خوشی ہُنٛد وجہہ چھُ برقرار اگر زن سو خوشی شرطن گنٛڈِتھ چھےٚ۔

راتِچ واٗنا کی گیہِ پانے صُبحٕچ بزانتھ
سر چھُ سرے

کوسہٕ وکھنہٕ کرٕ
سِر ساوٕنی کتھن

(ارجن دیو مجبوٗر)

ووٚمید ہیٚکہِ کینٛژس کالس دوٗد مٔشرا وِتھ مگر قوٗدرتکی اِشارے ییٚلہِ تہٕ غار مُبہم آسن۔ یِمن اشارن روٗد اِنسان ازلہٕ پیٹھے معنے دِوان تہٕ علامتھ گٔنٛزران۔ چوٗنکہِ یہِ معنے اوس عمومی، امہِ عٔتی باسیوٚ انفرادی دوٗد زن تہٕ وننہٕ روٗد۔ انفرادی دوٗد چھُ زیادٕ بوٚڈ پرزرتہٕ سائنس شاعرس چھُنہٕ یہِ زانٛہہ مشان۔

غم میانٛی
یِمن دفناوبم کُس
چھا کانٛسہِ ہمتھ
ژھرکتھ کتھ کرنس حاصِل کیاہ

(پریمی روماٰنی)

یہِ کتھ چھُنہٕ مدید وبِژھناونٕچ ضرورتھ زِ مختلف سماجی کیو سیاسی نظری یو کرٕ کشیرِ پیٹھ ساسہٕ بدِبن لُکن ہنٛدِ ژلنہِ کِس واقہٕ ہَس صرف امہِ کِنی نظر انداز کرنٕچ کوٚشش تِکیازِ یہِ واقع آو مولہٕ تنگ نظری ہنٛزن بُنیادن پیٹھ تشکیل دِنہٕ تہٕ اتھ منٛز آورنہٕ آمٕتی لُکھ آسی نہٕ عالمی بُنیاد پرستی عٔتی مُنسلک۔ یہِ چھِ اکھ آیرنی مگر حقیقتھ چھےٚ یِی زِ تِمھوٚ نام نہاد ترقی پسند تہٕ آزادانہٕ سیاسی نظریوٚ کرٕ امہِ واقع ہٕچ شِدت کم بیان کرنٕچ کوٚشش۔ پتہٕ مہٕ ژھلکہِ ووٚنٛدٕ مژرُک ذِکر کرنس عٔتی چھُ امہِ

واقعہ ہُک ذِکر لأزِم بنان حالانکہِ امہِ وِزِ آیہِ سانہِ دأنِش ورطبقہٕ ریاکار صوٗرتھ اَسہِ بزوٗنٛتھ گُن ۔ اتھ ریاکارِیہِ اوس چونکہِ نام نہاد عوأمی زبأنی اندر اظہار دِنہٕ آمُت اِو بَکِنی پہوٗ کأشرِس زیرِ ذِکر شأعرس تہٕ تمی عوأمی زبأنی ہُنٛد استمال کرُن حالانکہِ یژھ زبان چھنہٕ تخلیقی پٲٹھۍ تہٕ ووپزاو بٔنتھ ہیکان ۔ اَمی چھےٚ أمِس شأعرس پےٚ

سرساٗمی شامن ہنٛز چھم دژِ ہے
روٗپہٕ ٹبن بُتھی نِے ہٮ۪ہِ ہام
نیبرِم میچھر سپدیو پھٔکی
أندرِیُم وۄنیہٕ أخر نوٗن دژام

(پی ۔ این ۔ کول سائِل)



ہٕی ہٕی ییٚنتہٕ اُسی گأمتی ڈأسی
اَسہِ چھنہٕ مرنس سوٗنٛب فرصتھ

(اومکارناتھ شبنم)



مےٚ تہٕ میوٚن گری گری زیٚنتھ تہٕ ہأرِتھ
پأرِتھ کتھ روزِ روٗنہِ زانپان
اتھن پھکھ چھ یکُر مأرِتھ
ؤہرِتھ کتھ کیٚتھ دستر خان

(روشن صرافؔ)



کم تانٛ یپأرۍ وزاے نۓ اَس زان تہٕ پہچان
لٹہٕ بارِ تِمن اَس شاید لاش گٔژس مَنز

(جواہر لال سرُوٗر)



یہِ چھا محض اِتفاق زِ اٰخرالذکرشعُرک تہٕ رحمان راٰہی سٕندِ یِمہِ شعُرک اِستعارٕ چھُ ہیٕوے باسان حالانکہِ احساس تہٕ تجرُبہٕ چھُ دوشوٕنی بیٚون:

نہَ اورٕ کأنٛسہِ مبے پزژھُنم تہٕ یورٕ کینٛہہ وۄنمکھ
رۄیٕوٕدٕ ہم نفسن ہُنٛد سفر تہٕ خاموشی



المیہٕ چھُ زِ وبتراونک عمل چھُ ہمیشہٕ ذی ہوش اِنسانن خاموش کران تہٕ ذی حبس شاعری چھےٚ شورس مَنز تہِ خامۄشی باسان۔ ژکہِ چھُ پزر یہِ زِ خاموشی چھےٚ بےقرار شاعر سُنٛد لۄگ لون تِکیاٚزِ دگہِ ہُنٛد انتہا چھُ کلٕہٕ راوان تہٕ اند رونس کھولو دِوان۔ دِل چھا گُل زِ کرٛاپ گژھبس؟ شاعر چھُ پٔژن رٕ وۍ یہِ بدِ کڈنس مَنز مشغۄل۔ سُہ چھُ پنہٕ نِس تواٰریخس تہٕ ذات ناس باربار سام ہیوان زِلس یہِ گدران چھُ سُہ چھا لس لون رِنہٕ تسنٛدِ زُون انداز ک ثمر۔ تِسنٛز حقیقتھ کیٛاہ چھےٚ؟ سُہ اوس نامُکمل کأشُر زِ کٔشیرِ مَنز تسنٛدی سٕنی مۄل تہِ ہیکِی نہٕ لس کھڈا روزِنچ توژھ دِتھ۔ 16 ہَن ؤری یَن ہِنٛدِس یاداشس پھیُر پھیُر دِتھ تہٕ لس دزاو کیٛاہ؟

مےٚ گو یہِ نیٚوٕ دیٚہادٲوِ چھوکھ

اُسری ہیٚۍ حال وُچھن تم تہٕ تژن

(تیج راول)

شعرس اندر اگرے زبان اکھ بدٕون رنگ رٹان چھےٚ تتھ چھُ وجہ۔ انتہاۂی حقیقتس ستۍ ژھتی لاگیہٕ وِزِ چھےٚ زبان فطری میلانس کُن لمان یہٕ زن اَسہِ لیلا شاٗیری وبڑھنے کرنہٕ وِزِ وُچھ۔ بہرحال چھُ شاعر دِوتا ہنٛدِ پٮ۪ٹھ راکھسس تام کہِ زنمہٕ کشٹک آگر ژھاران تِکیٛازِ سُہ یتھ گرٛٹس لۄگ تمیٚک مُبینہٕ وجہ چھنہٕ تس وبژان۔ تٔنٛد سوال چھُ بہرحال سوالے روزان۔

ڈل ڈٔہِ دِژِ ترٛاوتھ پاں ژادرو سرٛۆز

سہلابہٕ سۄتھ یرٕن چھےٚ سیکہِ لبن ژسن تہِ چھےٚ

(پی۔ این۔ شاد)

گوڈنیک مِصرٕ چھنہٕ محض صورتحالُک بیان بلکہ شاعر ہنٛدِ تل ژیٚتھک ژھانڈو۔ دۄیمس منٛز چھےٚ حقیقتھ تجربٕچ شِدتھ ہاوان۔

یَم شاعر چھِنہٕ وونی کانٛہہ تہِ حقیقتھ پننہِ تجربہٕ منٛزی گُذارنہٕ ورٲے تہٕ بلا شک منظور کران تہٕ اتھِن چھُ طنز یِمن ہنٛدِ باپتھ سارِوے کھوتہٕ کارگر ہتھیار بنان۔ طنز تتھ پٮ۪ٹھ یہِ تٔمۍ وُچھ تہٕ ژیٚون، طنز تتھ پٮ۪ٹھ ییٚمہٕ کنۍ سُہ تٔنٛدی جن لۄگ۔ اشوک کول رٔیِنٛس ہنٛز نظم ''اُرنگ اُٹنگ'' نی تو۔ چھُتہٕ یہِ اکھ وانٛدُر یُس کانٛسہِ تہِ جانورٕ ہنٛدی پاٗٹھی بے زرر آسِتھ ہیٚکہِ مگر کاشرِس شاٗیرس چھُ امہِ ناوُک عجوبہٕ اتھ

موثر استعار بناوٕنَس منٛز کامیاب گومُت۔

یہِ چھُنہٕ معتدِل نہٕ عادِل
أمِس گژھِ نہٕ وُنن کینٛہہ
نہَ پرُن وعظ نہَ کرُن واد
أمِس چھُنہٕ مائنٛژ بوے
ہارِ کأنٛٹھ کأنٛکل مس گرِتھ
ہر کأنٛسہِ دِوتاہَس بُتھ زِلن

(اشوک کول ریٔس)

وُچھن لایق چھُ زِ اتھ منٛز آمِتۍ حوالہِ چھِنہٕ وٕنۍ حقیقتھ آسنہٕ باوجوٗد نظمہِ ہُنٛدی شعری پزر موثر استعارٕ بنہِ نَس منٛز رُکاوٹھ پأدِ کرِتھ ہبکان تِکیازِ نظمہِ چھُ طنزیہِ رٕویہٕ۔ طنزٕک پوٗرٕ طاقتھ چھُ اتھ ہشن نظمن منٛز وۅتلِتھ ترسیل مکمل کران۔ موہن لال آش چھُ ''پھلا دیش'' نظمہِ منٛز کأشرِ رِوایتی پیشنگوئی ہُنٛد لفظ تہٕ محاورٕ تخلیقی معنے ہَن تانی واتہٕ نأوِتھ طنزٕک بہترین استعمال کۆرمُت:

یِیمہِ وٕری ٹیک رازٕ چھُ بزمراچوک
واہن چھُس راکیٹ لانچر
گرٛیہدبن پٹھ چھُس ہینڈ گرینڈ

نظمہِ ہنٛز اکھ اکھ لأن چھےٚ ہم کال خوف تہٕ خدشن ہُنٛد ماحول ژِتراوںہٕ خأطرٕ صرف کینٛہہ مخصوص لفظ استعمال کرِتھ اہم تہٕ معنے برٕژ بنےٚ مٕژ تِکیازِ لفظ چھِ

پتہٕ تناظر منز کڈتھ سیاسی تناظرس منز شیرنہٕ پأرنہٕ آمژ ۔ تتھے کنی چھِ یتھ نظمہِ منز تواریخی واقاتن أزی کس بےبُجھ ماحولس اندر حوالہٕ رنگی استعمال کرتھ امکأنی صوٗرتحال ووتلاونہٕ آمٕژ ۔

تس چھےٚ ووُمید
اتھ پمپوشس
کھسہٕ نہٕ جل اُدبھوٗ
کشپ ریٚشس پیٚیہِ نہٕ برمن
پھٹراوُن
پھال ہیتھ بالن لارُن پیٚیہِ نہٕ انتس ......

(آر۔ایل۔بٹ)

طنزُک ہتھیار چھُ یتھ نظمہِ منز تہِ تہٕ اتھ منز تہٕ چھُ ہیرمہِ نظمہِ ہُند ہیوٗ اسلوٗب استعمال سپدمت تہِ امہِ ستی چھِ یہِ ہم کال کس حقیقتس پیٹھ اکھ اہم کمنٹ کران۔ یژھ نظمہٕ چھےٚ شأعری ہُند احساس تہٕ شعوٗر زیادٕ موثر طریقس منز باوان تہٕ بیک وقت تہُند غم تہٕ بےزأری ہُند سروکار ظأہر کران۔

☆☆☆

# بھوٲنی بھاگیہ وان دبد



ناو : بھوٲنی (تارا)

قلمی ناو: بھاگیہ وان دبد

زہنہٕ جاے: ژٕین اڈۍ گوم، دیوسر، کولگوم کشمیر۔

وٲرِو: مرُن پلوٗوم کشمیر۔

زاسنہٕ ؛ 1900ءٕ (اندازن)

سورگہٕ واس: 1975ءٕ

خانداراُسُند ناو: پنڈت تیلکھ چنٛد

گور: ا۔ سوامی گووِند کول (ونپوہ)

۲۔ عبدالاحد زرگر (سرینگر)

مطبوٗعات: منہٕ پمپوش۔ نومبر 1998ءٕ

(بھکتی تہٕ صوٗفی شاعر سۆمبرن)



عیاٰشی عَیار بےٚ ابھِناٰشی خاوار بےٚ
وۄیدن ہُنٛد وبستار بےٚ دیۄدن ہُنٛد دیدار بےٚ
ظُلماتک زُنار بےٚ شِوالس شہمار بےٚ
خیالُک پرکار بےٚ دَیالس دشوار بےٚ
دفترُک سرکار بےٚ آشرٕ رُک اخبار بےٚ
خزانَس ماہوار بےٚ انزانَس ووپکار بےٚ
سِلسِلُک گِلکار بےٚ بُلبُلس گُلزار بےٚ
دُلدُلس سوار بےٚ بیدِلس دِلدار بےٚ
ساگرس ہُنکار بےٚ آگرس پھموار بےٚ
ندہرس رفتار بےٚ ٹیچرس گُفتار بےٚ
مُقدر نارو نار بےٚ کِشورَس آبشار بےٚ
بیقلس تھردار بےٚ عاٰقلس وردار بےٚ
شیٖشکلہِ ہُنٛد خُمار بےٚ شنکرس مُختار بےٚ
گنیش بےٚ کُمار بےٚ تارا ا تارا ا تار بےٚ

---

ا بھاگیہِ وان دیٖد ہُنٛد واٰری وٕ ٹیک ناو۔



ہی اگورے نۆرکہِ نۆرَے — بہٕ گۆرٕ گۆرَے کرآئیو

مبے مَنٛز منے چھم چانہِ رونے — بہٕ چھونہِ چھونے کرآئیو

ہی ست گورَے ژرا ژرَے — ژبے ژامَرے کرآئیو

ہی گووہنٛدَے ژرنار بہٕنٛدے — بہٕ بنٛدٕ بنٛدَے چھلآئیو

سۆہم لیَے کالہِ بھیَے — چانے زیَے بلآئیو

کنٛن ہٕنٛدے ہا کنہٕ دۆرَے — ژبے کوفۆرے ملآئیو

چھُکھ موکھٕ موکھَے ژۆلُم دوکھَے — غرق گٲیَس گرآئیو

سُدامٓ زانِتھ سُہ دھام دیُتُھم — یُس مونٛگ یۆگیشورآئیو

چھُکھ ماشُرٕ کرمن کھُرٕے — مبے کاس سُے چھُم زرآئیو

انٛدر اژَرے أنٛدری نژَے — پھیرَے نہٕ برٕ برآئیو

پرٕٛچھ بوچھے مبے ہتہٕ کوچھے — نِنُم نہٕ یَمہٕ کینکرآئیو

سُہ چھُم ڈٕرَے مۆنٛگَے ورٕے — دِیُتھم شِو شنکرآئیو

چھَس انزانٕے اَن پرمانٕے — تولُم پۆرٕ درآئیو

یَس چانٛزٕ زانٕے سُہ بھاگیہ وانٕے — ونان چھُم ستگورآئیو



شاہ چھُم دیدنٍے مَژ     شاہی چالہِ ویسْیے
گاہ چھُم وعدنٍے مَژ     گاہ سمِوادنٍے مَژ
گاہ چھُم نادنٍے مَژ     اندر مالہِ ویسْیے
گاہ ڈٔری یاوٍسے مَژ     گاہ چھُم واوٍسے مَژ
گاہ بالہِ باوٍسے مَژ     گِندان بالہِ ویسْیے
گاہ چھُم نِشہِ پانس     گاہ آکاشہِ تھانَس
گاہ مَژ بارانس     امژٔبتھ والہِ ویسْیے
گاہ یارس یارٍے     گاہ چھُم غم خارٍے
گاہ یار لولہِ نارٍے     کوتاہ ژالہِ ویسْیے
گاہ ست سنگہِ نٍے مَژ     گاہ مژٍدنگہِ نٍے مَژ
گاہ روٗنہِ زنگہِ نٍے مَژ     نژان ڈالہِ ویسْیے
گاہ وِوہارٍسے مَژ     گاہ گُفتارٍسے مَژ
گاہ سون نارٍسے مَژ     اندر ہالہِ ویسْیے
گاہ سون دلنہِ دانَے     گاہ بنہِ دُردانَے
گاہ جانانہِ پانَے     نآلی نال ویسْیے

گاہ تٕر اوِ پانہٕ پےٚ مَنٛز    دانَس دلنہٕ پےٚ مَنٛز
یُتھ خوبانہٕ پےٚ مَنٛز    کُکِل نالہِ ویٚسیے
دِیُت گوٚش بھاگیہ وانٛو    مدٕہوشی سدا شِو
گووبنٛدٕ ناوٕپےٚ ہبتھ    پیٚالا ڈالہِ ویٚسیے



مےٚ لُالہِ پٔرمےٚ عمہٕ سِپار    مُجلوٗنہٕ زار ونٲیو
دوشوٕے پوٚرمُت چھُ فُرقان    دوشوے اَسہِ قُران خان
ژٕ وٕزِیر بہٕ سرکار    مُجلوٗنہٕ زار ونٲیو
گورن ہاوِیہٕ دوشوے چیٖز    دوشوے اَسی رُتٕے پیٖز
حُکم میٚون چھےٚ نارونار    مُجلوٗنہٕ زار ونٲیو
ژٕ چھُکھ عقلہِ ہُنٛدے شَم    حُکم میٚون چھےٚ لولُک بم
دیدَو چھِہ لیکھنٕی ویدٕ اخبار    مُجلوٗنہٕ زار ونٲیو
ژٕ چھُکھ عقلہِ ہُنٛدُے دِپ    حُکم میٚون چھےٚ شیٖشکلہِ رِپ
چراغانَس بَن سوار    مُجلوٗنہٕ زار ونٲیو
بن سوار دِ اخبار    عقلہِ ہُنٛد چھُکھ وٲقف کار
گوڈٕ گرٛدِ ہوٗرن مالہِ سرکار    مُجلوٗنہٕ زار ونٲیو

ژ چھُکھ عقلہِ ہُنڑُے کُل — بہٕ چھُس لنجہِ لولُک گُل

پتھے روزَے کتھ شُمار — مُجلوٗنہٕ زار ونأیو

ژےٚ چھے عقلہِ ہُنڑُے بوش — مےٚ تتھ کوٚرمُت فراموش

سر أستھ ژ سپدا کار — مُجلوٗنہٕ زار ونأیو

عقلہِ نِش چھےٚ نہٕ لولس جاے — عقٕل تھٔوِے لولن داے

تالی رٹی تالے وار — مُجلوٗنہٕ زار ونأیو

عقلہِ ستۍ چھے اہنکار — تمی لولن دُتُس نار

دستِ پاک گٔرِتھ دسبردار — مُجلوٗنہٕ زار ونأیو

بیقل سوداَمٕس مَنز باو — کرٕشنَس کیشن ولنہٕ آو

سوٚشیلا بےٚ خوش گُفتار — مُجلوٗنہٕ زار ونأیو

بیقل رٕکھمن دوہ اکہِ روٗٹھ — پارِ زالتس تلہِ کنہِ بیٹھ

بنڈن گوس ژنڈن دار — مُجلوٗنہٕ زار ونأیو

رادھایہِ دوٗپُس شِہلس بیہہ — کرٕشنَن ناو زانہہ مہٕ ہیٚیہِ

یتھ سمسارس دِمس نار — مُجلوٗنہٕ زار ونأیو

چھے بھاگیہ وانَے سُے باپار — یتھ مَنز روٗد کھٔژِتھ نار

تتھ کیاہ کرنَے سمسارٕ دار — مُجلوٗنہٕ زار ونأیو



گڑلیہِ لجَم آیہِ پرَن     وڑلیہِ ہِندوستاٗنی یے
جام چیٚیم رام پرَن     نام روزن میاٗنی یے
رَو ژھوٚرُے پڑو ہَرن     شِو لوٚبُم پاٗنی یے
کڑشنہِ وَرنےَ ویٚشن لوٚبُم     نشہِ سَہٖ زانہہ یُڑداٗنی یے
یم زاٗنِتھ بڑم ژوٚلُم     خم کوٚرُم گورِ دیاٗنی یے
سونہِ ہُنڈُے خارِ اوسُم     وارِ کھُڑس ہاٗنی یے
کتَرُکے تاٗمیر کُری زیا     ہُٹ ژھانڈے چھاٗنی یے
نوٚو ژےٚ نقلا کیاہ بنووُتھ     پڑون پراتاٗنی یے
زر زیوٚر ءستی تُلُم     ءکتی چھَم قورباٗنی یے
شیرِ زیٖلتھ شیر گیَس     ہیر اٗسم کاٗنی یے
جھوٚٹ وُنِتھ لوٹھ کوٚرُنم     پُریہِ پرِستاٗنی یے
دردِ باغس ہی مبے پھوٚجم     تی مبے ووٚنُم لاٗنی یے
رَو بہٖ یے شِو بہٖ یےَ     اوٚم چھےٚ میاٗنی واٗنی یے
اوٚم زُپِتھ اوٚم کار کھوٚنُم     تَو مبے زاٗنِم واٗنی یے
اُش بُکے اشہِ ولنہِ ژُھجم     چھَے سَہٖ زانہہ ڈلواٗنیے

واوِہے مَنٛز ناو رٕٹھم ناو چھُم بھا گیٖہ وآنٛنی ییے
واوِہے آہار کۄرُم سار وُپھُم فآنٛنی ییے
کُکلہِ ہِنٛدی ہوی پرٕی ترٛ آوِم جۄری گووِنٛد سآنیٖیے
آیہِ نیٖ مَنٛز جاے رٕٹن ہیٚنٛچھِن قوران خآنٛنی ییے
للہِ گٔژن اِو دولہِ وُچھنَے لولہِ مُجلۄن خآنیٖیے



چُشمہٕ بہٕ وَنٛدَے چُشمہٕ وُچھَے سورمآلی ییے
رُمن گُمَے بُمہٕ وُچھَے کزٕآلی ییے
ہا گووِنٛدَے مَس بہٕ گُرتھس مَس پیٖآلی ییے
مَس گٔیہِ تَمے یَم ژٕے وُچھِتھ چینہٕ وآلی ییے
کیٖژن پھنٛدَے کیٖژن آکھ خیآلی ییے
کیٖژن شوٗخے طوقِ دُنیا چھُکھ نآلی ییے
کیٚنٛہہ استہٕ استَے خستہٕ گٔرِتھ وُبآلی ییے
کیٚنٛہہ میٚژِ ہِنٛدی یٔژ تھُرِتھ موآلی ییے
کیٚنٛہہ آیہِ اورے کیٚنٛہہ ژٕے نِیَتھ سوآلی ییے
کیٚنٛہہ رَنٛگہٕ رَنٛگے چھٕنٛگہٕ وایان بنٛگآلی ییے

کیٛنٛہہ کھٕتی آکاش کیٛنٛہہ وٕتھی پاتاۓلی یے

کیٛنٛہہ وٕلی لولن کیٛنٛہہ ژٕےٚ رٕوٕشتھ ملاۓلی یے

کیٛنٛہہ گرٕ منٛزٕ ہَر چاۓوِتھ ہَر دٛو آری یے

کیٛنٛہہ واۓتتھ بنٛد گٔری چنٛڈاۓلی یے

کیٛنٛہہ حۄرٕ روٕیے پۄرٕ گٔرِتھ متواۓلی یے

نٛورانہٕ ہاۓوِتھ ژٛوٕرِ ژٛٔجِکھ جنٛگاۓلی یے

وزَان گرٛزان واوٕ أنٛدری وُزماۓلی یے

چھُے قدِ شمشاد اَدٕ بَدول جماۓلی یے

پلٹھ اسمانَس وارٕ وُچھمَکھ مَشاۓلی یے

منٛزٕ دُر دانَس جانانَس چھَکھ ناۓلی یے

شمع رویَس وُٹھ وُچھَے ووزاۓلی یے

زَن قنٛدٕ پھٔلی دنٛد انٛدٕ ونٛدٕ چھی تنٛداۓلی یے

ووڑِ ژٕےٚ وُڈٕنی پۄرٕ پچھمہٕ شُماۓلی یے

چھَکھ شِلہٕ پدمان دِل ژٕےٚ نیٛوٕتھم آکاۓلی یے

امہٕ سِلسلِے دِل چھُ میلان یٔژٕ کاۓلی یے

بن معشوقَے عاشقن مےَ کر خاۓلی یے

وُچھ بھاگیٛہ وانن گٔر یہِ دَیا دیاآلی یے

پیٹھ وسمانن ہمسن ہٕندی چھِکھ آلی یے

گُلِ زعفرانَن ءتیٚ وُچھمکھ مسوآلی یے



گُنی کتھ میاۍ نی کر منظوٗر  وَنن چھے باغِ اِرچ حوٗر

وٕچھُم ویدَن پُرانَن مَنٛز  وٕچھُم آیین قورانن مَنٛز

وٕچھُم دوٚن مذہبن سُے نوٗر  وَنن چھے باغِ اِرچ حوٗر

ڈٕلَن چھُم دوٚن أچھن سورمے  چھَلن چھَس چانہِ شبنمے

گلن چھَس یارٕ موہم دوٗر  وَنن چھے باغِ اِرچ حوٗر

ہیٚنٛزم یارس پیتےَ خاٗری  تمی آیم مےٚ لنہٕ وآری

ہلتھے ساٗری گیٚس منظوٗر  وَنن چھے باغِ اِرچ حوٗر

یہِ کورنم گوٗرٕ ہٕنٛدی واکن  نہَ کھوٗژس قاٗتلن شرٛاکن

نہَ روٗزس لولہِ تیٖرَن دوٗر  وَنن چھے باغِ اِرچ حوٗر

مےٚ نِش مو روز کھٕنٛبَس ژٕ ے دوٗر  یہِ کتھ میاٗنی کر تہٕ منظوٗر

مَنٛگ مَنٛزُل اٗوٕ مُک گوٗرٕ گوٗر  وَنن چھے باغِ اِرچ حوٗر

گوٗرس ءتی گرُم کیوٚ َل  وَرے دِتھ یِی مےٚ موٚنگمے پھل

گُکلہِ ہٕنزٕ بولہِ مَنز کۆستوٗر وَنن چھے باغِ اِرچ حوٗر<br>
گَرُن ترٛییلوٗ کِیی پۄژ کرم گرشہم آسُن گُلس شبنم<br>
گُلس ستی زلان چھے موٗر وَنن چھے باغِ اِرچ حوٗر<br>
زِندس گِندُن مے جانانَے مُرِتھ دِم شو زِروانَے<br>
وَتن یاوُن ستُک سنطوٗر وَنن چھے باغِ اِرچ حوٗر<br>
مے موٚنگمے اوَل پژ باتن گرشہم ست گور پنُن کبھن کھبن<br>
کرَن بھاگیہ وان ژٕ سے اُتھی مجبوٗر وَنن چھے باغِ اِرچ حوٗر



مے جوٗگر دِیُت جوٗگر پاوٕرے دوہ راتھ وُچھمے خاوٕرے<br>
پژھ کر تہٕ میأنس وَنہٕ نَسے کیاہ زلنہٕ زیوٕ پیٹھ اَنہٕ نسے<br>
بوٗزِتھ کرِی گُس باوٕرے دوہ راتھ وُچھمے خاوٕرے<br>
زَرٕ زَرٕ زر ژھُن ہالہِ مے اولاہ وُچھمے پیٹھ تالہِ مے<br>
دَم دِتھ ہمسنز چھِم پَرٕے دوہ راتھ وُچھمے خاوٕرے<br>
دَم دِتھ بہٕ کھُژسے ہیوٚر گُنٕے سوٗہَس تہٕ ہمَس کوٚر گُنٕے<br>
یارَن مے گُرنم یاوٕرے دوہ راتھ وُچھمے خاوٕرے<br>
کیاہ اندرٕ کیاہ نبرَے ڈیشتھ بہٕ چھُس بے خبرٕے

چھم ژٕژھرُن ما راوِرے — دوہ راتھ ؤچھمے خاوِرے

چھُ شیٛپہِ روٗزِتھ ییہِ کۆت — مےٚ بتیٚ پانٕس ییہِ کۆت

ژٕز رَز نیربس ما وَرِے — دوہ راتھ ؤچھمے خاوِرے

گوَ ژھینہٕ مےٚ سوزِے یوِرٕ ئے — گوَ کنہٕ مےٚ آلو تورِ ئے

کھَس پاوِرے وونی آوِرے — دوہ راتھ ؤچھمے خاوِرے

جایاہ مےٚ ؤچھمَے کیٛاہ زبَر — نَے شمشانٕہ نَے قبر

شاہن چھہِ شاہی ٹاوِرے — دوہ راتھ ؤچھمے خاوِرے

کیٛژَن چھِ آکاشس مُدے — تمنٕے چھُ پژکاشی وودَے

رٕژھ موٗرکھن نشہِ محاورے — دوہ راتھ ؤچھمے خاوِرے

چھوٕ بھاگیہ وانو سُے مولی — کیٛاہ چیز چھے حاتم طیی

زرِ زرِ سُے زرِ زیورِے — دوہ راتھ ؤچھمے خاوِرے

# ارجن دیو مجبوٗر



ناو: ارجن دیو

قلمی ناو: مجبوٗر

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 16/اگست 1924ء

سوٗکوٗنت: زینہٕ پوٗر، شوٗپیٚن، کشمیر

حال: دوارِکا، دہلی

تالیم: ایم۔اے (ہیندی)

پیشہ: وستاد (رِٹایرڈ)

مطبوعات: کلام مہجوٗر (1945) ۔ امن تہٕ زِندگی (1956)، اوٚبرٕ شیٚچھ (ترجمہٕ میگھ دوٗت)، کُلیاتِ لالہٕ لکھمن (1982)، دشہِ ہار (1983)، دَزِوُنی کوسم (1987)، کرٛشن جوٗ رازدان (مونو گرٛاف ساہِتہ اکادمی)، ئِدرٕ سمِیکر (1993)، کتھ تہٕ وتھ (شُری ڈلیلہِ)، تیٚوٗل (1995)۔

تنقیدی کِتاب: تحقیق (1999)، اَرنہِ مال (2004)۔

انگریزی: Leaves of Chinar (کاشرِ نظمن

ہُنٛد ترجمہٕ )۔ Waves ہٕ ایڈیشن (99-2000)
یم چھِ کوٗنگ پوش رِسالکو سب ایڈیٹر تہٕ آسۍ متۍ۔

اعزاز تہٕ ایواڑ : (ا) نیشنل سانگ اواڑ (ریڈیو دہلی 1966)۔
(۲) کلچرل اکادمی اواڑ (1995)۔
(۳) گولڈ میڈل، (پوئیٹس فاونڈیشن کلکتہ (1999)۔
(۴) کرٛشن جوٗ رازدان سرسوٗتی سمان (2005)۔
(۵) سِلور میڈل (کے۔پی سبھا کلکتہ 1999)۔
(۶) وِتستا اواڑ (ناگراد ادبی سنگم جموٗم 2005)۔
(۷) راشٹر بھاشا پرچار اواڑ (2005)۔
(۸) سمپرٛتی سمان (2006)

یِہنٛدن کاشُر نظمن ہُنٛد ترجمہٕ چھُ بنگالی، کنڑ، پنجابی، ہیندی، ڈوٗگری، تیلگو، انگریزی تہٕ اُردو پاٹھی تہِ آمُت کرنہٕ۔ یِہنٛدۍ افسانہٕ تہِ چھِ ترجمہٕ وِتھ واریاہن رِسالن منٛز چھپیمتۍ۔ پانہٕ تہِ چھِ ترجمہٕ کار۔

پتاہ : فلیٹ نمبر 380، پاکٹ A، فیز II، سیکٹر 13، دوارکا، نیو دہلی۔ 71۔

## لفظہٕ کامن

باوتھ ڈٕ زہرٕ دوٕ ناگس منٛز

ہۆ ہۆ! نار

دوٕنٛد مژرس منٛز

ہوشہِ وٕنس

گوشن لٔجمٕژ روشہِ لترٕ

وبگلتھ گوٗمت اکھ اکھ رُم

ژندن کُلہِ کس شیٚہجارس منٛز

کوچس کوچس بزٕم بزٕم چاےٚ کی

حُسنہٕ بہارس

دوزخ نار

رنٛگہٕ مثالین دۆر نظر

کأراہ نۆمرِتھ کامہٕ دِواہ

زنتہٕ رٕہتھ گوٗمت رنٛگہٕ زۆل

زنتہٕ وٕسی گوٗمت پٕژتھ کانٛہہ

پوشہِ پٕژنکس کھٔتۍ ژٔنی جوراہ

اکھ نیران، بیٚا کھ چھُ شیٚشد رٮ۪یُو

ڈالہِ چھِ پلوان مہریٚنہٕ لٔکھ

باکہٕ چھِ دم پھٔٹ شرٛاکہٕ وسان

گتکھ ...... گتکھ



## بِر

یہٕ چھُ بِرٕ ے

کوٚسہٕ وکھنےٚ کرٕ بِرٕ ساٮ۪و کتھن

اکھ اکھ ژیٚوٚہ

کوٚہستانن ہٕنٛز منٛزٕ لی گتھ

اکھ اکھ پل گرٕی ہاٚنکل

ژلہِ وٕنہِ سمسارٕ چ وسہٕ دزٕ وس

ہوٚہس منٛز پنہٕ داو

یتھ پیٹھ گھرٕی لد وتھ چھِ پکان

ازلی وق چھُس

ٹھاہ ٹھاہ گرٕی گرٕی ژوٚرِ پژسان

جودتھ پوشن ہنٛز مُشکاوُن رنٛگ

ژ کہِ دپھ ہردس لایُن نا دسُلی

أکی سُنٛد مَشراوُن

شینٛکیاہ ژاپُن بیٚیہِ ہنٛدِ باپتھ

راتٕچ واْناْ کی گٲیہِ پانےٚ صُبحٕچ بزانتھ

ہِر چھُ ہِرٕ ے

کوسہٕ وکھنےٚ کرٕ ہِرٕ ساْوی کتھن



## أہوَتھ

أہوتھ ہٮ۪تھ شبدن ہنٛز آس

أگنہٕ کونٛڈس منٛز زوُلُم پان

اتھِ فوٚل منہٕ وُسجارٕچ ارزتھ

کوچھِ منٛز ہٮ۪تھ سمیکی طوٗفان



منہٕ سٔدرس چھم ازلی باوتھ

گوشن ہنٛز تنہاْیی ٹاْٹھ

روشن گرٛشھِ لنہِ گٹہِ مَنٛز مۄنٛزِل

موٗلن لگہِ بیٚیہِ لوو جہار



آنَس کتھٕ ییٚن خال گرٛشھن نٔنٛز

اسہِ ہے دیوٕ منہٕ موت جہاں

شوٗقس ییٚیہِ ہے ادنٕچ دِیوی

گتہٕ رینٛز کرِ سِریس ءستی مان



## شیٖن

چترٕ کارا

رأتی راتس

گوٗ تخٔیل کنہٕ پٔرِستانَو اپور

بَس گُنٔے رٛنگاہ چھوٚکُن

ووٗہرُن تہٕ شاہکارا گوٚرُن

وٗزھ بَنٛس آکاشٕ گنٛگا

پوٚس بوٚرُن مالن

کٔرِن موٗکھتس امبر

عالمس سوٗنٛد رٛیار پھیٛوٗر

یِکھ قلم ٹھاہ ٹھاہ کٔرِتھ

شِونزٕنہٕ لۆگ

اۆبرٕ طوٗفان ہرموٗکھس

جل ولنہٕ آو

أنٛی گٔنٛڈِتھ دوٕد کول اماکٔی مارٕمٕتی

شِشٛھرِتھ کھأری نَس نابدٕی کدٕل

سال کۆر بُتراأژ

چھٕتی کوترٕ نیکی

ژٔسِتھ آٔمٕتی ژوپأری

پۆشہِ نۆلوَ ہیۆت گوٗن پارٕدی مُقام

فن تہٕ فنکارا گٔژھِتھ یکجا

نٔوے کھوٗٹ رٔژِتھ

وٕڑیکس کھسان



# ویۆکھٕت سۆپُن

خوشبوٗنی شنگرٕفی اتھ
آکارٕ ٹتھ منٛز منٛزلس میاٗنس
زُونکشنے کُمی کلا کارن؟
نم گٔرِتھ زٔرٕتھ رژٕ فلی
کُس تانٛ شوقلہِ ہٕندی نقش
کُس تانٛ أہی کرِونہِ......
دیوی ہٕندی انگوٗری اتھکی
کُس تانٛ مہرینہِ ہٕندی
مانٛزِ برِتھ گُلی



اتھ کُس تانٛ دِوتا ہٕندی
یُس روٗزِتھ گومُت دیانس منٛز
نتہٕ گوتم بُدھ
انٛوٗگرٕہہ مُدرا دٲرِتھ



سنگرن کھسہٕ وِنی
قزق تیٖرا
تیز سونڈرنم کھمبرٕن ٹھاسان



تھنہٕ پہوٗن مأصم
موچھِ وُڈی تھےٚ
چِخ لاٚیتھ

وُزواں لوو وجوٗد
موچھِ منٛز چھُس
گُستاں راز گیٖتھ

سۆ پناہ زیٚوٹھ
زِنٛدگی موٗخصر بوز
چھےٚ مرنے پتھ ہُشیاری بس



خوٗشوٗ ژنگرفی اتھ
چھُکھ نارستانک پژون نموٗناہ

ژھنہٕ گوٗمت شاہکار مرٕژ نِش
شیرٕ تھ اوٗسکھ تاقس میانِس
وقتن تھوٗوٗمت سوٗرے ژاَ پتھ
گرٕ مئیون
نم چاَنۍ
سوٗرے سۆ پناہ اوس وئکھُت



## مُمکِن نامُمکِن

ییٚلہِ پمپوشس تھنہٕ پیٚیہِ برٛ ہما
ییٚلہِ قوٗدرتھ بیٚیہِ ہیٚیہِ نۆو زنما
کرِ مانسروٗر تھٔدِ اَسنُٕ
آکاَش کھسن سونہٕ ساَوۍ صدا
اسماَنۍ وُڈاں ییٚیہِ پانےٚ ہَر
میٚ تہِ ماَج کٔشیری گٔرزِ خبر



وسہِ سِر یِہ ڈٕکس دِیِہ میٹھی لگن
ہٕبن شوقہٕ نژٕنی بیٚہِ سورٕگی ون
کھسہِ شۆژ وتِہتا یارٕ بلن
دِیِہ گرٛ لیہِ ویشو کنہٕ واجہِ کَنن
روٗپہٕ لٔہرن بُکھ دِن ژٕندن سَر
مےٚ تہِ ماجِ کٲشری گَری زِ خبر



وُزِ امرِتھ بیٚلہِ بروٗچھ ناگن
بُہٕ رلیہٕ پھولن کوسم وُڑرن
کولہِ راد نژن منٛز مآدانن
رۆو گری گری درتی موکھتہٕ جرن
بیٚہِ نٔوی بساون گامُو شہر
مےٚ تہِ ماجِ کٲشری گَری زِ خبر



ژٕلہِ گامسِل سأئنِس شوقہٕ ڈلس
شاہ توس چھلن نیلس آبس

تِن پٔرۍ یہِ دِوَے لاگن شرٛانس
بێیہِ ژٲنٛگۍ دزن پرٛتھ وٲرانس
سوکھٕ سٲوۍ پھولن رٔنٛگین صحر
مےٚ تہِ مٲج کٔشیرۍ گٔرۍ زِ خبر



کرِ راتھ دیا وُزِ موکھتہٕ کھبلن
سٲلانٛ متھن پنہٕ نٔبن چشمن
شبنم ییٚلہِ دِیہِ شوژر نظرن
خوشبویہِ لمبکھ آکاش کھسن
یُس ڈیشہ سُہ پانے سَپنہِ امر
مےٚ تہِ مٲج کٔشیرۍ گٔرۍ زِ خبر



دژیٛنٛھاک ژلن، تہذیب پھولن
سٔنۍ زخم بلن، بیمارِ گلن
تھدِ جویہِ وسَن، کوہ بال پرٛسن
باپٲرۍ ترَن باپار کرَن

پژتھ جایہِ کھُلن امنٛکۍ دفتر
میٚ تہِ ماجٕ کٲشرۍ گرۍ زِ خبر



ییٚلہِ کیسرونہٕ منٛزٕ شال کھلن
کونٛگہِ ٹۆرۍ کرن سنتن ارپن
نژِ وادی گوڑٕ گرۍ لاگہِ کھورن
ہِین ژٕلۍ ژتیٚ ئو بُستی لاگن
کھسہِ المن ہیٚیہٕ آبے کوسر
میٚ تہِ ماجٕ کٲشرۍ گرۍ زِ خبر



ییٚلہِ ذاتھ وُچھنۍ تہِ سپنہِ مناہ
گرٕتھِ نٲگی رایس پۆرِ مُدا
ہیمال تمٕس پٹھ سپنہِ فِدا
پزٕ لولہِ کربس پزٕپچھ پۆزا
ییٚلہِ وۄلسُن ہیٚیہٕ اکھ اکھ سنگر
میٚ تہِ ماجٕ کٲشرۍ گرۍ زِ خبر



سوپۆری ۱ بھجن گیوٚ پڑاران چھس
پوٚز سمیچہِ رزِ نِش حآراں چھس
گاہ پڑاران گاہے تھاراں چھس
اوٚش ژۆری راتس ہاراں چھس
مجبوٗرس آشن نیری تر
مے تہٕ مآج کٔشیری کٔری زِ خبر

۱ مشہوٗر سنطوٗر وادک بھجن سوپوری۔



## غزل

کمہِ زآوِیہِ سمبلاوکھ من
یێتہِ چھی گآمتی زیٖہنن کھن
ہرشنن تامتھ وٕتھی پرگآلی
ہنہِ ہنہِ موکلِتھ گوٚ دامن
یتھ لرِ سآری بر گیہِ بنٛد
ووٕنی کتہِ لر تڑاوکھ شامن

شرۆکنبن ژاۂژ اکھ اکھ وتھ

سیۆد پکہٕ نَس گاۂژ کامن

شہرٕ تیٚتھے ۂژھ کاتہہ بیمآری

سال کوٗرُس گامن گامن

اۆنگجن چانبن خوٚن کڈِتھ

چھِٹھ کڈٕہے پتہٕ نبن جامن

تژامہٕ پٹِس پیٹھ تھاو لبھِتھ

بالہٕ کننبن نیرن بامن



## غزل

زِندگی ہُنٛد زہر چوان روٗدُس

نارِ صحٕراو منٛزی دوان روٗدُس

ژونگ بُڈ کمل تہٕ واو وۆتھ قہرُک

کاروانُک گُنے نِشان روٗدُس

حرفہٕ چیٚشمن سٕدر تھوٚوُم لیکھِتھ

گردِ امبارِ منٛزی ژلان روٗدُس

میٲنہِ صبرُک چھُ امتحان جاری

چانہِ جبرُک ثمر ٹُلان رۄزِس

راس آیم نہٕ کانٛہہ تہِ جایاہ مےٚ

کتھ زمانٕس انٛدر زوٗان رۄزِس

میٲنۍ آواز اکھ سٕتچ کھۄٹ

شوقہِ پنہٕ نے یہے رچھان رۄزِس



# شمبھوٗ ناتھ بھٹ حلیمؔ



ناو : شمبھوٗ ناتھ بھٹ

قلمی ناو : حلیمؔ

زاسنہٕ : 1924 عیسوی

سۆکوٗنت : اُرہ تحصیل کولہٕ گام اننت ناگ کشمیر

حال : کشمیری اپارٹ منٹس ، پیتم پور، دہلی۔

تألیم : بی۔اے، پربھاکر، ساہیتہٕ رتن۔

پیشہٕ : کینٛژس کالس رٕ دُمت ووستاد۔ چھیکرس آکاش وانی مَنٛز، نیوز ریڈر، تبصرٕ نِگار۔

مطبوعات : کاشُر : بالہٕ یار (شاعری)۔ بابا فرید سٕندٕ ن شبدن کاشُر ترجمہٕ۔ وۄتھہٕ ہٕنٛدی آلو (شاعری)۔ رُت شہری (کاشُر ترجمہٕ)۔ کاشِر ڈِکشنری (ننٛٹ وٕرکہٕ باپتھ)

ہیندی : لل دید (موخصر زان)۔ لل دید (واکھن ہُنٛد ہیندی ترجمہٕ)۔ نُنٛدٕ ریٖشی سٕندی شُرکھی (ہیندی

ترجمہٕ)۔

اِدارت: پمپوش۔ کاشُر سماچار۔ نوئیگ۔

اعزازتہٕ اواڑ: (۱) مرکزی محکمہ تالیٖمک ینامہٕ (1960)۔

(۲) سوہارد سمان (اُتر پردیش)۔

(۳) شاردا سمان۔

(۴) کرشن جو رازدان سرسوتی سمان۔

پتاہ: 1- آئی۔ کشمیری اپارٹمینٹس۔ پیتم پور۔ دہلی۔

## غزل

وخ بدلاوان رخ ان کتھ
کارٕ پٕچ رٔتھ یِہے پتہٕ وَتھ

کھسہٕ وُن رَو وُزناوان آش
گٹہٕ ژھوٗٹہٕ راوان لسُنٛج سَتھ

تارکھ کٔیاہتام مُدیہٕ وُچھان
اُچھ ٹٹہٕ وارس کتہٕ فُرصتھ

زۆنہِ خبر کیٛاہ سۆدرس وۆن
پھرٛکہِ وِنی پھٔری نیٛوس راتھ

سوٚنٛتن بۆرمَس کھاسبن موٚے
یاون مُتٔی نیٛو داماہ چتھ

بُتلہِ یتُھے پھیٛور وچھِ وُشنیر
پوٚشہِ پٔتھر کھٔرِتھ دسوان ہتھ

نیہِ ہنٛزِ لیہِ اوٚن وٚجدس جل
واَتِتھ پیوٚ عرشس تامتھ

بُڈ کبل بُر کران گتہِ گیٛور
ناگہِ نیٛندر پتہِ ڈالکھ وتھ

ونتہِ خٔلیمس وخ آو یور
نکھِ نوٚن روزِ سُہ کوٚت تامتھ



# غزل

زِنٛدٕ جانٛس عذاب مۅکھ تھوٚوتم
اتھٕ پلہٕ وُن شراب مۅکھ تھوٚوتم

گاش آیُت تہٕ وان وۄتھ تھاوِتھ
دولہٕ چشمن سراب مۅکھ تھوٚوتم

رَنٛگ ہاوِتھ تہٕ بۄنگن پیٹھ ساوِتھ
دِیہ مانٛس نقاب مۅکھ تھوٚوتم

چھاونس کیُت تھرِتھ تھوٚوُتھ یاوُن
لوٚنچِہ لمہٕ نٛس ثواب مۅکھ تھوٚوتم

مارِ منٛدِس دوہے گرٕم آہی
چارِ ہانٛژن حِساب مۅکھ تھوٚوتم

بنٛدٕ بشر ڈلان چھُ کھور اکثر
شانٛد اجرِچ کِتاب متہٕ تھوتم

تیٚمی سوالن حلیٖم سفرن لوگ
کرٛیشہِ وُن تتھ جواب متہٕ تھوتم



## قومی ترانہٕ

وطن چھُ ستی ساتہٕ ساتہٕ غم چھُ کیٛاہ
ژٕ چھُکھ نہٕ کُن بہٕ چھُس نہٕ کُن چھِ وارِیاہ
ہِمالہٕ بالہٕ کِنی چھِ اَسی نَبس پلان
سۆدُر چھُ سأنی منٛن چھلان تہٕ تن ولان
چھُ رَو کھسان تہٕ پیٛتھی زمینہِ بُتھ وُچھان
پیٚتی چھُ زۆنہٕ گاش ووسنٛس یوان
کرورٕ بڈی سِتارٕ سأنی رہنما
ژٕ چھُکھ نہٕ کُن بہٕ چھُس نہٕ کُن چھِ وارِیاہ

تیٚمی زٕمینہِ پاٗدٕ کٔری مہاتما
پیٚتی پٔرتھیٚوو شوٗبہِ شرمہِ ہُنٛد ہوا
سُہ گاش تیٚمی انہٕ ژوپاٗری کوٚر فنا
پیٚتی وُزیوو گو جہان سَرٕوَراہ
تَوے چھُ از تہٕ ہِنٛد سون پیشوا
ژٕ چھُکھ نہٕ کُن بہٕ چھُس نہٕ کُن چھِ واریاہ

وجوٗد سون آدٕ پیٹھٕ اَنٛتھ تام
چلان آو راتھ دوہ صبح تہٕ شام
مِٹے بہِ ءکتی قوم، مُلک، اِتہاس
مگر بہِ سون ہِند روٗد نیک نام
یوٗہے چھُ سانہِ زِنٛدٕ روزنُک گواہ
ژٕ چھُکھ نہٕ کُن بہٕ چھُس نہٕ کُن چھِ واریاہ

کٔشیٖر تاجِ ہِنٛد جنٛتُک نِشان
بہٕ موجنٛتُک چمن بہِ گُلِستان
ہمیشہِ روزِ شانِ ہِنٛد درجہاں
پکان روزِ تاابد بہِ کارواں

امن چھُ سون اِبتدا تہٕ اِنتہا
ژٕ چھُکھ نہٕ کُن بہٕ چھُس نہٕ کُن چھِ واریاہ

دوٗدس تہٕ ماجہِ تھوو قدر اوبروے
بنیوٗ خوٗے پننہِ آسنُک یوٗہے
نہَ کونٛچھ کانٛسہِ بد نہٕ لآج کانٛسہِ سوٗے
رتس تہٕ مارِ ہانٛزِ تھوٗنہٕ زانٛہہ تہِ لۓ
بہوٗدُری تہِ ہآو گول شٔتھر داہ
ژٕ چھُکھ نہٕ کُن بہٕ چھُس نہٕ کُن چھِ واریاہ

حلیٖم چھُکھ وطن پرست مہٕ کھوژ ون
بہِ سون ہِنٛد چھُ ٹوٹھ چمن گُل بدن
سوٗرُگ سجوو عالمک بہِ آدمن
یوٗہے چھُ سون، چون میٖون رُت وطن
کرَو نہٕ کٲنٛژِ ٹوٹھ جان اتھ فِدا
ژٕ چھُکھ نہٕ کُن بہٕ چھُس نہٕ کُن چھِ واریاہ



# موتی لال ساقی



ناو: موتی لال رینہ

قلمی ناو: ساقی

زاسنہٕ: 5؍ستمبر 1936ء

اصلی سۆکۆنت: مہنۆر، بڈگام

حال: سورگہٕ وٲسی

تٲلیم: گزیجویٹ

پیشہ: یِم سپدی چیف ایڈیٹر کلچرل اکادمی رِٹایر۔

مطبوعات: (۱) مۆدرِی خاب (۲) کاشِری لُکہٕ بٲتھ (ژور جلد) (۳) گاشِری (۴) آنکہٕ وَن (۵) ناول کیاہ گیہٕ (۶) کُلیات شیخ العالمؒ (ترتیب) (۷) کُلیات پرمانند (ترتیب) (۸) کُلیات صمد میر (ترتیب) (۹) وہاب حاجنی (مونوگراف) (۱۰) نیرِ نغمہٕ (۱۱) آگرنیب

ایوارڈ: (۱) ساہتیہ اکادمی ایواڈ۔

(۲) پدم شری اعزاز

# غزل

وق چھُ اَبلق، واو، آسمانٕی وُڈان
بَس یوٗ ہے ہوٗہوٗ تہٕ شٕی شی چھس پچھان

کانٛہہ نہٕ کتھ کرنَس شٔیج کتھ آش ژھوٚژ
أتھی وُچارَس مَنٛز بہٕ لُمٕی لُمٕی چھُس زُوان

شیٖشہِ کھنٛجہِ، اَہریٖز، کھور نَنہٕ وور دژاس
یوٗت ووتُس بابہِ پَننٕے رَتھ چوان

شہرِ والیوٚ چھُم نہٕ ہیوٚن دِیُن تژ آوِی توم
نگرِ نیرِتھ چھُس بہٕ پانٛدرتھن بسان

کاوِ ییٚنہِ وأنِس سو کتھ ییٚہِ وٲری ووٗنی
اَز چھِ آکاشَس فقط راکھس نژان

پوشہِ پَتھر بن سوسنو بوٚرمُت ہَلم
لُکھ سبٹھاہ نوزُکھ یِمن خوشبوے کھران



کتھ سمیَس باغٕنز آکھ دِلو
ووٗنِد لَد بُتھ پھِس چاکھ دِلو

ٕکن کترٕبن نَتہٕ ہبتہٕ دیٚارَن موٚلی
کر سودا بازر وڑاکھ دِلو

ٕکنز وأنِج کر اوٚش تھاو کھٕٹِتھ
ٹھٹھہٕ کرنے ژھٹہٕ کھے باکھ دِلو

وَق رأسی گرٕھی مولہِ وان کتھن
نہَ چھِ وأنی ویٚدی نہَ چھِ گژاکھ دِلو

پِنہٕ کھور ڈَلی کنہِ کنہِ کرنےَ
چھُکھ ناوَس کیُتھ گر گرٛاکھ دِلو

اَسہِ أنٛدی أنٛدی وُزملہٕ رَقص کران
ترٛٹہٕ وَسنَس گُس کرِ ٹھاکھ دِلو



مےٚ چھُ گوٚب گوُمت پَنُنے پان
تارکھ ترٛڈٕ چھِی ژیےٚ شوٚبان

یَتھ شیٚہجارس مَنٛز شِٹھنیٚوس
پَنُنے گرٕ چھُم قبرستان

تاپلو شہرٕ تہِ وُولُن ڈوٗٹھ
چھیٚپہِ گُس گُس لوٚگ وَسے زانان

بُرگس بُرگس کٔھ کوٚش پھوٚر
نبتھٕ ننہِ وَتھ چھےٚ پَتہٕ لاران

ژَل ییمہِ بُستی مَنز وٗلی وٗلی
زاگہِ چھِ روٗزِتھ ترٛٹہٕ طوٗفان

اکہِ بَرٕ نیرتھ بیٚیہِ مَرِ ژاکھ
واٗنسا ووتُے وَتہٕ ییٖنان

چانہِ تیٖنچ اکھ پَرٕ ژھیٚنی آش
سیٚکی لِس مَنز زَن نخلِستان



نٔکھی چھَم پانَس پٔننی لاش
میٚژِ مَرِ بیٚیہِ کوٚرہم وتہِ ناش

اکھ اکھ کتھ چاۍنی نارِ تیوٗنگل
یادِ ے چھُنہٕ کینٛہہ دوٚد یاداش

نتھٕ نٔیرِ ہے دہتوم روٗخستھ
ووٗنی نا روٗدُم داش ندَاش

پارَے گیہِ از زاۍلو زوٗل
اِنصافس ہٕن اوٗنگجن تزاش

شہرِچ کرٛکھ کھٔرٛش گامن گُن
سوکھِ وِزِ پیٹھ زن پہو آکاش

تیٚمی وُچھ تمی سُند پھولہٕ وُن موکھ
تمٔی دوٗپ زوٗنہٕ چھِ گاۍتی قاش

زار گینٛدُم زیوٗنُم دُنیا
ہارِ ژٔرے نِش سُے چھُم ابلاش

مَرنچہٕ کتھِ بِکتھٕ مۆرُتھ کھور
زِنٛدِ زُوِ نتہٕ چھیہِ کم پاداش



ڈدی بونہِ شِہلی سبزار تہٕ وونی کتھ جایہِ سمَو
پۆد پۆد زن نارِ ے نار تہٕ وونی کتھ جایہِ سمو

پیٚنجہِ ژاٹو پیٚنڈ گیہِ رأسی تہٕ استان ڈیڈی ؤجکھ
کولہٕ رادن لُج گُنڈی تار تہٕ وونی کتھ جایہِ سَمو

گُری یارَو پنہٕ مُری یار تہٕ پَتھ وَن ڈیرٕ دِیتکھ
لگو لارِکی دردل دار تہٕ وونی کتھ جایہِ سمَو

تھَنہِ وَلہِ کھُرٕ سوٗتے شأنٛش تہٕ بڑوٗ ڈ گو واوِ وٗتسی
ڈٔہی سہلابن ٹِکہِ تار تہٕ وونی کتھ جایہِ سمَو

وَن نہوِ کھ تمہ کھُتی چھانٛز تہٕ مرگن داوُک پھۆر
گرِ بار ژھۆرُ ے وہٕ ہار تہٕ وونی کتھ جایہِ سمَو

# واسدیو ریہہ



ناو: واسدیو کول

قلمی ناو: واسدیو ریہہ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 27/دسمبر 1926ء

اصل سۆکوٗنت: بٹہٕ پورہ سوپور کشمیر

حال: سورگہٕ واس سپُد مُت

تائلیم: لوکچارے أچھ گاش راونہٕ کِنہ ہیوٗکُن نہٕ پرِتھ مگر کل أسس تہٕ انگریزی، ہندی، اُردوٗ تہٕ کأشُر ہیوٗچھمن وأنٛجہِ گاشہِ۔

مطبوٗعات: شب گرُڈ (شارٕ سۆمبرن)

ایواڑ: ا۔ جموں و کشمیر کلچرل اکاڈمی ایواڑ۔

۲۔ راشٹر بھاشا سمتی ایواڑ۔

# أہی میٲنٛی

ییٚلہِ ییٚلہِ آسہِ پھُلے گُلزارس تیٚلہِ تیٚلہِ نیزبس أہی میٲنٛی
ییٚلہِ تہٕ زگتھ پیٚیہِ یاد بہارس تیٚلہِ تیٚلہِ نیزبس أہی میٲنٛی



ییٚلہِ تاپس وتھ وُشنہِ درٛمُن پھولہِ درنہِ ژٕٹتھ وسہِ وٕہرأژ روٗد
مستانہٕ وَنن گرٛژھِ سمسارس مےٚ تہٕ میٲنٛس یارس ژٕلہِ ہول
ییٚلہِ لٕٹٕ رازٕ نہِ آلہِ انَن میٚژ شٕیٚستٕر ہأنٛکلہِ یُس کرِ ژٕن
پرٛتھ کانٛہہ پرِ میٲنٛی منہٕ مأنٛتھر چِلہٕ کٕڈی کٕڈی کرِ نارس نوٗر
ییٚلہِ ییٚلہِ یِی کانٛہہ کھارِ دارس تیٚلہِ تیٚلہِ نیزبس أہی میٲنٛی



ییٚلہِ ارداہ نرِ ٹُلہِ تہٕ وتن چھکھِ ژھیٚنہٕ مٕتی مٕری سَپدن سونہٕ سأوی
ییٚلہِ نہٕ مےٚ پپن شہہ گُنٛزرِتھ کھارٕنی تہٕ گلبن آسہِم نہٕ حِساب
ییٚلہِ مےٚ پِلن کھور پٕتھرِس تامتھ نرِ واتن اسمانَس تام
پوٗز پزٕنَس ییٚلہِ عالَم دزٕنَس تامتھ پیٚیہِ نہٕ کرُن ٹھٕہراو
ییٚلہِ ییٚلہِ یہِ وَنن گرٛژھِ وہٕارس تیٚلہِ تیٚلہِ نیزبس أہی میٲنٛی



ییٚلہِ ییٚلہِ ئرُی پیٚڈھی گژھِ اِنسانَس ستہِ گرٕ بون باسبس اَسمان
تن ہانٛس من کرٕیشس لوسہٕ تہٕ پھِری پھِری باسبس پرٕژھیوٚن پان
سوٚمبرِ تہٕ سوٚمبراٗ وِتھ رٔژھراوُن باسبس زَن کاٗلاسُک بار
چھکرِ تہٕ چھکراٗ وِتھ باسبس زن پوشہِ ژنٛجی روٗٹ منصوٗر
ییٚلہِ ییٚلہِ یُتھ کانٛہہ نرِ دِیہِ نارس تیٚلہِ تیٚلہِ نیٚرٕبس اٗہی میاٚنی



کیٛاہتامتھ چھےٚ کمی سمسارس بنٛز بنٛز چھِس بیٚہِ نہوان ویٛوٚگ
زانہِ خُدا کوسہٕ رٕکھ چھَس باتٕے کتہِ نس چھُس، تقدیٖرس کوٚس
سوٚ درَو پیٹھِ شنٛز یاہَس تامتھ گوو ویٚہہ ملہِ ونہٕ بُتھی پھیُر تاٗثیر
اَوے گیٛم دٕے اِنسان انہارٕچ رٕیٚہہ آیَم راس ووٗنُم
ییٚلہِ تہِ یِہِ فن میوٚن ونہٕ یِہِ یارس تیٚلہِ تیٚلہِ نیٚرٕبس اٗہی میاٚنی



## یِمہٕ چھےٚ کتھ

لاثٕین ژھل

لیٚمبہِ پمپوشا — کھُرِ بنگرِ نرٕن

مُژھ جبہٕ خوتن — وَن نارٕ دزن

یہِ چھُ لاثٕین ژھل

زٕگتٕج وبد

اکھ زٕٹھ کتھا — امرٕتھ چھکہٕ رُن

مول زہرس دِیُن — ونہِ کاٗنسہِ نہَ یُن

یہِ چھےٚ زٕگتٕج وبد

میٖوٗن جِگر

یِتہِ روزِ کتھا — پڑٕارُن تہِ تٕتھُے

ژھارُن تہِ تٕتھُے — ہارُن تہِ تٕتھُے

یہِ چھُ میٖوٗن جِگر

سِرِ مولا

یہِ چھُ سِرِ مولا — وِژِ کٕمی کیٚاہ تھوٚو

پیٚڑھِ کٕمی کیٚاہ وٕوو — سگہٕ دِتھ کٕمی توٚو

یہٕ پچھُ سِرِ مَولا

کنہِ پیٹھ رِکھ

دم روزِ دوہا متہِ وَو باوَو

رێِش وآنی چھو منہِ لیکھِتھ تھَو

یہٕ پچھےٚ کنہِ پیٹھ رِکھ



## غزل

نِرنارس دی دی دوہ چھاٗوِم بیٚیہٕ کٔیاہ کرِہا
لفظن ہِنٛدی دفتر ورتاٗوِم بیٚیہٕ کٔیاہ کرِہا

اَدِ ییتھ یہٕ گوَ تتھ گوَ تہٕ مےٚ مُرِ ہیتھ مِیٹھی دِتِس
مجبوٗری ہِنٛدی ژِ ہی گُزراٗوِم بیٚیہٕ کٔیاہ کرِہا

پزِ اپزِ دۄپُم سہٕ تہِ کِسہِ پیٹھ تُلہِ ہَن گووردھن
جذبات تِھےٚ کُنٛی مُژراٗوِم بیٚیہٕ کٔیاہ کرِہا

سیکِہ شۆرُم بٲلۍ دیوٕ پان پٔژن بخشُم تہٕ تَوے
أڈۍ بأوِم أڈۍ ہِر ژھوپہٕ رأوِم بییہٕ کیٛاہ کرٕہا

مٔتۍ پأٹھۍ ونے بڈِ راوٕ زگتھ میۆنُم تہٕ تھۆکُس
أٔخر پیمانَے پھٕٹہٕ رأوِم بییہٕ کیٛاہ کرٕہا

ریٖہہ روزِ نِشانا بس پیٚژِ اکھ خام ستھاہ
سُے یاد گُرِتھ کُل مٔشرأوِم بییہٕ کیٛاہ کرٕہا

# +مکھن لال کنوٗل



ناو : مکھن لال

قلمی ناو : کنوٗل

زاسنہٕ تہٕ دوہ : اول مارچ 1936ء

سکوٗنت : سوپور، کشمیر۔

حال : پُرکھوکیمپ۔ جموٗم۔

تالیم : بی۔اے/بی۔ایڈ/بی۔ای۔سی/فاضِل

پیشہ : ووستاد محکمہ تالیم۔ رِٹایرمنٹ 1994ء

مطبوعات : کأشُر : (۱) لولُک آلو (1959)۔

(۲) دورِ ناہنجار (شہرآشوب 1968)۔

(۳) شہج سنٛد۔ (کأشُر رُبایہٕ 2001)۔

بحیثیت ایڈیٹر ناگراد کِتابی سِلسِلہ ترتیب دِژھِش کِتابہٕ :

(۱) ناگراد لیلا نمبر۔

(۲) ناگراد تحقیق نمبر۔

بحیثیت چیف ایڈیٹر : ناگراد مضموٗن نمبر

بحیثیت کو ایڈیٹر ستی سر : ستی سر مُلا قاتھ نمبر

اوارڑ: (ا) بروز میڈل (1961) منسٹری آف ہوم افیرز گورنمنٹ آف اِنڈیا تہٕ سٹرٹفکیٹ آف آنر۔

(۲) بہترین تبصرٕ لیکھنک اوارڑ۔ اِنسچٹوٗٹ آف ایجوکیشن کشمیر۔

(۳) وِتستا اوارڑ (2001)۔

(۴) کرٛشن جو رازدان سرسوتی پُرسکار (2003)۔

پتاہ: 881، کواٹر۔ فیز III، پُرکھو مائیگرنٹ کمپ، دومانہٕ جۆم۔

## بہٕ دِمہٕ ہا کرٛکھ......

بہٕ دِمہٕ ہا کرٛکھ وَچھس دِیُو بار لوتہٕ ہے
چھُ ژھوپہٕ ہُنٛد ہارِ پربت بارِ کھۄتمُت
شُنٛبس مٔنٛز تھامہٕ باشٕل کُن تہٕ کیوٗل
أنٛدری ژۄرس کسُنٛ کوٗژھ دِکھ تہٕ موکلکھ
برٛشان ہَن ہَن چھُ آکٹوپس پنٛجو ستی
مگر چھُنہٕ ژھوپہٕ ہنٛدِس وأناکھ جنٛگلس
پہوان کانٛہہ چھانٛگ دِیُو ژھوپہٕ شاپھ ژلہِ ہے......



بٔنن، گدٕرٕن، موٗژٕن، راوٕن تہٕ تنٛبلٕن

وِسٕن، وولسٕن، حُسن تے عشق پڑاوٕن

چھُ سورُے ژھوپہِ ہِنٛدِس وُرنٕس پُشرُمُت

سومبرُمُت نارٕ بُزی، سُرٕ موٗڈھ تہٕ حاصِل

کٔتِھ سَپدُن اَکوٗت، اَستھ تہٕ آسٕن

پہوان چھُنہٕ وٕسی اَچھروٗڈھ توتہِ ژھوپہِ ہُنٛد......



بہٕ دِمہٕ ہا کرٕکھ وَچھس دِوٕبار لوتہِ ہے

وَدن گروکھ روٹہٕ ہری گوگلس چھُ کوٗران

أچھن أشی بکہٕ أچھروالن اوٚپزان

کٔتھن پھٕٹؠ گنٛڈی، مُژٕری شاہ شاہ ژومبان چھِم

چھِنے آمژٕ وُٹھنہٕ زِہو سوٚنٛچن چھَس مَنٛز

گلبن مَنٛز بڑکنہٕ أری تے زٕری اَچھر آے

وُٹھن وَٹھ گو خیالن دَنٛد ٹکے لٔج



بہٕ دِمہٕ ہا کرٛکھ شبدٕ ژھوپہِ مَنٛز بہٕ کڈٕ ہَن

ارۄپس روٗپ دِتھ ساکار بنہٕ ہا

مگر ژھوپہِ ہُنٛد بیہِ موکل فِطرتن ژھۄپ

چھُ پارُد ہیٛو وَسان ڈُلہٕ ہر موکھس زَن

بہٕ دِمہٕ ہا کرٛکھ مگر ژھوپہِ ہۄٹ میٚے روٗٹمُت

بہٕ دِمہٕ ہا کرٛکھ کتبن دِمہٕ کرٛکھ بہٕ پانو!



## کتبن اوسکھ

تمِس گیہِ بوٗد جمع تفریقہٕ کہو نیٛایو وٹیٖو

ظوتنہٕ رکِس وُنس مَنٛز تَس خبر مائلٕج

دَکن، دولن لگِتھ، وبسرِتھ پتھر پیٹھ

ووٗنی لۄبُن ارساتہٕ مَنٛز پننہٕ نُے گُنہر

لِتھی کھو کھِرکس تام اوٗنگجہِ تھچھ گرٛی گرٛی

پکان اَنزائی ہسنر وَ مٔنٛزی ......



سُہ کر اوس عقلہِ ڈوٗ دِتھ ضربہٕ زالَس مَنٛز پھَسیوٗ مُت

مالۆگس پتہٕ ہے

ضرٕب گرٕ گرٕ پٔنن نیشہِ بۆد وۄجوٗدٕ ے
اوس تَس مۆٹھمُت

سَپُد دون ژور - ژورَن أٹھ
أٹھو ہیٚؤر مُٹھس ضرٕچ ہونز مسأرٕ ے......



نظر ترٛأوِن ہچہِ مَس مَنز گۆمُت رس کیٚسرِ
سُے چھوکہٕ لد گُنبر ہلتھ پۆزٕ وبسریوٗمُت
پھٔلِتھ ووتھٕ، ہیُرٕ گوگُل کۆران وۄنُس أندرِم
ییٚمِس کھوٚجل زرِس پرٕژھ پےٚ پتاہ پنہٕ نُے



زُرِس سوٗرُن پَژھل نظرو
بےٚ بُتھی باوس کتھل کأری
بہٕ نےٚ زانتھ ژٕ کہہ زن چھکھ؟
ژٕ یَتھ ہنزرس کتبن اوسُکھ؟
پٔنُن آسُن ژٕ کر ثأبت!

# کُھما پوش

أ گنہٕ کوٗنڈ سوٗنچِک ؤ ہان
جم جم اَلاو
اَتھ وٗنبس تامتھ ہُمان گے
اَپہٕ شبدٕ، بےٚعزتی، زوٗلرٕ
ہاوس تےٚ اَمار
ووٚنی مگر چھِم پرٕ ژھینیس
دٲپِتھ یِژھا جوالا مُکھی
پھٹہٕ نَس تیار
اَچھرِ اہر یزوٚ گلِس أنی ہم زبان
چھُس وَنان پھِری پھِری بہٕ پانس
"پانہٕ ووتھ!
وَل ہُہ ہہ ژَم
نیر شِوٕ
واسُکھ ہِٹُس تژ اوٗن
اَتھس کبتھ تُل تژ شوٗل

## کھَس ہمالَس

واے شنکھ

ترٛاو یَلہٕ یٲغی جٹا

وَس تہٕ کرتانٛڈو نژُن......

زہرٕ گرہ کھرۆ ٹھن ہرِس پیٹھ

توتہٕ راکھبہٕ بۆزٕ سَپد امرت

مگر دِوتا ٮ۪چاری

حالہٕ حاراں یتھ زمینس پیٹھ

وٲں کتہٕ نَس تھکھ دِمو

واے شنکھ

ترٛاو یلہٕ یٲ گی جٹا

وس تہٕ کرتانٛڈو نژُن

یا دِپوٚ د کھنٛڈ تھکھ دِنَس

نتہٕ مُشرٕ رڈیکہٕ أچھ ترٛتیم۔''



# مرِژ پیپنی

بارِ پیٖوُمت دوہ

کھوٗتُم اَتھِ بارِ ژھاےٚ گس گنڈ گرِتھ

زن تےٚ دِوٗر

واوِ ژلہِ وِنہِ چھُم نژان

ٹکہ واوِ جا

میے تہِ چھُ پانس ستی پھِر وان

کیٚاہ وَنے......

وَدُنا بہِ کرِ ہا

گُنہِ تہِ خلوت شایہِ

بَس فُرصت ہَنا

ووہَے مےٚ گرنم مرِژ پیپنی

محورس پتھ چھس نژان

اَتھارِ دوہ چھُم زِندگی ہُند

گوٚب سبٹھاہ



## میے دیپد مان

جیشٹھا گنٹایہِ ٹھنٛز

نیٚنٛدرِ ؤژھ گۆ پادری

مَن سَرے تُج گاڑِ ووٹھ

اکھ قطرٕ گۆ ژھ ہرِ بون وَسُن ......

دژ اے محورٕ وانگ

کھسِل تے گۆرٕ نوُ کھ

اولہِ ہنٛدِس موکھتس رٕکِنز گئے

پوٚختہٕ پاٚٹھبن رَل سَپُد پوٚز

مالہِ کیٚوٚلن روٗ چھ پٔژُن آسُن

تہٕ پوچھس وَٹھ سَپُد میٚے دیپد مان
میچھس

میوٚن آسُن

واٚنسہِ وادن ہُنٛد دِوُر پھوٚٹ

آو چھٔکرنہٕ ہرموکھس



# غزل

نارٕ درٛاوَس بہٕ سون بناٛوِتھ آس
ریٛہہ وٕجم تےَ زوٗن سجاٛوِتھ آس

ژٕلیہٕ گٕنڈُنا کوٗرُم مَرُن مُشرُم
شفقہٕ سورٕخی ژٕھنڈٕم تہٕ چھاٛوِتھ آس

یادٕ پھوٗلایہٕ عطرٕ ڈُلی چھکُران
دٕد وَنَن منٛز شہر بساٛوِتھ آس

شامہٕ ژٕھمبرٕن مےٚ ژٕکھ دِتُم آشن
سحرٕ سنگرن بہٕ روے ناٛوِتھ آس

اوٗش چھُ اوٗش بس یہٕ ٹارٕ پیو وولبٕ
آبہٕ مَلرن جوٗلوٗن رلاٛوِتھ آس

باغٕ چھاوان مےٚ نافہٕ ہیٚوٗت ژھارُن
پان پنہٕ نُے بہٕ راوٕ راٛوِتھ آس

ہےَ سُہ محشر، سووِز، سُہ مێُل نظرن

زِندگی دارِ تل لُٹاوِتھ آس

منگ چھےٚ کنٛولو تہٕ امتحان لازِم

خۄنہِ دِل دوستن بہٕ چاوِتھ آس



## غزل

ژٕ کتھ ہبکھ ؤد وَنن منٛز سام بابا

نہ تھٔوی شہرے نہَ تھٔوی کُنہِ گام بابا

کرٛ پِتھ نی غونچہِ کترِتھ ترٛاوی کوتر

گُلستانن اندر تھٔوی نام بابا

یہِ دُنیا، وق تہٕ ورتن، روش زۄنٹک

پھوان دِیُن زہر پیالن دام بابا

مےٚ دوٗپ ڈے گو صبوٗبتھ آو یامتھ
مگر ڈیُتنم رُمل ووہی جام بابا

تَوقہہ، پرٛژھ ، محبت، مصلٔحژ ووٚنی
نہٕ کانٛہہ سپتا نہٕ کانٛہہ ووٚنی رام بابا

پھسوٗ ناکردٕ گونہن منٛز سمزر میوٗن
ڈیکس مُری ہم سٔیدس اِلزام بابا

دَپان رٔن بأگرِتھ گوتر، قمیٖر، جل
چھےٚ کھُرژھٕژ ترٕ دِوربن تام بابا

کٔنتھ قسطن اندر أسی کھبے زمانن
نہٕ ژٕ ڑے روٗستُم نہٕ بہٕ ووٚنی سام بابا

دُہلی ہنگامہٕ، سوٗنچن دٕہہ، ویہل بڑنزی
کران دَم پھٹٕ، کنٛوٗل، پرٛتھ شام بابا

☆☆☆

# موتی لال کول ناز



ناو: موتی لال کول

قلمی ناو: ناز

اصل سۆ کۆنت: شہرِ شرینگر

حال: نہرٗ اپاٹمنٹ کالکاجی، نئی دہلی

تالیم: پوسٹ گرٛیجویٹ

پیشہِ: رِٹایرڈ سرکأری مُلأزِم

مطبوٗعات: (ا) کینٛہہ غزلہٕ تہٕ کینٛہہ نظمہٕ

(شارٕ سۆمبرن 1978)

(۲) گیتانجلی۔ منظوٗم ترجمہٕ 1980

(۳) پوشہِ رُگ۔ شارٕ سۆمبرن 2001

ایواڈ: جموں وکشمیر کلچرل اکاڈمی ایوارڈ 1980۔

پتاہ: 95، نہرٗ اپاٹمنٹ، کالکاجی، نئی دہلی۔

# غزل

پڑتھ ژھایہِ ہٕلس دولہِ وُچھان کیٛازِ ترٛر اوس
تمہِ شہرٕ یہِ کیٛاہ اوس سبٹھاہ ووکھہِ مژر اوس

اِو ییٛلہِ تہِ وُزٕ مٔلی گاشہِ پکُن پہو تہٕ پکان گٔے
تتھ کُس سنبوٕ بُتھہِ اوسہٕ پژُن یا سُہ ووپرٕ اوس

سأری دیان سوئنٕ چھُ بُتھبن پیٹھ یہِ پوشن رنٛگ
سأری وُچھان ییٛتہِ سارِنٕے کیٛتھ پوشہِ بوچھر اوس

پتھ کالہٕ کتھن أس اتھن أس گُنی کتھ
راتن دوہن بیٛہٕ موسمن ہُنٛد کوٗت شوزر اوس

زٔری أسی، ودَن وان أچھو توتہِ وُچھان أسی
أنی أسی مگر توتہِ کنَن کیٛازِ گوبرٕ اوس

پڑتھ ہاکہٕ بٔدِس تام وٕلِتھ ناٛزِ وکھُت دیٛوٗل
ییٛمہِ شہرٕ دوٗہے ونتہٕ کتھَن کیٛازِ کجر اوس

# غزل

بے ولیہٕ کیٛاہ ساٗ سوٚنٛچہٕ شہَر لوٚنٛچہٕ لمان چھُم
پکنَے تہٕ ٹھکنَے کیٛازِ یُوتاہ دِل مےٚ کھمان چھُم

آوارٕ اٴچھن کتہٕ کالُک رووُمت کیٛاہتام
نظرن مےٚ اوٕ کنز پیٛتہٕ کالُک وٗن مےٚ ووماں چھُم

ژھانٛڈان ووُتم سوٗنتہٕ کاٲلکی اٴنٛتہٕ رٕسی ارمان
زردیمتین ہردَن اندر ووٗنی زُو تہٕ ژماں چھُم

اَسہٕ وٕنی تہٕ لَسہٕ وٕنی ساتھ کیٛاہ ساٗ وُڈرِ کھساں لوٗسی
پرٛتھ یاوَنس پیٛتہٕ کاٗر نوٚمرٕنی کیٛازِ ژَماں چھُم

ہا نازٕ راٲوے وأنٛس وقتُک بُتھ تہٕ تھَر ژھانٛڈان
رووُے ژبے کیٛا ساٗ دِل چھُ اٴخر توتہٕ بڑماں چھُم



## غزل

یاتہٕ بوزکھ تہٕ مول کھسم ونہٕ نَس
سۆان ژبے باسی سَنکھ ییٚلہِ سنہٕ نَس

چاۓنٕ پزٕتھ کانٛہہ کتھ چھِ اَتھ وَتھِ روٗس
چون پزٕتھ کانٛہہ رنٛگ ہبڈان اَسنَس

ییٚلہِ رگن منٛز گزکان اُسی شوقٕے شوق
بے رُخی چاۓنٕ روٗز تُلہِ کنٛز برنَس

آسہِ قدمن مزازٕ کھوٗش کھوٚہوٗر
باسہِ منٛزِل کمِٔس سأ کتہِ نَس

یارِ وٗنون سُہ گُکلہِ زن للہٕ وان
کیٚاہ ونٕے آو سینہٕ زن پھٹنَس

کانٛہہ تہِ وردن ژبے نیرِ ہی موکھہٕ وونٛ
کوٚت انتر چھُ کپٹنَس سُونَس

نازٕ کٔیاہ سأ سبٹھاہ چھُ پٔتۍ آمُت
کٕوت کالاہ أمِس گۆمُت اَسہِ نٕس



## تانہٕ باگے

کانٛہہ اکھاہ آسہِ ہے یَس بہٕ ونہٕ ہأ پَنُن
کانٛہہ اکھاہ آسہِ ہے یُس مےٚ ونہِ ہے پَنُن
زن چھُ پانٛیار پأنٛس اندر ییٚر گومُت
سبٹھاہ گیٚر گومُت
چھِ سمیَس سِیاہکار سأری پلزٕیمتۍ
دِلن مَنز تہِ کھوژُن أچھن پیٹھ تہِ کھوژُن
لَبو منٛزی پھٹاں ژھایہِ رأژن اندر زن
بَرس دُب گرٛھاں زُو ژلان. زن پدٕو کِنۍ
أچھن ہُنٛد سہٕ وۆن زن چھُ أنۍ سارِ لۆگمُت
وَچھن ہُنٛد سہٕ وۆن زن ون وأسۍ گومُت
سبٹھاہ سونٛچِ ناوان چھِ یَم سونٛچِ سرحد
کڈِ وَ زن کڈِ وَ کور کُن کل خیالن

جوابو بدل بَس سوالے سوالن
دُہلی گاش کرٕیشان چھُ زن پانہٕ گاشس



دپان اَسہِ کرٕنی باگنےٚ ووٚنی چھِ واوس
دپان اسہِ کرٕنی باگنےٚ ووٚنی چھِ تاپس
بَنَس اند گنٛڈِتھ، دَے پَتُن اند رٹُن ووٚنی
کرٕنی باگنےٚ تَو پتےٚ تارکن تام
پلبکھ ہےٚ تہٕ پانٛس کرَن تانہٕ باگےٚ
یہِ گَو گاٹہٕ جارُک سبٹھاہ تھوٚد مُقاماہ
تھَزر گو یہِ ژھارُن ؤستھ تل پتالس
یہِ گو بُتھ پھِرِتھ گوڈ برُن خاٚر پاٹھس
یہِ گو شورِ تھاوُن ڈٕلس تل بہارس
یہِ گو دوہ کڈُن کوہ تُلِتھ یتھ نکھس پٹھ
یہِ باسان سمیٚس پرٕکرٕ جِن چھُ ژامُت
چھُ اِنسان از کل ہلکاٗری گومُت
منگان چھُس دَیَس ووٚنی فقط پردٕ پوٚشی
فقط پردٕ پوٚشی، فقط پردٕ پوٚشی

# موہن لال آشؔ



ناو: موہن لال تِکو

قلمی ناو: آشؔ

زاسنہٕ: 4/اپریل 1937ء

زہنہٕ جاے: بچھہارا۔ کشمیر۔

حال: دُرگا نگر۔ جۆم۔

تالیٖم: ایم۔اے (ہسٹری)۔ آنرز اِنگلش، اُردو، بی۔ای۔سی، بی۔ایڈ۔

پیشہٕ: وۄستاد محکمہ تالیٖم۔ بحیثیت زونل ایجوکیشن آفیسر سُپدی رِٹایر 1995۔

مطبوعات: کاشُر: (۱) کُلیاتِ عبدالاحد نادِم۔ (۲) طلمیحات (۳) سبدِ گُل۔ (۴) اچھروٚنکۍ آلو (شاعری)۔ (۵) الماس (شاعری)۔ (۶) تخلیق تہٕ تنقید۔ (۷) تالیٖم جدید۔ (۸) تحقیق۔ (۹) کشمیریت۔

ہیندی: (۱) کشمیری پنڈتوں کے سنسکار۔

(۲) کشمیر میں شکھتی پوجا۔

(۳) انوکھا مُسافر۔

(۴) کشمیر کی قدیم راجدھانی بجبہارا۔

انگریزی : (۱) Ancient Seat of Learning Ram Nagar،

(۲) ناگ مت تہٕ کشیر۔

پتاہ : دُرگا نگر، جوٚم۔

## پوٚت کل

شیٖنہٕ پکھاڑٕ سون زانٛہہ
نارٕ تیوٚنگل الآنٛدی چھِم
بہٕ چھُس پکان ہتایہٕ روٗس
پھیٚکِبن الآنز لاش چھم



نیٚبرٕ ی سیکِیُل تہٕ نار زن
أنٛدرٕ ری نبَس چھِ چاک ہوی
خنٛدق مبے سُنٛز و چھس بُتھ
ڈیکس لیکھان مبے اِنقلاب

ژٕ نےٚ سَر کھ زٕ نٛہےٚ مَتُن

ژٕ کیٛاز از جنٛوٗن پھُکان



منٛگان چھِ تژٛیش ہر موکھس

گنٛگا چھِ از زہر چھکان

کشپ ریٛشِس وُنیب گوٚ

جلوٗ دبوٚس چھُ آو آو



ژھوکیہِ شاہ ستی سرس

دپان چھِ وبتھ پپاسہٕ دٔز

ژٕلِس جز کپٲرۍ تم

دِوان یمن یہِ شیر اُس

ژوٗ لُکھ بہارٕ دارِ تٔلی

پوشہِ ون کپٲرۍ ژٕلی

گولاب پھٔلی تہٕ اُرۍ نہِ پوش

ہوٚ کھِتھ گٔمتی چھِ لولہٕ سر



ولو ولو بہارٕ سون

ژٕ ژُچھ ووندس مے نارٕ تُتی

شِہلی گُلبن جگر وندٔ ے

مے گوٚژھ ووندس قرار یُن

بۂ چھس وتن ژٕ بے وُنی دِوان

ژٕ کرسأ یکھ بہارٕ سون



## نوٚ وُری

تھالس وُچھن صُبحن بُتھ

جنتری، ٹیکہ بٹنی، بید مُشٕک

ہارٕ منڈُل، کونسر ناگ تۂ لل دید

سیکہِ صحراوِ کٕبن تاپہٕ ڈٕ دیٕمتٕبن ژٕنہِ ہانگرن ونان:

تھوٚ دٕ تھِو

یتھ گُنڈی زالس وُچھو بُتھ

از چھُنا نوٚ ریٚہہ اوٚ کدوہ

# پھلا دیش

یٚیمہٕ ۂ ری یُک راز چھُ بزمرا چوک
واہن چھُس راکیٹ لانچر
گریٚہد ہن پیٹھ چھُس ہینڈ گرینڈ
بومہٕ ہِکس گرس چھِ زٔمین دۆز بم ۂہرِ تھ



دھنگ سأمی چھُ کاپالیک
بوٚہرٕن منٛز دھن یوان
تۃ کلاشنکوف مٔلی انان



یَتھ ۂ ری یَس چھُ لگنس سٔتم راہ
وۆٹل تۃ ژھاڈل بنن ہأتھی
ہوچھمٕژن کولن پھیرِ آب
افسر کرن شأدی یانہٕ
تۃ چمچہٕ کرن زۆل



رشوٕ رٹنٛک راز چھُ مہی شاہ سُر
رشوٕ کھورن میلہِ مرحبا تہٕ شابش
یہِ بیمارٕ تیلہِ شہرٕ گام کالرٕ کی پاٹھی
تاشہِ وانن پھیرن اُشہِ مُتی

شباب تہٕ شراب بنہِ سولبہِ سولبہِ
تہٕ رشوٕ کھور مناون دوہے شادی یانہٕ



فصلُک ساٚمی چھُ تارکا سُر
امہِ کہِ جان پزٕ باوٕستی نیرِ فصل کم
مگر گولہِ فصل بنہِ بسیار
لۆکھ ہیکن بتہٕ تہٕ چایہِ بدلہٕ گولہِ کھیتھ



کارٕ بارُک ساٚمی چھُ شُکر دِوتا
آدمی سۆرس لگہِ بھاو
ناٚرٕ مرگہِ پیہِ امہِ سۆرُک گوڈنیُک ڈِپوٕ کھولنہٕ
یَس یۆت خوش کرِ سُہ ہیکہِ تیوٚت نِتھ

وَنہِ واسِن مَنٛز مرنہِ ووٚنی کانٛہہ بوٚچھِ بوٚچھِ کران
تِکیاز بےٚ کاری، بےٚ روز گاری، بیماری تہٕ فرسٹریشن
ییہِ گرِ پتہٕ گرِ راشن کاڑن پیٹھ تقسیم کرنہٕ
کُنہِ سُفارشہِ ورٲے



یہِ وٕری آسہِ بزٕگو سمہایہِ نکھس پیٹھ
تہٕ بھارگومُنی شور پاٚنٛژال کس تھوٚنگس پیٹھ
گوٚان تہٕ لہر ماران
شینہٕ پتو پتو
مامہٕ پتو پتو



## کلیڈسکوپکۍ رنٛگ

أتھرِ کیٚمسوٕ گولاب کھوٗ
ٹیکہٕ بٹنہٕ تہٕ ژلپہٕ ہٕسی
باغہٕ بیرٕ پھوٗ جایہٕ کر
نارٕ تیوٚنٛگل چھِہ وچھ پھُہان



گہلۍ ونس ہیوٚتُن الاو
تیوٚنٛگل بُرِکھ کرٛژن اندر
چھِہ لاشہِ ووٚنۍ ژنٛگے نژان



بُنٛبُل گژھان چھُہ لا اِللہ
پوٗشہِ پدٕبن تہٕ چاکھ گیہٕ
جویہٕ پھرٛ کان چھِہ نار ہا
زوٗنہٕ ڈٕبن طناب گیہٕ



خبر ییہِ راتھ زٕہٕٹھ ءکرٛ

قہر چھُ جایہِ ژٕیٚنی کڈان

سڑکہِ دۄنٛد وٕلِتھ تھوٚوُکھ

کولن چھُ ترٛیشہِ ہُنٛد پپاس



نیٚبرِ چھُ ییُپ بٹھن ژٹان

أنٛدرِ چھُ نار گنٛب بران



گولاب پھٕلی تہٕ سۆری گییہِ

یمبرٕ زولن ٹھِکانہٕ روو

خبر کپأری سوشینہِ ژھٹ

بالہٕ پٕتۍ گٔرث وہلأسی



ہٕتا گٔجم تہٕ سۆر پھوٚل

شِنٛیاہ موغُل چھُ ڈۆلی ہیتھ

وچھس خبر چھُ کنٛیاہ شبس

ۇنگان چھِ ہوٗنی از ژوپآری
دپان کولن سُہ تار روو
خودایہِ ووٗنی رحم ژٗ کر



شٹھ دلہٖ بوٗوم

کارن تژ شوَے پژنوس
پرِم
ترُیایہِ تاوِم تژ شوے
کال
منہٖ کی مادھو مدٖ
والناوِم
اَن پرٖ ناوِم کارن
سائری
حدم گرُٔشھی گرُٔشھی مبے صدفاہ
چھووٗم
شٹھ دلہٖ بوٗوم شِنہُک
سوز



نہَ چھُ سُے ہیوٗرتَے نَے چھُ بونہٖ
یے
سنگاسن چھُس سونہٖ یے
لو
سِرلیس دارُک سِر پڑ زِ
نووٗم
شٹھ دلہٖ بوٗوم شِنہُک
سوز



حوٚرٕ وڑ ایہِ ونہٕ وان گُلہِ اختابس

سوٚ ہم سوٚ پھوٚل تابس عستی

گٹہٕ پچھ ژوٚل تےَ سوز ربابس

ژھٹہٕ ماران آو آبس عستی

کھیرٕ کھنڈ نابد قنٛد کھیاو نوٗم

شٹھ دٕلہِ بوٗم شِنہُک سوز



شٕن ہٕنٛز ارزتھ ستہٕ وٕنی پرٕم

دارنا ژٔنٛدرم تہٕ پومپرٕنی گتھ

ست سنگ پڑٛ آٔوِتھ کتھ پر کھاوٕم

اِدٕ پڑٛ زٕناوٕم للہِ ہٕنٛز کتھ

کرٛیہِ ہُنٛد کارن رپچھِ کرنوٗم

دارنایہِ دورُم شِہنگ سوز



# تلا دٲر مۄرِو

تلازنٕو ثوابا دٲر مُڑرِو

مےٚ چھُم کمرس اندر روٗزِتھ گوٗمُت دم

زلرٕی زأجو ژوپاسے نال وۄہم

مےٚ زن زالس اندر نرِ زنگہٕ پھٔسِتھ چھَم

مےٚ باسان زن لبن پٔتٕر دیٚو دژھایک

گرٛھان آواز بدلٕے زن تیچھن ہنٛز

گرٛھان قطرن بٔنِتھ بٔڑی بال تےٚ کوہ

پھوان تالوٗ وجوٗدس زن گرٛھان سوٗر

پھوان تیزاب زن پشمینہٕ پلوَن

مےٚ گیہِ سأرٕی جوأنی ضایہِ أتھی مَنٛز

تلا گٔرٕی تو جِگر از دٲر مُڑرِو



# بال کرٛشن سنیاسی



ناو : بال مُکند ویشنوی

قلمی ناو : بال کرٛشن سنیاسی

زاسنہٕ تہٕ دوہ : 21 راگست 1943ہٕ

اصل سکوٗنت : محلّہ شِش یار،

حبہٕ کدل، 156 باغ سُندر بالا، چھتہٕ بل، سرینگر۔

حال : پرہلاد پور، نیو دہلی۔

تالیم : ایم۔اے (پولٹکل سائینس)

پیشہ : مُلازمت اکونٹنٹ جنرل سرینگر ہٕندِس دفترس منٛز۔

رِٹائرمنٹ : 2003ہٕ۔

مطبوعات : کاشُر : (ا) شرٛیہہ تہٕ ویٛہہ (شاری 2004)۔

(۲) اَسوٕنہٕ ہونٛجہٕ (شاری 2004)۔

ہیندی : لپٹوں میں برف (شاری 2004)۔

سنیاسی چھُ سٹوڈنٹ لیڈر تہٕ روٗدمُت تہٕ ٹریڈیونین لیڈر تہٕ۔ اَوِ موکھ چھُ 1986ہٕ منٛز جیل تہٕ گومُت۔ یِم چھِ مضموٗن تہٕ لیکھان۔

پتاہ : پرہلاد پور، نیو دہلی۔

# سٮ۪لاب

نٮ۪تھہِ نَنہِ وُزٕ مَلہٕ گٲیہِ بے تاب
شَبنَم وبسر ہو سٲری گٲیہِ خاب
شرٛاوُن وولسہٕ پٮ۪ٕر گٲیہِ شار
بہٕ تہِ چھُس چھوکہٕ لد لتس تہِ ازار
وَنہٕ وُن وَن ہارٕبن ہُنٛد بیوٗٹھ
ٹپُہٕ کوٚر لوَس ڈٮ۪کہٕ سپٕ میٛوٗٹھ
تھَپہِ نیوٗہم اَتھہٕ منٛزٕ مِضراب
ژٕھریومُت سیتارٕ رَباب
بَرٕ گٲیہِ گُل تےَ پٮ۪ٕر گٲیہِ گُلی
بوٚمبُر ییٚتہِ گٲیہِ موٗران گُلی
ٹپُہٕ کوٚر یٲنٛبرٕزلہِ لُرٕ پار
اۆش گو ہاران پانہٕ بہار
سوکھ موکھہٕ ڈٲج مےٚ تہِ باتٔس لےَ
کرٛکھ گٲیہِ روڈُے یاوُن ہےَ
ویٚسہِ گو جوٗرٕس نِشہِ ژھنہٕ پوٗش

وننہٕ کیٛاہ سہلابس کھوٚت بوٗش
ماآنٛزٕ نَمن ووٗتھ وَصلُک رنٛگ
سَتہٕ روٗنٛگ یاوُن گوَ بے رَنٛگ
گرِدابس منٛز گیہِ مےٚ تہٕ ناو
سہلابس پننہٕ نُے چکہٕ چاو
یێمہِ بَٹھِ عشقس بُستی پھٔٹ
ہُمہِ بَٹھِ حُسنَس مُستی مٔٹھ
وێتھ دِژ ہکہٕ کرٕکھ ہوشا ہوٗش
تارٕ وٕنیا یینہٕ راوی ہوٗش
ہیٛوٚر کھوٚت، ہیٛوٚر کھوٚت، ہیٛوٚر کھوٚت آب
ووٹہٕ دِژٕ خلقو کس روٗد تاب
کھوپرٕ موٚزوٗرَن ہنٛزٕ گیہِ تَل
آسن والین پھُٹۍ ووٚنی بَل
پوٗش تہٕ ووٚنی خوش بوٗ چھِ ہَران
دیوان خانہٕ تہٕ وٗسرٕ چھِ پہوان
تار دِنَس چھیٚ نہٕ وآری یِوان.

اوٕر　ترَان　أڈۍ　یوٕر　تران

کرٕہٕنس　اۆ برس　بُتھ　ووزلوٕ

ووزٕلبن　جامَن　گُزلاہ　گو

کیٚتھ　ہیٚوٗ　شام　ییٚہٕ　باگنز　آم

ساقیا!　روٕتلہٕ　خاۘلی　جام

روٗدَس　چھُنہٕ　تھَکھ　روٗد　رٕسُیل

پکہٕ　ہِکتھٕ　ییٚنہٕ　گُنہٕ　سَپدِہ　بُل



## پیٚوٛد ویٚوٛد ماچھم

لُکہٕ اَرساتھاہ

زَن ژلہٕ لاراہ

ہِکرٕ ھ برٕ بارَے

شُری ساسالتہٕ نٕے تَل گومُت

شور توَے چھا

کرٛکھ تُجہٕ شُری وٕے

پیٚوٛد چھُ سیٚد یوٛمُت ظاۘہرٛ یا شہرس

وُچھتہٕ کمانے تیٖر مےٚ کھۆتمُت

پیٚیٚو دویٚو د ماچھُم گٔدی ژٔدی کرٕہَس

زَن ژٕلہٕ لاراہ

سارَس وَچھِ تلہٕ ژٕے شُرموٗد

بیٚا کھ زِنٛدے چھُس

دوٗنَوے ہیتھ دوران نَنہٕ وآر

نارٕ کرٕ کھاگٔیہٕ

کٔمی تانٛی وۄنَس

یُس شُرموٗدُے کولہِ ترٛ اوٗن

تٔمی ترٛ وو کولہِ مَنٛز یُس زِنٛدٕ اوس

تَس تہِ خَبر چھا گُس چھُم کتہِ چھُم

تٔمی ترٛ وو نالَس مَنٛز زِنٛدٕ شُر

زَن ژٕلہٕ لاراہ

سَنتوشَس روو آدَن بوج

وعدٕ کٔرِتھ اوسُس درٛ امُت وُنی

اَوَرے اَنہٕ ٹھٛگ بیٚیہِ ہیٛنٛد وینٛد

زَرمہٕ سَتم اُس

نار ژوٗپٲری

نارٕ ے نار

دٕہی گٹہٕ کار

گوٗربٲنی بوزانٕے وٗسی پیٚیہٕ سُر جیٚت کور

گوٗلیاہ آیَس

وُچھ مےٚ کمانے تیٖر چھہٕ کھوٗتمُت

پیٚوٗد ویٚوٗد ماچھٕم

گٔدی ژٔدی کرٕہَس



## غزل

کارِ دوٗ گنہِ پانژالہِ چھہِ پانژٹہِ موٗرِنی کٲر
نَتہٕ پانژٹھ تھٔلی تھٔلی ترٛاوِس چھَس نوٗمرٕنی کٲر

بُختہٕ بُڈِس پاپَس اَتھِنےٚ کبتھ نارٕ اَلاو
ناگہٕ بَلَن کوٗلہٕ رادَن ہٕنز چھُکھ لُہرٕنی پٲر

وَنہٕ ہاپتھ ؤتھی بونہٕ کنہٕ گیہِ اَڑٕ ژٕٹ آدمٕ ذاتھ
دِگہٕ دِژٕ کاوٕو گرٕشنہٕ مےٚ تِکہٕ تِکہٕ سۆمبرٕنی ہاۘر

شونٛڈٕ چھُوٕہے تُلنُک رَنگہٕ ژٕروے مےٚ تہِ سَتھ چھَم سوے
ووٕنی یَم تہِ مےٚ اَنٛگ اَنٛگ ؤڈراوِنہٕ یِن تَم یِن غاۘر

شورِ اَن الحق بَن ہاٛنٛگلہٕ بَن ریٚہہ کر آب
سۆرِ پھسکھاہ گرٕشہِ گرٕشہِ تَن سوے کرِ بۆمبرٕنی ساۘر



## أشی پھیٚرِ روٗٹمکھ

ہِگتی گیہِ أسی أسی أشی پھیٚرِ روٗٹمکھ
میٛانے وَدِنے کوٕ پیٚیہِ چاۘنس بَدنَس شیٚہلتھ
کِنہٕ گو چانٮ۪ن أدرٕ ٮ۪ن موٚ درٕ ٮ۪ن یاوَن وپرٕ ٮ۪ن
میٛونے شرٕ یٚہہ زَن
أشی پھیٚرِ روٗٹمکھ
میٚٹھی کران بٕتھی لبہٕ نے میٛانٮ۪ن،

چھُم باسان چھُکھ میٚے بڑٕو مراوان

کوٚ رکنٛز چاێنٛز وُڈھ پھِسرارے میانے مَنٛنہٕ گُے پَن

اَبساوان

زہنہٕ بڑٕونٛہہ ماچھُکھ ہنٛنہٕ آمُت

گوڈٕ میانِٛس منہٕ رکس تہہ خانَس مَنٛز

وأنِتھ ماچھُکھ حالَس میانِٛس

گوڈٕ پتھ اَزتامتھ أشی پھیٚرِ وَن

أشی پھیٚرِ روٗٹمکھ

وَن بادیُت نٛمہٕ وَچھ زانٛہہ بڑٕونٛہہ کُن

ژَمہٕ ہَس تیٚے دود کوچھِ مَنٛز رکتھٕ گُنٛز

چوٚن کیُت دیُتنٛم پڑٕون پڑٕون سوٚت زَن

ترٛیش ژلبم ما، ترٛیش ژٕجھم ما

ترٛیش سبٹھاہ چھَم کرٕتے کرٕ کیاہ

وَن أشی پھیٚرِ وَن

أشی پھیٚرِ روٗٹمکھ

وَن با أشی پھیٚرِ

ٹُلہٕ تھا بُتھِ پٮ۪ٹھ

زیٖوِ ءتھٕن اٚسس مَنٛز تھاوتھ

نیٖوٕ ٹھ تیٚنٛہ ژٕہہٕ وَن ءکٕتس کالس

نٮ۪ٹھ گو بے حبس کرٕ کیاہ وَن با

ءکٕتس کالس کمٕی سُنٛد مَس لَنگ

اتھٕ سے مَنٛز بَنٛد تھاوَن وَن با

مَس لَنگ رٕڈی تھےٚ نٮ۪ٹھ کیاہ ژاپَن

مَسولہٕ ووٕنی گیہٕ پاٚنٛس پاٚنٛس

ترٕلیش ہمبم یوٚ د چھمہتھ چَھمہٕ تھا

وَن اٚشی پھیٚرٕ وَن

اٚشی پھیٚرٕ روٗ ٹمکھ



## مَلنٛگ

میٚژٕ پٮ۪ٹھ کھارٕنی میٚژٕ وے پہٕراہ

اٚنٛدی اٚنٛدی دِیُن تتھ گنہٕ دیوار

روٗدَس شیٚنَس ترٕٹہٕ طوٗفانس

مێژ گٲنٛز روزان اَنٛدٕ وَنٛد ٴستی
کرٕنئے کیٛاہ سونہٕ گُنسبن واجن
روپہٕ ہے کتھ پێٹھ روزُن لور
مێژ گٲنٛز سون روپھ مێژٕ یێڈ مَنٛزٕ دژاو
مێژ، گٲنٛز، ژٕنٛز بێنٛہٕ ترٛٮ۪ے چھِ یکجاہ
روپھ گو شینٛہٕ کوہن ہُنٛد اَسناہ
وہگلان ییٛلہٕ کوہ اوٗش ہاران
سون سونہارٕ ہُرد زرداوان
سبزارس پوشن مرگن......
مێژ اَڈٕر ہُمی، بانٛہٕ ٹھُران یہٕ پھِ
ہُہ چھُ کرٛالاہ یہٕ چھےٚ کرٛاج چھِ خوش
شو آکاراہ شکھتی روٗپا
کنٛہٕ کنٛہٕ ٹھس گو تمبراہ ڈٲژھ
ترٛیشہٕ گٲلِس ٴستی سۆت پھۆل یُس کھێیہٕ
کترٕ بُلہٕ بٹ سُہ تہٕ سُہ چھُ پۆٹھ
بانٛن ما گرٛٲژھی ٹھانٛہٕ ووٛٹھنۍ تھۆد

بوچھِ بوچھ کٲری کٲری رُمہٕ گرٕھنگھ
ترٛیشہِ نوٚ ٹاہ گرٚونجس کھارُن
نٚٹی دِیُت اٹھ چیٚیہٕ باٚژوَ ترٛیش
کنہِ گوٚر کاجہِ وَڈھاہ بیٚیہٕ ووکھلا
چٲنٛنیاہ ژیٹ تہٕ بتہٕ میٛوٚنڈ کھو
پاں دیگاہ پٹھ ژِنہِ ہاہ کاٲلس
پھوکہِ پھوکہِ ژِنہِ گٲیہِ نارو نار
بہہ کھوٚت دیگ ژھٕر گٲیہِ پھٕٹ
پیٹشس لےَ گٲیہِ تتیٚس ستی
تیشہِ مَنٛزٕے پھو پیٚوٚشتاہ واٚتتھ
گٹہِ زٲلی ہے دِیُت وَٹہٕ گاشن
ترٛیٚیہِ گَنٛڈ یِم پَن ترٛنٲوے گُنٛی گے
میٛرِ رَنگہِ مالاہ تَس گٲیہِ ناٲلی
دَولژ، سونہِ ہے، روپیہِ ہے تیٚہہ گژھ
میٛرِ، گٲنٛی، ژِنٛی مولہِ ناوان گو
میٛرِ مَنٛز ساٚوِتھ میٛرِ پٹھ ترٛاووس

یۆتاہ ییٚلہِ گرٛژھہِ تتیٚس مَنٛز
تَمہِ بڑوٚنٛہہ مارِ یہِ پیٚیۆتاہ ژھوہ گوڈٕ

میٚرِٕ ہٕنٛزِ یُڈ مَنٛزِ کڈِ سون روپھ
میٚرِٕ گرٛژھِ لوٚژ گرٛژھِ وٕژھ ترٛشنایے

سون روپھ ہیٚیہِ نہٕ وول مَنٛشس مُلی
میٚرِٕ ءستی لِوتھے میٚرِٕ زِنی بَنہٕ کھسہِ

تُتھی پیٹھ کھارَن تَس دِن داہ
میٚرِٕ مَنٛز میٚرِٕ لسہِ القاباہ کھسہِ
کنہِ کھسہِ گُرٕی گرٕی یۆگی اوس



# پران ناتھ بٹ غرٟیب



ناو : پران ناتھ بٹ

قلمی ناو : غرٟیب

زاسنہٕ : 1947ہٕ

اصل سۆکوٗنت : مرُن پٹلہٕ ووم، مجوٗر نگر، بڈگام، کشمیر۔

حال : سوریہٕ وِہار، وزیر باغ، بھوری، جوٚم۔

تاٗلیم : ایم۔اے (ہندی۔انگریزی)، بی۔ایڈ۔

پیشہ : سرکاری ووستاد۔ رِٹایرمنٹ 2006ہٕ۔

مطبوعات : کاشُر : (ا) غربیُن نذرانہٕ، شاعری (1969)۔

(۲) سنجیوٗنی بکھتی شاعری (I-2000, II-2003)۔

اوارڈ : میڈل تہٕ میرٹ سٹرٹفکیٹ (کشمیری یونیورسٹی ہنٛدِ طرفہٕ)۔

یمو چھِ وارِیاہ ڈرامہٕ تہٕ لیکھیمتی یم ٹیلی کاسٹ تہٕ چھِ آمتی کرنہٕ تہٕ سیٹجن پیٹھ گندنہٕ تہٕ آمتی۔ اَمہِ علاوٕ چھُ یمو کیٚنژن دھارمِک گرٛنٛتھن ترجمہٕ کوٚرمُت۔

پتاہ : 144۔ سنجیوٗنی کُٹیر۔سوریہٕ وِہار۔ وزیر باغ۔ بھوری جوٚم۔

# گور شیٖش سمواد

مےٚ دۄپمَس کُس بٔگھتہٕ زَن آسہِ پوٚختےٚ
تٔمۍ دۄپنَم یُس مےٚ لاگان باوِ موکھتےٚ

مےٚ دۄپمَس شامہِ رنٛگہٕ چھُکھ کرٛشنہٕ بھگوان
تٔمۍ دۄپنَم چھُس بہٕ بٔگھتَن ڈٲرۍ سگہٕ وان

مےٚ دۄپمَس آدِ دیو چھُکھ نا مہیشر
تٔمۍ دۄپنَم پانہٕ کاسےٚ زنمہٕ کرٛتچھر

مےٚ دۄپمَس گور تہٕ بھگوان چھا کُنےٚ وَن
تٔمۍ دۄپنَم راجہِ یوٚگس منٛز ژٕ موسَن

مےٚ دۄپمَس شانٛہٕ یوٚڈ چھُکھ پانہٕ کیٚول
تٔمۍ دۄپنَم نابھِ کونٛڈٕ منٛز گور چھُ نرمل

مےٚ دۄپمَس ترٛۍ دھامس منٛز ژٕ روزان
تٔمۍ دۄپنَم گور تہٕ بھگوان بس کُنےٚ زان

مےٚ دۄپمَس یوٚگ رازو بوزتم کتھ
تٔمۍ دۄپنَم چھُس بہٕ پوٚزان بس گورس نٮ۪تھ

مبے دۆ پمَس یۂ گی رازو بوزتم کتھ
تمُٔی دۆ پنَم چھُس بہِ پۂزان بس گورس نبتھ

مبے دۆ پمَس دِمن ہالے ژونگ کمُٔی زول
تمُٔی دۆ پنم دُیتہِ رۆس یُس تُٔسی مبے بۆر لول

مبے دۆ پمَس کتھ سمرپن چھِی ونان تم
تمُٔی دۆ پنَم شِو مبے ہاوان لولہِ پزِیٚتہِ بمب

مبے دۆ پمَس ہول جگرس کاسہِ ہم کر
تمُٔی دۆ پنَم من یئندرس کاس گوڈِ ور

مبے دۆ پمَس اشٹہِ لِنگم ناوِ ببئد زاو
تمُٔی دۆ پنَم پرٔیمہِ سئدرُک شِو تُٔتی آو

مبے دۆ پمَس برٛم دِوان بییہِ بییہِ چھُ سمسار
تمُٔی دۆ پنَم رٹھ گورس پاد بییہِ ژِ گور دار

مبے دۆ پمَس کۆت گرٛشھُن چھُے میٚتہِ ژِ نِکھنا
تمُٔی دۆ پنم شِو سۆرۂ پس مَنز ژِ یِکھنا

مےٚ دۆپمَس چھِم تیوٚنگل لۆکھ وتہِ مےٚ ژٕ اوان
تٔمۍ دۆپنَم چھُس تِمن کتہِ سایہِ تھاوان

مےٚ دۆپمَس کانٛہہ بٔگھتۍ چھا پان ماران
تٔمۍ دۆپنَم تیٖتھ بٔگھتۍ چھُس لولہِ بہٕ للہِ وان

مےٚ دۆپمَس کیٛاہ گورس نِش روزِ ژۆرے
تٔمۍ دۆپنَم زانہٕ وُن چھُے سُہ دۆرِ دۆرے

مےٚ دۆپمَس آیتن تیٚلہِ تھاوٕہَس پان
تٔمۍ دۆپنَم سُے بناوی من گُلِستان

مےٚ دۆپمَس واسنا چھا گورٕ دیوَس
تٔمۍ دۆپنَم کۆت کران نیٚنٛدٕیا ژٕ شیوٕس
مےٚ دۆپمَس چھا سُہ نِشکامی تہٕ یۆگی
تٔمۍ دۆپنَم بۆگ کٔری کٔری نہٕ بۆگی

مےٚ دۆپمَس چھا تِمٕس امرِتھ انگن ہے
تٔمۍ دۆپنَم شکتہِ آدار ییٚنہٕ ژٕ کھسِتھ ویٚنہہ

مےٚ دۆپمَس کام أنٛدرِم شکتی سوپان
تمۍ دۆپنَم کامدیو تمۍ کۆر پریشان

مےٚ دۆپمَس لَس چھُ آنند ون کمن ستی
تمۍ دۆپنم لَس فِدا پروانہٕ گیہِ کتی

مےٚ دۆپمَس اول أنٛدرِم گُس چھُ ییران
تمۍ دۆپنَم یُس ازل چون آسہِ شیران

مےٚ دۆپمَس دارِ تل کمۍ ترٛوو پرتَو
تمۍ دۆپنَم تیٚمی پُٹٕن اوٗش ٹارِ تلی چھوٚ

مےٚ دۆپمَس ون پرٛکاشس کتہِ پَرم تھان
تمۍ دۆپنَم ییٚتہِ امرجیوٗتی چھِہ روزان

مےٚ دۆپمَس گرٕ گرٕ پھیرُن نہٕ ووٚنی جان
تمۍ دۆپنَم گاٹلا بیٚقل ژٕ لاگان

مےٚ دۆپمَس پنٛچ پرٛانَس ستی چھم لےٚ
تمۍ دۆپنَم جان تیٚلہِ ٹۆٹھِتھ ژٕبے گۆوے وَے

مبے دۈ پمَس چیر رٹۂ ہتھ نالۂ متۂ ہے
تمٔ دۈ پنَم جوٚگرے نِش ژوٚرِ پاڑھی بیٚہہ

مبے دۈ پمَس ژے وُنم گُس ءستو نِمۂ بو
تمٔ دۈ پنَم یَس گُنٔے باسان راتھ دوہ

مبے دۈ پمَس گوپھ بلس پڑکاش جاری
تمٔ دۈ پنَم وات سُلۂ توٚت رٹھ ژ وآری

مبے دۈ پمَس چھُس غرپَس ءستو وڑامُت
تمٔ دۈ پنَم شِو پڑکاش چھُے گرِ ژبے زامُت



## گرٛڈ ووٗن دِوان جگرو

أندرِم کِتاب پرکھ نا لوٚت لوٚت ورق پھرکھ نا
شبدن اندر اژکھ نا گرٛڈ ووٗن دِوان جگرو

لنٛجہِ لنٛجہِ ژٕ پھیر شبدن سنٛدِ چھید کر ژٕ درمن
اوٚ مکارٕ سار نیرن گرٛڈ ووٗن دِوان جگرو

اژھ تو اندر ژٕ پانس متہٕ سَنتہٕ یتھ جہانَس
ڈیُن چھُے حِساب بِدانس گرٛڈ ووٗن دِوان جگرو

نیرکھ لنٛگن تہٕ لنٛجن ہٕنہٕ یکھ ژٕ تاپہٕ ژنٛجن
ووٗنمےَ مےٚ راز تھوٚکن گرٛڈ ووٗن دِوان جگرو

رتہٕ چھیٚپہٕ گورس لگُن چھُے رسہٕ رسہٕ أتی گلی ڈُے
من شانٛت تیٚلہِ ژٕ سَپدی گرٛڈ ووٗن دِوان جگرو

کُس کیٛاہ ونی ژٕ موسن کُنہِ پاٹھی رٹُن پٔنن من
سوے مال گرٛژھ ژٕ سُمرَن گرٛژھ وۄن دِوان جگرو

بۄزِتھ تہِ لاگ ڈُلہٕ کاو کرمُک ژٕ نیٛاے أنٔزراو
کٔمی کیٛاہ وۄنۍ ژٕ مٔشراو گرٛژھ وۄن دِوان جگرو

ایٛاسہٕ یۄگہٕ رٔژ زۄن أچھِنے اندر ژٕ رٔچھی زۄن
ژھیٛپہِ ژۄرِ پتہٕ ژٕ وُچھی زۄن گرٛژھ وۄن دِوان جگرو

چیُرٕ گیُش کرکھ تہٕ راوکھ ژھوپہِ مَنز سنٕز ژٕ پژاوکھ
ایکانتہٕ کُٹھ سجاوکھ گرٛژھ وۄن دِوان جگرو

ہیٚچھنے ژٕ ڈالہٕ مارکھ ننہِ وانہٕ منزٕ چھاوکھ
پانس ژٕ پام تھاوکھ گرٛژھ وۄن دِوان جگرو

نیٛوِ ڈیُن کُلُف چھُ رُت زان. شاید بنی یہٕ وردان
بن پۄنتہٕ کر ژٕ وۄپا کھیٛان گرٛژھ وۄن دِوان جگرو

گوٚر پاد یُس چھُ پۄزان ووپدان تِس چھُ بڑہمہٕ گیان
أندرِم نبر چھُ نیران گژھ وۄن دِوان جِگرو

گوٗر گۄنڈی کڈی ژبے پادن واتی سُہ پۄرٕ دادن
سمکھی سُہ نبتھ پڑ باتن گژھ وۄن دِوان جِگرو

تامس چھُ تژامہٕ بانے ست گون سونٛچ چھِ کانے
پڑزلان چھُ پاٗنی پانے گژھ وۄن دِوان جِگرو

یُس پوٗنحتہٕ کونڈِ مَنز دژاو سُے موکھتہٕ ہار ہیتھ آو
روٗ زِتھ نبر اندر ژاو گژھ وۄن دِوان جِگرو

ٹِکہٕ تار گِنڈِ سُہ تارس گُلزار کھسہِ سُہ نارس
دَے ٹوٹھِ پوٗنحتہٕ کارس گژھ وۄن دِوان جِگرو

ولہٕ پکھ غریب پانس پھالو ژٕ تُل دُکانس
سودا مہٕ کن بیگانس گژھ وۄن دِوان جِگرو

# شِولیلا

شِو شِو کوٚر تیٚمی لوٚب نِروان    تٔمی لوٚب پانےٚ پرمےٚ تھان
زانٛی والہِ ٔگنی شیٚچھ چھکھِ بوزان    تٔمی لوٚب پانےٚ پرمےٚ تھان

دوٚلی وانہٕ کنہِ پیٹھ چھٔلی زہم پان ۔ شِو گنگایہِ منٛز کٔری زہم شرٛان
ست سنگہٕ جامہٕ رنٛگہٕ بنہٕ یکسان    تٔمی لوٚب پانےٚ پرمےٚ تھان

شِو چھےٚ ہنہٕ ہنہٕ معنہٕ گاٗرن    کنہِ امبرس منٛز لال ژھارُن
سنہٕ رس گوہر لال تابان    تٔمی لوٚب پانےٚ پرمےٚ تھان

دِلہٕ چھِن تارن ہُنٛد واے سوز    پیتہٕ دارنا دِتھ تٔھی منٛز روز
گوٗرٕ پاد رٹھ اِدٕ سپدی زان    تٔمی لوٚب پانےٚ پرمےٚ تھان

شِو ژھاے کاسی ژلی گانٛگل    شوب نِرمل سےٚ کری منگل
امنگل وُڈٕر کھسہِ کونٛگہٕ اسمان    تٔمی لوٚب پانےٚ پرمےٚ تھان

کھٔنڈی بانس لگہِ پانٕے واٹھ     آولِنہِ ویٚتھہِ واتناوی گاٹھ
بٔکھتِس چھُ موکھتہٕ ہار سے نونبدان     تٔمی لوٗب پانٕے پرمےٚ تھان

بھے ژٹھ دَے رٹھ تٔسی برلول     سُے ہوکاسی جگرٕک ہول
گرٛڈھ منگُس بکھتی بیٚکھیا دان     تٔمی لوٗب پانٕے پرمےٚ تھان

من چھُے پارٕد ژھلہِ مارُن     یوٗگہِ بلہِ چھُے پان تارِ تارُن
منہِ منٛزلس گرٛڈھ شِو للہِ وان     تٔمی لوٗب پانٕے پرمےٚ تھان

کولہِ وان کر پھیرِ پرٛیمک پوٗنی     شہلاوِ ڈٕدی ہتٔبن آگر ووٗنی
بنجرن کھسہِ بٔیول پوٗختہٕ ہولہِ سان     تٔمی لوٗب پانٕے پرمےٚ تھان

ژھوپہِ کے گنہِ رَے ژوٗرِ تھٕوپان     سنہِ رس وٕأتھ کرٕو شِوٕ دیان
دوٗن ہُنٛد جنگ چلہِ بنہِ یکساں     تٔمی لوٗب پانٕے پرمےٚ تھان

سوٗرِ مُتی مٔلی ہیوٗت کلُم سوٗر     سوٗرٕ امبرن پھوٗلی گاشہِ کنہِ دوٗر
سرتازٕ ہیوٚن گیہِ شُمشان     تٔمی لوٗب پانٕے پرمےٚ تھان

وانٛتنےٚ گاٹھ پنٕنہٕ وتہٕ راوکھ شُہٕ منتھر یوٚد مُشراوکھ
چھلہِ چھانٛگر تیٚلہِ گرٛشھنےٚ پٔران تٔمۍ لوٚب پانٕنےٚ پرمےٚ تھان

منٕہٕ کی منہِ فٔلۍ شُہ مالہِ تار أنٛدرِم سٕنٛز ژٔور گرٛشھن مِسمار
من مٔندر بنہِ تیٖرتھ جان تٔمۍ لوٚب پانٕنےٚ پرمےٚ تھان

پرٛمَس چھتھ چھےٚ پان راوان شُہٕ مَس چھتھ سمباو پٔراوان
چھا پتہٕ مُمکِن ڈٔلہِ پآرۍ زان تٔمۍ لوٚب پانٕنےٚ پرمےٚ تھان

آشہِ توش ؤنۍ توس شکتی ناتھ یا زیٖوٕ دآرین ہُنٛد پٔران ناتھ
سون چھُکھ کرٕنوو أسۍ وٕندوے جان تٔمۍ لوٚب پانٕنےٚ پرمےٚ تھان

غرٟبَس شُہٕ ڈٔل پھوٚلۍ پمپوش سنہِ رس دم دِتھ رۄد روپوش
امرتھ کونٛڈ بنیوس پنٕنہٕ نُے پان تٔمۍ لوٚب پانٕنےٚ پرمےٚ تھان



## وٕنتھ

ژٕ یِکھنا سون تالُٹین مٔیون پھولہِ ہے
اکی نظرے مےٚ یٔژکول دود بلہِ ہے

ہتو جوگیٚو قسم چھُے میٚانہِ لولُک
منٛکی پاپھ میٚأنی تارٕ ژِ مو ژٕ تولُکھ

بےٚہٕ اَگ چھُس کٔیاہ کرن مکرٛشَے تہٕ تبرَے
ہتو جوگیٚو مےٚ زالُم پٔننہِ نارَے

مےٚ ورٕکون ازلےٚ کرتام گوٗمُت
بےٚہٕ پرٕژھیٚون انہِ گٔلِس مَنٛز چھُس سوتیٚومُت

صدا بنٛد چأنی آواز رازِ عرِفان
ژٕ بے چھا پرواہ نمان چھُے تھزرٕ اسمان

ہتو گور دیُو میٲنے جۄگی رالیو
گنٛڈن مَنٛز کرمہٕ کھُر یِیٚتہٕ کر مےٚ وڑالیو

مےٚ چانٛی آش چھم چھُس زِنٛدٕ رۄزِتھ
ژٕ نےَ یِکھ ما مرے لۍ کتھ ہےٚ بۄزِتھ

چھِنا میٲنٛی پڑان چانے جولہِ مَنٛز بنٛد
سےٚ لرِ لۄر روزٕ ہےَ ژیٚے عتۍ انٛدٕ ونٛد

ہسدُن گیلُن مےٚ لۄکن ہُنٛد کرہم کیٲہ
ژٕ راضی روزتم تیٚلہِ چھُس شہنشاہ

غریبا سٕدرٕ کھونہِ تل پان ترٛاوِتھ
شیٚج نیٚنٛدرا کران کھور واہراوِتھ



# کاشی ناتھ باغواںٛ



ناو: کاشی ناتھ رینہ

قلمی ناو: باغواںٛ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 21 اپریل 1921ء

اصل سوٗکوٗنت: اَننت ناگ، کشمیر۔

حال: اِمت نگر، مُٹھی جوٗم۔

تاٗلیم: بی۔اے، بی۔ایڈ

پیشہٕ: سرکاری ووستاد (رِٹایرڈ)۔

مطبوٗعات: ا۔ نالہ دِل (کاشُر غزلہٕ سومبرن 1945)

۲۔ شارِکا دیان (کاشُر بکھتی شاعری 1950)

۳۔ موزحتہٕ ڈالی (کاشری ڈٕچتر 2003)

۴۔ اَچھرِ گوٗند (کاشُر بکھتہِ شاعری 2003)

۵۔ ٹیوٗٹھ نابد (کاشُر غزلہٕ سومبرن 2003)

اَمہِ علاوٕ چھُ منظوٗم ترجمہٕ بھاگوت تہٕ مہابھارت چھپنہٕ کہِ مرحلوٗمنٛزی گُزران۔

اواز : وِتستا اواز (ناگراد ادبی سنگم)
پتاہ: اَمت نگر۔ مُٹھی گاوٗں۔ جۆم۔191205۔

## کتیاہ کتیاہ روۄم

بُرٛنزِس مَنٛز زن پٔژن سمسار روۄم
پٔژن اۆنٛد پۆکھ پٔژن گرٕ بار روۄم

یہٕ راتک یار رٕتھ سَپدیو مہ دُشمن
دعا پرٛوۄم تہٕ پرٛون پننہِ نیار روۄم

دِتنکھ زۆنٛگ آکہِ نےٚ یژھ پژھ تہٕ ماٚرکھ
وَنو کس بوزِ کُس اِظہار روۄم

بہٕ لوٗگس قرنہٕ پھرِ یتھ کنہِ شہارس
پٔژن دِرِ وار بونہِ شیٚہجار روۄم

چھہِ شُرِ تام قاٚد سیمٹہِ چمن لبن مَنٛز
گِنٛدن روۄم شُربن لوکہٕ چار روۄم

چھِ ییٚتہِ پاںٛ پھیٚرِ تہِ کانٛہہ ترٛیشہِ ہوٚت چھُس
پٔژن ناگہٕ راد پٔژن آبشار روٗم

مےٚ گُس سآ زلنہِ ییٚتہِ پڑزٕ ناوِ گُس مےٚ
مےٚ پڑزنتھ بیٚیہِ پٔژن انہار روٗم

ییٚہ چھُس کوچو تہٕ وتہِ وتہِ یارٕ پھیران
پٔژن روزگار پٔژن دربار روٗم

وولُر، آنچار، سنٛدر، ژٕمبی آر تےٚ وٕتھ
نسیمؔ، اچھِ ول، نِشاط، شالہِ مار روٗم

تِہم کوہ تےٚ بال شینہٕ دستار گنٛڈی گنٛڈی
سبزٕ تِہم ون شُہُل سبزار روٗم

سُہ تُل مُل، کھنہٕ برٕنی بیٚیہِ ہارِ پرٕتھ
ترٕتھ کم کم تہٕ گنپت یار روٗم

چھُکرنہٕ آیہِ ییٚتہِ مول مآج تہٕ بارٕنی
کاہن رآو گاو موٚذُر سمٛزار روٗم

گُلالکٕ داغ جِگرس باغوانَس
چمن بُلبُل تہٕ گُل یکبار رووُم



## نظم

(سنہٕ نمتھ پتہٕ تھنہٕ پیٚہمتس شُرِس کُن)

ژٕ کۆت مالہِ ژٕ کۆت آکھ
ییٚتہٕ چھُ وُزن ییٚتہٕ چھِہ باکھ

ییٚتہٕ اُسن اسہِ ژۄرِ ژۆل
ییٚتہٕ رِوُن اسہِ باگہِ پھۆل
لول شرٛاون شین گۆل
نۄرِ بُتھو سۄر مۆل
مُشِتھ گیہِ ییٚتہٕ وژن واکھ
ژٕ کۆت مالہِ ژٕ کۆت آکھ

ییٚتہٕ بۆنٛدقس دِتھ از تاج
ییٚتہٕ چھُ گولہِ ہُنٛدٕ ے راج

گلشن کوپس ڈیُن چھُ باج
ژٕیس ووتھِ لَس لگھ موحتاج
ییٚتہِ بوے بأیس ہتھ چھُ شرٛاکھ
ژٕ کوٚت مالہِ ژٕ کوٚت آکھ

بایوٚ ییٚتہِ زول باین اول
لتھ دِتھ کٕڈِکھ مأج تہٕ مول
آدمس اِبلیسن اتھٕ ڈول
حیوانی یتس زوٗلا زول
پرٛتھ کأنسہِ چھےٚ ییٚتہِ نالس چاکھ
ژٕ کوٚت مالہِ ژٕ کوٚت آکھ

مہاراز سٕنٛز بیٚلہِ ڈیٚشن لاش
سپدن مہرٕنہِ ییٚتہِ اشہِ خاش
مأنٛزِ نمن بوز میٚژ ہٕنٛز باش
بوٚنگرِ نرٕہن یکدم ناش
گبون وأٹِی ژھٹان باکھ
ژٕ کوٚت مالہِ ژٕ کوٚت آکھ

لولہٕ ہیتھ کران لار
اکہِ اکہِ اہلبن دِوان نار
پرٕوِتہٕ ناوِ چھا لمنَس وار
سُہ کتہِ سُم تے سُہ کتہِ تار
گاٹلبن موٚتھُکھ بُتھبن خاکھ
ژٕ کوٚت مالہِ ژٕ کوٚت آکھ

فٔریاد بیٚتہٕ چھِی زٔری بوزان
حالاتھ وُچھنَس أنی روزان
فٔریادبن نیوِ گنڈ روزان
باغوانٓ شیر گڈِ منٛز کھوژان
بیٚتہٕ چھے سوٚنٛتس گوٗمُت ماگھ
ژٕ کوٚت مالہِ ژٕ کوٚت آکھ



سانیٹ

## واٛنٛگٕج وور

میٲنِس وانٛگٕج وآرِس کآری گرن کم رنٛگ چھِ گُرِ ٕمتی
نقشہِ نِگارو ٕستی پآرآوِتھ پڑتھ انٛدٕ لال تہٕ موکھتہٕ چھِ جُرِ ٕمتی
یتھ کوٗھس کم تصویر چھِ لاَ گتھ جنٛگلن بیٚیہٕ کوہسارن ہٕنٛدی
ہُتھ لبہِ چھٔس کم شکلہٕ بنآوِتھ باغن منٛز ماہ پارن ہٕنٛدی
گرٛزٕوٕنی بیٚتہٕ دٔریاو چھِ وسہٕ وٕنی واتان آخر سٔدرس منٛز
ڈل تہٕ وولر آنٛچار رٔٹتھ پمپوش چھِ للہٕ وان جِگرس منٛز
وٕنن انٛدر ون ہارِ چھِ بولان طوطہٕ قُمری وایان چھِکھ ساز
کستوٗری تےٚ جل مس گاٮ۪متی کوٕ زانن وانٛگٕج واریُٛک راز
واٛنٛگٕج وآرِس واوٕ گُلِس منٛز کم کم از تام آ ٕمتی یور
کم کم ژآنگی ژٕھنی واون ژھوٕرِتھ واو از تام کس دژٕ امُت سور
وانٛگٕج وآرِس آ ٕمتی کآتیاہ دژٕ ٕمتی کآتیاہ پُری پُری وعظ
خآلی غآلِب ہیوٕ دژاو کانٛژھا تیٚمی زون واٛنٛگٕج واریُٛک راز
واٛنٛگٕج وآرِس سیٚکہِ مآدانٕس کِتھٕ از تام ژھُرٛ دور
خآلی غآلِب ہیوٕ دژاو کانٛژھا تیٚمی زن سیٚکہِ منٛز سٔیزرآوی کھور

# سوم ناتھ بھٹ ویٖر



ناو: سوٗم ناتھ بھٹ

قلمی ناو: ویٖر

زاسنہٕ: 27/اگست 1940ء

اصلی سۆکوٗنت: لۆکہٕ بھوَن تحصیل ڈورُ انت ناگ کشمیر

حال: 94- تیٖرتھ نگر- B تالاب تلو جوٚم۔

تالیٖم: ایم۔اے، بی۔ایڈ۔

پیشہٕ: محکمہ تالیٖم، رِٹایرڈ ماسٹر۔

مطبوعات: ا۔ کلامہِ ویٖر (غزلہٕ)

۲۔ گُمہٕ ہٕژ بُمہٕ کمان (شاعری)

۳۔ منٛگ منگل (لیلا تہٕ بھجن)

۴۔ شب رنٛگ (افسانہٕ سۆمبرن)

۵۔ پوٚشہِ امبر (شاعری)

۶۔ پُسپ امبار (کاشرین غزلن ہٕنٛد ہیندی ترجمہٕ)

۷۔ لۆکہٕ بھون کی کہانی (اُردو)

۸۔ ون وُن (کاشُر دیوناگری رسمہ خطس منٛز)

۹۔ کُلیات کرٛشن جوٗ رازدان (اکادمی پبلِکیشنز)

۱۰۔ ست سنگ (کاشِر لیلا تہٕ بھجن)

۱۱۔ کُلیاتِ اسد میر (پرٕسس ویٚتُمت)

الوارڈ : تش کینٹ ریڈیو (Erstwhile USSR) ہُک ایواڈ

پتاہ: 94۔ تیٛرتھ نگر-B ، تالاب تِلوٗ ، جوٗم۔

## بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلیے آے

سنہٕ نمتھکو گرٛہزارن وٕلیے بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلیے آے

بونہٕ کھاڑنی یارِ پیٛٹھی کھنہٕ ٹلیے بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلیے آے

وونمت ذاتھا آیہِ بنٛز ڈٕلیے راے روٗز دوہ تارِ روزِ ہوٚہراے

ڈاڈ کوٚر ساڑِ ستہِ طوطہِ گیہِ گُلیے بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلیے آے

نیٛبرِ مہِ پھوکہِ کھٕتی سورنیہِ گٕلیے أندرِم یکدم نرٛشنے وژاے

تیزآبِ نعرِ تہٕ اہریز پھٕلوے بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلیے آے

سوقہِ ہا بدلیہِ توقا ڈٕلیے تِم پلزیہِ ریم ہیٛچھ ناویا ـــ

سیٚدٕہن تہٕ سادن پیٚیہٕ سدٕ ہٕلویے — بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلییے آے

نازنیٖن پان گیہٕ رآسی رازٕ ہٕلویے — یٚنٕہٕ آسی کوٚت گیہٕ حق ہمساے

یا ژتہٕ لگی والہٕ واشہٕ نتہٕ وتہٕ گٕلویے — بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلییے آے

پھنڈرا مونڈ گیہٕ ہنگہٕ منگہٕ ہٕلویے — ماجہٕ یتیٖم پہٕو دودٕ پھبب ہاے

روٗنہٕ ماہرٕنی کٔمی ماژٕنزٕ گٕلی چھٕلویے — بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلییے آے

کیٚشرے بنہٕ ژاو پوٗنی تٕلی تٕلویے — اَسہٕ ماجٕ مس والس گرٕاے

دوسہٕ آیہٕ ؤسی ؤسی ؤژھ کھل ہٕلویے — بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلییے آے

زٕو لرزن زن شاہ پآز کھٕلویے — رازٕ ہونٕزو رٕٹ شِنیاشاے

سازمےٚ کاژٕ نیوے ناز مسوٕلییے — بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلییے آے

ویٖرٕ! دوٗرٕ رآوی پٕنٕنی اَن ژٕلییے — یار گیرٕ اٗنزران سیٖر تے نیاے

سرٕ گرٕی معرکہٕ تہٕ گنڈی چیٖرٕ ہٕلویے

بٹہٕ برہمن ژٕلی ژٕلییے آے



## احساس نہٕ کینٛہہ

گرٕس گرٕس کھری ساس مگر احساس نہٕ کینٛہہ

زرٕس زرٕس ڈُبہٕ ڈاس مگر احساس نہٕ کینٛہہ

پزِ ہے ما زِنٛدٕ پانہٕ پٔنٛن زانٛپانہٕ کنٛن کہرٕ بہٕ تیٚی کھو ترٛاس
مگر ایٚحساس نہٕ کیٚنٛہہ

ڈبن کھچن تل بُلبُل پھوٚتی چھِ چھکرأوِتھ دوٚبن چھِ أسرکہٕ ساس
مگر ایٚحساس نہٕ کیٚنٛہہ

ییہٕ گیہٕ قیامت ٹینچن گنٛدُن کلن پنہٕ نبن خلقن ئلو تلواس
مگر ایٚحساس نہٕ کیٚنٛہہ

نظرِ تلیٚ چھُم بیرِ دوٚپھن ہُنٛد کاٹھ تہٕ باٹھ موٚزٛبہٕ نہٕ سوٚر نہٕ ساس
مگر ایٚحساس نہٕ کیٚنٛہہ

پٔنٛنی سوٚنٛچ مجبوٗری آویزٕ تھوان نتہٕ کُس کس لتہٕ داس
مگر ایٚحساس نہٕ کیٚنٛہہ

اَسہٕ وُن بُتھ ودِ نووُن یامتھ ترٛووُن نمس تہٕ مازس پھاس
مگر ایٚحساس نہٕ کیٚنٛہہ

جستہٕ کٔرِتھ بے وطنی منٛز روٗٹ موچھِ منٛز پان ورٛسٕ کیٚاہ ییہٕ راس
مگر ایٚحساس نہٕ کیٚنٛہہ



# کٔرنہٕ لٔگو

ہیٚتو بارٕ گٔنڈی مٔلی مأری موٗند گُلزار کرٕنہٕ لٔگی
دِوداَرٕ جنگل زول تیوٗنگل نار کرٕنہٕ لٔگی

تَم آسی مُتۍ مستانہٕ روٗٹھ نالہٕ متہٕ معشوق
أسی دِزلیہٕ مُتولی عشٕق مَقام ژژار کرٕنہٕ لٔگی

گوڈٕ ساد دِلن وعدٕ دِتھ پتہٕ آلو [illegible]
پٔتھ ولنہٕ پیٚنجہٕ زٕہو رأدی کھٔتی گُفتار کرٕنہٕ لٔگی

ژھرٕنی بأزی مَنٛز تہٕ گُپتھ کارٕ بارٕچ کھیل
نرِ زورٕ لُکہٕ ہٕنٛزٕ دآر، ڈل تے ڈار کرٕنہٕ لٔگی

زٕٹ نالہٕ وتھ واہ! شوق جنگ کرتھ جلہٕ ساران یونی
کھوڑ زیار وُنی مٹھی دوس جگری یار کرٕنہٕ لٔگی

چھُنہٕ زن تہٕ بہانی زِ گُنہٕ دوہ آسہِ قیامت
اپزٕ ٹکن سرہم پنُن سمسار کرٕنہٕ لٔگی

کٔنہٕ کوٗنٛچہٕ پیٹھٕ تاٹاوٕرس میٖرِ اشہٕ صنم ہیٚتھ
ہر بار زن چھُن ہووُمت گربار کیٛنہٕ لٔگو

مِٹہٕ ویٖر! ہیٚتۍ کیٛازِ دِلکی دآدی مُفت کار
کٕٹہٕ پیٖر سودا گار اُلفت پیار کیٛنہٕ لٔگو



## بۄنۍ

### (باراہ ماسا)

سورگہٕ کھٔرٕ کھے بٔرگہٕ بۄنی سآٔنی یے
وُمبرِ کرٕ ہے بنٛدٕ گی نُنٛدٕ بآٔنی یے
چانہٕ آسنہٕ عالمس شہجار پھیٚوٕر
آیہٕ وولسنہٕ مرگہٕ ڈل بیٛیہٕ نےٚ تہٕ نیٚوٕر
نازٕ نٔکھرل رازٕ بلہٕ چی رآٔنی یے
وُمبرِ کرٕ ہے بنٛدٕ گی نُنٛدٕ بآٔنی یے
پھاگنے پہو یام پرتو نو بہار
چشمہٕ مُشرِتھ چھکھ کرُن لاگان جہار

اوڻگجہِ اتھِ واہران دآنی دآڙیے

ڈُمبرِ کرِہے بنڈگی ننڈِ باآڙیے

ڑِتھر وَہی کہِ ستہ زیٹھِ پچھکھ بدلان رنگ

ناڵی وردن نُوی ڑِ تڑاوان مُرش ملنگ

وآنسہِ کنی چھکھ نُو ستہ پڑلنہِ ستہِ پڑآڙیے

ڈُمبرِ کرِہے بنڈگی ننڈِ باآڙیے

ہارِ تاوس مخملُک سبزار چون

شڑاوننہِ رہتہِ یاوئنگ ملڑار چون

موکھتہِ ڈیچہِ ہُری چھی کنن ڈُر دآڙیے

ڈُمبرِ کرِہے بنڈگی ننڈِ باآڙیے

باآدرُن رہتھ آدرا ہبتھ یام آو

باغہِ بونبن تل چھُ شہلان آمہِ تاو

أشدَے رئنجنکھ ڑِ رنگرِی وآڙیے

ڈُمبرِ کرِہے بنڈگی ننڈِ باآڙیے

کارتِکہِ وڈلتھے ووزل پُڑراد جان

نارِ وُزملو چھے حسُن بیداد جان

کرنٛہٕ سکھرا وآریک ماہرآنٛزیے
ڈمبرِ کرِہے بنٛدٕ نُنٛدِ باآنٛزیے

تاپہٕ مونجھورِ سنہٕ پتھر کلم خواب چِبن
ڈیرِ گژھِ سونہٕ داتھرِن کمخواب پَن
پوہ چھُ والان دوہ ہنٛس لوسآنٛزیے
ڈمبرِ کرِہے بنٛدگی نُنٛدِ باآنٛزیے

ماگہٕ نے رہتہٕ زاگہٕ روزی وپرِ چون
ماپہٕ چانے راپہٕ کرِہی دلپہٕ تون
نیروِ سنہٕ ونٛدِ نیرٕنٛو چٕنٛدآنٛزیے
ڈمبرِ کرِہے بنٛدگی نُنٛدِ باآنٛزیے



## کأشرِ بن ہُنٛد وطنی ترانہٕ

ستی سرس چھُ باربار سون نمسکار کشپ ہنٛدس کشپ مُرس
کٔشیرِ سرِیہٕ کھیترس ستی سرس چھُ باربار سون نمسکار
أسی چھِ ناگ دیو أسی أسی چھِ شاکھت شیو أسی
أسی چھِ بودھ تانترک تہٕ ریشتہکو میو أسی

تہٕ ریٛش گرس چھُ بار بار سون نمسکار ستی سرس چھُ بار بار سون نمسکار

یہٕ پوٛنۍ وتٔستایہٕ ہُنٛد ہمالیہٕ بالہٕ ژھایہٕ ہُنٛد

تہٕ امرناتھ جایہٕ ہُنٛد سُہ مایہٕ ابنسایہٕ ہُنٛد

وتھٕ آگرس چھُ بار بار سون نمسکار ستی سرس چھُ بار بار سون نمسکار

چھُ دیٛان سون پدم سر چھُ گیٛان سون ڈل وولر

للیشوری تہٕ نُنٛدٕ ریٛشن دِلس دِلس چھُ سۆن اثر

تہٕ ست گورس چھُ بار بار سون نمسکار ستی سرس چھُ بار بار سون نمسکار

یہٕ بسون من چھُ عارٕ ہۆت وہراہٕ بۆرت لولہٕ مۆت

یوگن یوگن چھِ ہیتھ پکان پکان بڑوٛنہہ ہوان سۍ پۆت

زرس زرس چھُ بار بار سون نمسکار ستی سرس چھُ بار بار سون نمسکار

وٕلو سُمن چھُ سارٕنۍ لُمن خُمن چھُ سارٕنۍ

کرٕنۍ چھےٚ وونۍ اکے کتھا تہٕ بڑوٛنہہ پکُن چھُ سارٕنۍ

گرس گرس چھُ بار بار سون نمسکار ستی سرس چھُ بار بار سون نمسکار

چھِ وپر اَسہِ چھُ دِل جوان قدم جوان منٛزِل جوان

ہمیرلشہٕ کی چھِ راچھدر نوٕے پھُلے تہٕ نوجوان

دِلاورس چھُ بار بار سون نمسکار ستی سرس چھُ بار بار سون نمسکار

# جواہر لال سرٛوٗر



ناو : جواہر لال رینہ

قلمی ناو : سرٛور

زاسنہٕ تہٕ دوہ : 2 نومبر 1939ء

اصل سکوٗنت : مہنوٗر۔ بڈگام۔

حال : وِنایک نگر۔ مُٹھی۔ جوٚم۔

تألیم : بی۔اے۔ بی ایڈ۔

پیشہ : رِٹایرڑ ووستاد محکمہ تألیم۔

مطبوعات : کأشر شأیری : (۱) لولُک صدا (1956)۔ (۲) پٔچھ آش (1958)۔ (۳) وجد (1994)۔ (۴) کأشرِ نظمن ہُند انگریزی ترجمہٕ Pinning of morrow۔ (۵) شواے نمہٕ اوم (بکھتی شأیری 2005)۔ (۶) پوشہٕ ہلم (2005)۔ (۷) لول تہٕ ریہہ (2006)۔

اچھ تار رِکتابی سِلسِلُک ایڈیٹر تہٕ ستی سر مُلا قاتھ نمبرُک چھُ کو ایڈیٹر روٗ دمُت۔ 2001ء منٛز چھُن بھوپالہٕ قومی مُشایرس منٛز کأشر زبأنۍ ہنٛز ترجمأنی کٔر مٕژ۔

| | |
|---|---|
| اواڑ : | وِتستا ایواڑ تہٕ سٹوفکیٹ آف آنر (2000)۔ |
| پتاہ : | وِنا یک نگر۔ مُٹھی۔ جوٗم۔ |

# غزل

پیٚیہِ سٕری پیٚٹھی ییٚلہِ از راتھ تہٕ وَن ووٗنی کیٛاہ ساٚ کرَو
گٔیہِ دَم پھٕٹی از بُتراتھ تہٕ وَن ووٗنی کیٛاہ ساٚ کرَو

شِنہٕ مالیٚن زولُکھ نارٕ تہٕ تاپَس ڈٲپکٔ وٕٹِکھ
گٔیہِ کھو گر آدم ذاتھ تہٕ وَن ووٗنی کیٛاہ ساٚ کرَو

وَق صُبحک کُس غزلاوِ تہٕ کُس دِیہِ سازس زیٖر
چھُنہٕ أندی پٔکھی کانٛہہ سُقراتھ تہٕ وَن ووٗنی کیٛاہ ساٚ کرَو

وِجہِ واوس تھوِ کُس ٹھٔری تہٕ ووٚلرس تار دِمَو
زانٛہہ ڈٔنجہِ کتہِ رٕوٗدی حالاتھ تہٕ وَن ووٗنی کیٛاہ ساٚ کرَو

کٔمۍ زاجہ بیہِ بُستی برمنٛدٕنبن کٔمۍ پوش پُژنۍ
کٔمۍ زون بیہِ گو درجاتھ تہٕ وَن ووٚنۍ کیٛاہ سآ کرَو

دوہ اسِنکی گنٛدٕنگی راوی تہٕ وتہٕ ىٔدی رٲسی سَپدی
میٚۍ زون زِ میٚۍ ئِج ماتھ تہٕ وَن ووٚنۍ کیٛاہ سآ کرَو



## غزل

وأناکھ سٔدرٕ زُوی چھِ رچھان میانہٕ دِلکی آکھ
کمہِ جنٛگلہِ ووٚتھُکھ میانہٕ متیٛا ونتہٕ کوٗکن وڑاکھ

ہاوس مےٚ از منسأوی رچھَن کتھ بہٕ پکھیچ آش
یا ٹوٚنگ الوٚند تالہِ پیٚٹھ چھُم نتہٕ چھےٚ ہُنٛس شڑاکھ

ہے وَنتہٕ ییٚتہِ کٔمۍ نیٚہہ گِٹس منٛز ژوٚنگ دزوٗن تھوٚو
کتھ زوٚل کرِ کانٛہہ زۄنہٕ گاشس تام لوگُھ ٹھاکھ

از کتہِ چھُ حُسنَس بوٗش کٔمِس یاد زُلیخا
ووٗنی کتہِ چھِ سمان پزٲنی پٲٹھِن بازرس منٛز گرٛاکھ

پَتھ ونہٕ چھےٚ ما ووٗنی وِگنہِ گبوان نۓ چھِ وُزان ناگ
کُس اکھ چھُ لبکھان لولہٕ غزل کُس چھُ لبکھان واکھ

سرٛوٗرٕ رچھان کتھ رٕتبِن چھکھ از ژٕ موٗدِری خاب
ییٚتہٕ ناز نیٚبِن از چھِ گرٛژھان پوشہِ بدن چاکھ



## غزل

بے شوٗنکو پٲٹھِن ڈالہِ ہٕزبس گاش گٔژھِس منٛز
ہا بابہِ کتھن ییٚتھ نہٕ ووتھِ پُرخاش گٔژھِس منٛز

کم تام یپٲرٕ دزاے نۓ اَس زان نہٕ پہچان
لٹہٕ بارِ تمِن اَس شاید لاش گٔژھِس منٛز

وتہٕ آسہٕ سارٕے خۆنہٕ سُرِی بُتراتھ دٕیان آس
موچھِ مَنٛز رٔٹتھ زن اوس تس آکاش گٔژھس منٛز

کرکھے ژٕ وُڈو کرتہٕ کوٗتامتھ ژٕے پوشی دم
حبس گٔریٖ زِ پکھن یُتھ نہٕ ہیٛنٛنَے ترٛاش گٔژھس مَنٛز

سمکھس تہٕ کتمن ونتہٕ خلوکھ سمکھِ ژیٖہا اکھ
سرٛوٗرٕ آسیا تس تہِ کینٛہہ یاداش گٔژھس مَنٛز



## آلو

تِمے سمن بل تہٕ ناگہٕ جوے سوے
نہَ وِگنہِ ونہِ وُن
نہَ آبہٕ شوشہِ راے
فقط دٕہے دٕہ
دزان چھِ رآیِل
چھےٚ ہوٗلہٕ بانٛگے

ژلان چھِ بہہ شال

ڈیٖر ترٛ آوِتھ

ودان کوٗستوٗری وٕنکی

ہانٛگل

الاو ڈٕیشتھ



وتن چھُ لوٗ گمُت پہرٕ کرتام

فقط چھےٚ گاڈٕن لاٗن اُلجھٕژ

بنٕبے تہٕ بنہٕ کیٛاہ

ووں گاش پھولِہ کر

چھُ ہرموکھس پیٛٹھ

یہٕ گُس ملنٛگاہ

دِوان آلو

شِوایہِ نما اوٗم نماہ شِوایے



# مُتۍ آب

پَتھ وَنہٕ کہِ ساہٕ منوشہِ
کۆت ژٕ گژھکھ
سورُے شہرِ چھُ یآ گی گۆمُت
نہٕ کانٛہہ حیاہ تہٕ نہٕ شرم
آوارٕ تہٕ پاگل ہۆنی چھِ
کھہرنہِ کھُتۍ مُتۍ
سُہ ناگ پُرٕ دُکھ کرتام
یِتہِ نَس ژٕ تپسیاہ اوسُکھ کران
کرکھاہ یقین
میانہِ روزن جایہِ تہٕ کۆرکھ
ژۆک اسانٛس گُن
ازکل چھُس یتھ دزٕوِنس سیکہِ صحراوس منٛز
ہنہٕ آمُت
زانہہٕ پٔتُن پان
ژٕ اَے وونی آلہِ منٛز رونٛگہٕ پھلکی پاٹھی

پُنُن پان کڈکھ نۆن

پڑاوکھ کیٛاہ

بوز کھےَ میٛون، پھیرکھ پۆت

گرٛژھ بیٚہہ تتھٕی وَنَس منٛز

دیٛو تور ولتہِ نہٕ یہِ ژھٹھ

ہرگاہ فرصت تیٖی

تیٚلہِ گرٛژھی زِ ہلم دأرِتھ علم دارس

سُے وَنی

مٕتۍ آب کیٛاہ گو



# اومکار ناتھ شبنمؔ



ناو : اومکار ناتھ بٹ

قلمی ناو: شبنمؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 12 رجنوری 1945ء

اصل سوٗکوٗنت: وچی، پُلوٗوم،

زآنہٕ پوٗر۔ شُپیَن۔

حال: ویشالی۔ غازی آباد۔

تاٮ۪لیم : ایم۔اے (فارسی، کشمیری) بی۔ایڈ۔

پیشہ: ووستاد محکمہ تاٮ۪لیم رکچول نیوز ٹرانسیلٹر ،

آکاش وانی دِلی۔

مطبوعات: کاشُر : ٹیوٗٹھ موٗدُر (طنز و مزاح شاٮ۪ری)

شبنمؔ صابُن تذکرِہ چھُ انسایکلوپیڈیا آف انڈین

لٹریچر والیوم 2 ہَس منٛز کرنہٕ آمُت۔

پتاہ : 465/4، سُپر ٹیک ہوم۔ سیکٹر , 4

ویشالی، غازی آباد۔ (یوٗپی)۔

# زنٛگ

مالِنٛی پرٛژھنے دَپِن تَس ڈٲلِ زنٛبکھ اَسہِ کوٚر رِفارم
داہ ترٛہہ پنٛژاہ گرِکی یمو تَتھ کیٛاہ کرَو سو گیہِ زنٛگ

ہیٛتِس دِتس اَسہِ چھُنہٕ روٗشی کنہٕ واجہِ کٔٹِس پوشمہ ناہ
ہووٕری ترٛاوَن چنٛدَس لیٛچھاہ تَتھ کیٛاہ کرَو سو گیہِ زنٛگ

سو کتہِ بنان ہمٕژرے واجیٛنٛو اَسہِ روو پَنُن کیٛنٛژرے کھوس
ڈِسکو ڈانس وانس کرَو تَتھ کیٛاہ کرَو سو گیہِ زنٛگ

وشنٛوی تَس پیٛٹھ ماہ پڑے بِجاجی یَس کرُن سال
نان وتج سِنٛزہَن داہ ترٛہ رَنو تَتھ کیٛاہ کرَو سو گیہِ زنٛگ

ڈِمانٛڈ وِمانٛڈ تہٕ ماہ کرَو کورے ماٲلِس پَنُن حُب
چیٛکلہٕ ہرگاہ دِژن رَٹو تَتھ کیٛاہ کرَو سو گیہِ زنٛگ

تُنٛبکھ نارٕبن پیٹھ ماہ کھسے فِلمی بأتن ہُنٛدے سوز



اَسہٕ وُن شبنٛمی شارٕے پَرو تَتھ کیٛاہ کرَو سو گیہِ زنٛگ

☆

## مزاحیہ غزل

یورٕ کوتاہ کھوٗنٛگھ آب رَژھ ما توٗرُکھ

واعظ کوتاہ پوٗرُکھ راز زانٛہہ ما وۄنٛگھ

یور یتھ ذات بُتراتھ مبے ما کانٛسہِ پرٕژھ

دالہِ ڈٕسَے، چلو دالہِ بٹہٕ ما وۄنٛگھ

کٕمۍ ژبےٚ وۄننَے بٹن رأو پرٕزنَتھ پٔنٛنۍ

ہاکھ سُے، چاے سوے سُبے دمولۄ رۄنٛگھ

کیٛاہ سآ لوٚگ کھاہ ژٕ گُنہِ دالہِ گٔڈوس ورأے

میٛانہِ پتہٕ تتہِ یہِ حسرت گڈھسٕ ما وۄنٛگھ

پۆز یۆہے گو زِ تیٚمی ہِٕے بٹوَ فاش ژۆٹ
پۆز یۆہے گوَ زِ سُے نالہٕ مَتہٕ بیٚیہٕ رۆٹُھ

یام ریٚشی مالی صاُبن چھِ ووٗنی تِم گرٛھن
تام پڑاُرِو بِین تِم تہٕ تمُٕ ما ووٗنُھ

تِم تہٕ اَسہٕ ہَن مگر کُس ساَ اَسہٕ ناوِ ہسکھ
شار پتہٕ میٚون ہیٚو کاَنٛسہِ بیٚیہٕ ما ووٗنُھ

شار شبنٕمی پرِٕتھ بار لوتہٕ. ہے تمِن
بار ہا گِلہٕ کوٚرُکھ پۆز سو دِلہٕ ما ووٗنُھ



## شوٗب

صُبحکہٕ نوٗرٕ اتھٕ بُتھٕ چھلن والہِ
بُترٛاَژ ہٕنٛدِ نپہٕ کرٕونہِ کنہٕ دوٗرٕ
پرٛ بتھ کیٚنٛہہ زاَنتھ مٕہ لاگ ازاَنٛ



گولاب چھاوِن والہٕ
ژٕ چھُکھ سُہ حُسنُک پُزاری
ییٚمی ییٚنٛبرزٕل، مسوٗل، سُنٛبُل تہٕ نرِگس مُشکِتھ تہٕ
نانا پژکارۍ پوشن گوڈٕ بوٚر
اوٚنٛد پوٚکھ نیٚبہٕ نووتہٕ رنٛگ ژھٹہٕ نوو



جاناوارن ہٕنٛدِ رازٕ
ژٕ چھُکھ سُہ شاہ پاٗز
یُس ژٕرِ ہارِ کُتجہٕ تہٕ طوطہٕ وُچھِتھ
وٕجدس چھُ یِوان
تہٕ آکاشُک وُڈٕو پزاوان
تھزٕرِ پیٹھٕ نظر ترٛاوان
یِمن رنٛگابہٕ رٕنٛگۍ جاناوارن ہُنٛد
بول بوٚش بوٗزِتھ چھُکھ پھولان
تہٕ کُنہِ نہٕ وٕنٛان

رٮ۪ش وارِ ہٕنٛدِ تہٕ رٮ۪شہِ
قوٗران گیٖتاتہٕ گرٛنتھ پرٕن والہِ
عِرفانٕکۍ نغمہٕ گیوٚن والہِ
ژِ چھکھ سُہ پایہِ بوٚڈ منوش
یُس حضٕ شیٚخٕنٕ شرٛکہٕ تہٕ للہِ ہٕنٛدۍ واکھ پٔرتھ
ووٚنٛدُک مَل چھُ چھلان
حوٚسنَس وبۄ رٹلان
سراپا لول بنان تہٕ
لولس آے کانٛچھان



مِلٕژارس گوٚڈٕ برٕن والہِ
بُتراتھ ہٕنٛدِ عظمتُک چھےٚ قسم
تیٚلہِ نٔے وَنکھ
کُن کٔمۍ بٔرۍ؟
یا گوٚ پرٛتھ پوشِن ژھوٚٹ نہٕ پٔنٕن رنٛگ
کٔمۍ کستوٗرۍ گیوٗ نہٕ مٔدرلے

کمہِ ہۆرِ پرٛی نہٕ جامہٕ

سوٗرگ چھُکھ نا چھاوان

ہے وطندارٕ سورگک چھےٚ قسم

وَن کٲنٛژ چھےٚ نفرت

تیٚمی بآے کھوٚنہِ کھوٚنہِ رۆ چھُکھ

تیٚمی سیٲنٛس ءِتی رۆ ٹھُکھ

تٔمی سُنٛدے چھُیاہ ملالہٕ

یا گوٚپرٛتھ پوٚش تہٕ جاناوار

چھُنہٕ چانہِ باغچ شۆب



## مےٚ چھےٚ آلوٗ آلوٗ مأج دِوان

ہو چھےٚ بالس پیٹھ از زۆن أڈٕ ے

بیٚیہٕ رۆزِتھ ہش گیہٕ اڈوٗتہِ زٕژ

یَم شُرۍ کوٚتام ژھیپہٕ ژھور گنٛدن

مےٚ چھےٚ آلوٗ آلوٗ مأج دِوان



یہِ چھُ دود تمٕس ییٚمہِ کھونہِ کھونہِ رۆچھ
یہِ چھُ پَنہٕ نی پَڈٕ منشس گالان

☆

ہوتہِ زۆنہِ یَس یتھ تارکھ نَب
یہِ تہِ زۆنہِ یَس چھلہِ چھانگرٕ گۓ
یَس ازلےٚ دَکہِ دِیُت مُت سِری یَن

☆

ہُمہِ انٛدٕ وۄشلوٕ اسمانس بُتھ
کھوٚت تارُکھ بس چھس آش یہے
انزِ بڑٕ اُنزٕے ٹھٕہرِ یوٚس رژِ کھنٛجہِ کھور
نتہٕ منٛدِین نِہ ما گڑھِ ہے شام

☆

یہِ چھُ ماجہِ پیوٚمُت تھَنہٕ سُے بالُک
منٛگی منٛگی یُس ہیوٚت تمہِ استانن
ہوچھےٚ موتس ستی دَبہِ دب کرٕونی
یہِ چھُ نظرو نشہِ لَس واراہ دۆر
گُستام رُکاوان چھُکھ درشُن



تیٚمہِ زٕگتن ہیٚچھ ناؔوِ کاؔیشاہ رنٛگ
یُس ماجبن تھاوان پوٚترن دوٗر
یُس مورِدس تژیشہٕ ہوٚتےٚ تژاوان
تٕسی کٕنڈِ تھرِ رژِ پھوٚلران گُل



اڈٕ راٲژ کٕنٛن گوم تٔمہٕ سُنٛد ناد
بنٛد کٔمرِ چ اکھ اکھ داٲر ژُژیوٚت
لنہِ گٔٹ کوٚرٕنس بیٚیہٕ گیر اٲتی
وٕنہِ وَژھِ واٲنٛجہِ ژٕج کرِبکھ نیرِتھ
یِمہٕ رٕکتھ میٚبہٕ چھےٚ اکھ اکھ لٕہ تژوٗپرِتھ



چھوکہٕ لد دِل ییٚلہِ پھٔٹہٕ نَس آو
موکھہٕ مٔنٛز بیٚیہٕ ژٕج کرٕبکھ نیرِتھ
ہوچھےٚ بالس پیٹھ از زوٗن اٲڈٕے
یِم شُری کوٚتام ژھپہٕ ژھور گٕنٛدن
میٚبہٕ چھےٚ آلوَ آلوَ ماٲج دِوان

# غزل

یَنہٕ رووُم گرٕ بار پُٹھُن
تنہٕ چھَم وأنٛجہٕ گاٚمژ دَتھ

بہٕ سٕنٛزِ پُرنے دِمہٕ ہا مێوٕ ٹھ
پتھ گُن بس چھُم اکھ حسرت

گتھ دِمہٕ ہا تُلہٕ مُلو ناگس
متھ چھُم کھسہٕ ہا بیٚیہٕ پربَت

ہٮ۪ی ہٮ۪ی گاٚمتی یێتہِ أسی ڈأسی
اسہِ چھنہٕ مرنس سُنٛب فُرصت

پۆز گو یێتہِ زیٛوٚن تتہِ کھوتہٕ ژۄر
پۆز گو یێتہِ چھنہٕ ترٛشہ برکت

اسہِ ءستیٚ گٔرۍ تَو کتھ کاشِر
کاشِر زبو پَتھ کٔن ارزتھ

ماجہِ زیوِٕ بَر ناہ پژتھ وِزِ لول
یے اَسہِ ءستیٚ پٔچ مژ پَتہٕ وَتھ

تتہِ نیرِتھ گٔیہِ چھلہٕ چھانگرٕ
ییٚتہِ رٔٹ پژتھ أکی بیٚون بیٚون وَتھ

پَنہٕ نبن نِش روٗٹ دامن دوٗر
پردٕبن ءستیٚ ورتاٗو شفقت

یوٗت مٔتھو ننہٕ وارِ لتو
تیٚوٗت لٔبو شبنمی شیہلتھ



# پی۔ این۔کول سائِل



ناو: پرٛتھوی ناتھ کول

قلمی ناو: سائِل

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 22رفروری 1938۔

اصل سۆ کوٗنت: شالہٕ کدل۔

حبہٕ کدل۔ سرینگر۔

حال: شارِکا آنگن، دُرگانگر سیکٹر ا، جۆم۔

تالیم: ٹرینڈ سینیر ٹیچر۔ پیٹنگ اینڈ ڈیکوریشن ڈپلوما۔ سٹیج ڈیکوریشن ڈپلوما۔

پیشہٕ: سرکاری ووستاد۔ کِتابت ہندی، اُردو تہٕ کأشُر۔

مطبوعات: کأشِر کِتابچہٕ : فریادِ سائِل۔ سُمرن۔ رنگہٕ بُلبُل۔ آدم۔ پم پوش، اصراف، فأشن، آرادھنا (53-1956)۔ لوٚہتی ٹۆری (1960)۔ دیوِی وانی۔ لولہٕ ناد۔ رٕژ دہٕ (450)واکھ۔ اَہی (زٕ ایڈیشن)، اٰشی ژالہٕ۔ بُزرگ دیوتا، گورٕ گیتا۔ لولہٕ وژن تہٕ بیٚیہٕ تہٕ کیٛنٛہہ کِتابہٕ تہٕ کِتابچہٕ۔

اٰمی چھےٚ بحیثیت ایڈیٹر ہفتہٕ وار ''گاش'' تہٕ کأم کٔرمٕژ۔ یُس

شوشل ویلفیر ڈِپاٹمنٹ کڈان اوس۔ اَمہِ علاوِ ایڈیٹر کھیر بھوانی ٹائمنز تہِ کٲم کرٕژ۔ وُنی کٔبن چھُ ''شُد ھ وِدھیا'' بھگوان گوپی ناتھ ٹرسٹ رِسالس بحیثیت ایڈیٹر ہندی تہٕ کٲشُر سکشن ترتیب دِوان۔

اواڑ : (۱) بہترین ووستاد آسنُک اواڑ (1972)۔ (۲) شُری بأتو باپتھ کشمیر حکومتُک اواڑ۔ (۳) کٲشُر رسم خط ہیچھِ ناونہٕ باپتھ محکمہ تألیمُک اواڑ۔

پتاہ : شارِکا آنگن۔ دُرگا نگر۔ سیکٹر ۱۔ جۆم۔

## مۆدُر خاب

ییہِ نہٕ چون ژٕ کتھ تتھ رأچھ کران
ژٕ ے گُلہم پأٹھن میأنی چھکھ
اِو تی بس ژٕ ے بس خأرلص ژٕ ے
گٔیہِ وأنس مبے پڑاران ژھاران ژیٔ
اِدٕ ساتھ بنوٕ یٔژ کالی ییہِ رُت
میٔ قرنَو پٹھٕ اَس چأنی کل

پۆز گرِ گرِ ما بنہِ ساتھ شِہُل

پۆز راتھ مبے إٔسن کل گٔنڈٕمژ

اِ أدی آیکھ ہکہٕ نیرِتھ

نظرن دِژٕ مُرنہِ تِتنہٕ پڑھ آیم

انہار مبے ویۆد اوس اِ بوٗسم

یِیمہِ کأینأژ أندرَے بدِ کڈٕمکھ

یِتھ وأنجہِ پردس پیٹھ کھٔنزمکھ

پتہٕ تاب تہِ گوَ بے تاب لٔبتھ

گوَ آچھِ تہٕ گٔنجہِ تمٕی مُدیہِ ژبے گُن



گٔیہِ أچھ روٗزِتھ لجہِ درٕ تِمہٕ وٕلی

پتہٕ کتھ اوس پڑارُن تھارُن کیٛتھ

میٛۓ نیمکھ رژھِ رژھِ ژٕ ے سأمتھ

تھۆو أچھوٕ ے اکھ اکھ پیۆٗنت ٹُلِتھ

یِمہٕ نظرٕ چھِ چانے ژھایہِ وُچھان

أچھ ٹیٹھِ چھِ زاگان مُرژٕ ٹُلن

وچھ چھےٚو ریٚوٗمُت بیٚیہ تمبلٕیوٗمُت
تھٕو اٲمۍ شیٖرِتھ چاٲنۍ ناز اداہ
اکھ اکھ ادا وچھ للہٕ ناوان
دِل پھوٚل زن سوٗنٛچ پوٚشہِ مرگ
بیٚتہِ ہر ہنٕہ ژھالہٕ خیال نوان



از ارمانن نوٚن تر وڑامُت
متہِ سوٗنتہٕ چھُ تھرِ از زُو ژامُت
سیٚہ چھُ میٲنہِ وجوٗدُک پرتوٚ یتھ
مےٚ تہِ لئے بُر تڑاین گڑاین ژیٚیے
مےٚ تہِ سام ہیٚرٕزم نا پاین ژیٚیے
مےٚ تہِ رچھِ کرِنا چانٛن سوکھنن
بیٚیہِ شکر وُٹھن ہٕنٛدِ نٕبے وڑنن
یُس چاٲنس یتھ روٗپس منٛز آو
یتھ خابس میٲنِس یی تر وڑاو



## وۄشن سانٛبن ہیٚہِ کۆت تاثیٖر گومُت

اما سنہٕ کُنہِ وچھس منٛز دِل تہٕ چھا ون
بِداون سانہِ نٕے چھا کانٛہہ تھوان کن
بُتھی یاتَن چھِ اَچھ پھِرِی پھِری دِوان وٕنی
مُسیٖحا لاگہِ کُس کس سپر باون
چھُ زن تقدیٖر ورکھبتھ تھامہِ گومُت
وۄشن سانٛبن ہیٚہِ کۆت تاثیٖر گومُت



چھُ کس سنہٕ سون ژُک ژُکی دار لاگی
کمِس پِٹھ پژھ کرکھ ون کُس نہٕ زاگی
چھُ کُس غم خار یُس مُروتھ کری ژیٚنے
دَیُس دامانہٕ رٕٹھ دِلدار لاگی
چھُ زن شرٛیہہ تےٚ موجبت آوٕ سیٚومُت
وۄشن سانٛبن ہیٚہِ کۆت تاثیٖر گومُت



ہیٚہِ چھےٚ بس غرضہِ اوٚن دُنیاہ ہناسن

پرس پَنہٕ نِس اندر مو زان کانٛہہ بٔبن

للکھ چکرن ژٕ تِلہٕ وأنی دانٛدٕ ہٕنٛدی پأٹھی

مشی روٗتُل تیٚی ما باسہٕ نَے دٕبن

چھُ زن ووٚنی لولہٕ وٕہار کانٛہہٕ نیٚومُت

ووٚشن سانٮ۪ن یہِ کوٚت تأثیٖر گومُت



## غزل

دِلدارو. ووٚنی بُتھی گرٕی ترٛام

أچھِ نٕے پچہِ پھیُٖر گومُت عام

سرسأنٛی شامن ہٕنٛز چھم دزٕے

روپہٕ ٹبن بُتھی نٕے پیٚمژ ہام

عشقنہِ بازٕرٕ عٔشقہٕ باپأری

پأہچہِ جایہِ ورتاوان ترٛام

پرٛیمس کتہِ رۄد بوٚرٕے کانٛہہ
ناحقے لول گومُت بدنام

دِل چھُنہٕ ڈٕنجہِ گُنہِ رنگہٕ روزان
رۄژھمُت چھُن بدلے انداَم

وژنن تہٕ لیہِ نٕے بگریہِ لےَ
رٕسلبن باٗتن گوَ لیلام

نیٚبرِم میچھر سپدِ پھکٕو
أندریم ویٚہہ اٰخرٕ نوٚن دژام

دِلہِ کٔبن آٗنن اُلجمِژ کھےَ
ساٗیِل ہیٚیہِ کیٛاہ شکلن سام



# امر مالموٗہی



ناو: امر ناتھ بھٹ

قلمی ناو: امر مالموٗہی

اصل سۆکۄنت: مالموہ بارہ مولہٕ کشمیر

حال: جۆم۔

زاسنہٕ تہٕ دوہہ: 29/دسمبر 1940ء

تالیم: ایم۔اے (ہسٹری)،

ایم۔اے (انگریزی)، ایم۔اے (اُردو)،

پی۔ایچ۔ڈی

پیشہٕ: رِٹایرڈ کالیج ٹیچر۔

مطبوٗعات: ا۔ کچُلے پھول (اُردو ناول۔ 1961)

۲۔ زعفران زار (افسانہٕ۔ 1964)

۳۔ تژلیش تہٕ ترپن (ناول۔ 1977)

۴۔ کتھا سرِت ساگر (ترجمہٕ)

۵۔ وکھنے تہٕ وبڑھنے (تنقید۔ 2001)

ایواڈ: ا۔ جموں وکشمیر کلچرل اکادمی ایواڈ (تژلیش تہٕ ترپن باپتھ)

۲۔ دوٚیہِ لٹہِ آل انڈیا ریڈیو بہترین ڈرامہٕ ایواڈ

۳۔ ساہیتہ اکاڈمی ہُند بہترین ترجمہٕ ایواڈ

ڈاکٹر امر مالموہی صأب چھِ ازکل سینیر فیلوشپس تحت کأشُر کلچر تہٕ تہذیبس پیٹھ کأم کران۔

پتاہ: معرفت 141، وِکاس نگر سیکٹر 1، جوٚم۔ 180005۔

## آسیا کأشہ علمدار

ناگاہ نظرا پییہِ سڑکے کُن

اتہِ ڈیٛوٗٹھُم پنہٕ نُے ووپرا

دُبرائے دِلس گیہِ دوران گوس

نظرا دِتھ تھلہِ تھلہِ اِدٕ پرُژھمس:

"ہے بابا وَن کوٚ آمُت چھُکھ

یتھ تاپہِ سینِکستانس مَنز؟

مُخبرِ ما چھُکھ ژٕ تہِ میٛأنی پأٹھی

کِنہٕ مُخبر ژھانڈنہٕ آمُت چھُکھ

وولہٕ ہُتھ خمس مَنز تھکھ ہیٛوٗ کٹھ

ژُٔژ ژٕیشا چینتھ عاَرق شیٚہلاو

یِی وٕنۍ تھےٚ نرِمیےٚ تھف گرُٔمس

ٕخموَ مُٔنزٕ واَتۍ أسۍ خُمٕس مَنٛز

شارِکا لتہِ آٚس برٕ گأَمژ

ژُٔمۍ ہٕنز مأَج پیٹۍ کوٗٹس مَنٛز

یتھ گدُٔی، زٕدی، ژٕتھ تہٕ پیوٚند آٚسۍ

ننہِ تتہِ مبکسی لوکچہِ نوشے

لیس ڈیکہٕ لون تمہِ راَٚژ رووُمت اوس

ییٚلہِ دوٕدٕ ماَٚصم بے ہوش سپدیایے

ییٚلہِ ژُتہٕ ناربو لاَگی چھرٕ ژٕاوٕنۍ

ییٚلہِ ہنگہٕ منگہٕ مُخبر أسۍ گنٛزِرکھ

ییٚلہِ چٕھٹھِ ژٕاوبکھ صُبحس شامَس

ییٚلہِ راکھی بنے یہِ غأَر اِسلأَمی

ییٚلہِ اخبارن فُتوا دِیُٔت:

"جل نیٚرِن سأَری مُخبر"

ییٚلہِ دوٕدٕ ہکھرو پٕنٕنۍ مُستی مَنٛز

اسہِ سوٗرے بُتھ ژیٚو نہناوِتھ!

ننہِ تنہِ مکٕسی لوکچہِ نوشے

یوسہٕ جِگرس داغن ئلی پرداہ

نیٚچ أسس کوچھِ مٔنز ترٛیشہِ ہٕرٛژے

بدلٕے داغ زن ہوٚلیٚج أسس

دگ داغ زٕمن باأژن باأژن

روٗ توٗ تے نوٚٹ اوس بس سامان

پیٚتہِ وتہِ ہنٛزٕ کنہِ آسہٕ نرِمل وونی

گیوٚی گیوٚی ووپرن تام چاوان

تِم بٔسکین کزٕیشان پاش قطرن

وُڈھ پھیشان سکینہٕ خمس مَنٛز

شمرو چھِ فُراطس ڈٔھری گٔنڈی متی

چھکھ آشِ حُسین سر تسلیم خم

سر دِتھ سردارن ڈٔھری پھُٹرِنی

یُتھ باشہِ نہٕ راون ماٲصوٗمن

یُتھ کانٛہہ تہِ یزید لتہِ اور کرِ ما

مذہب تہٕ سِیاست مُلہٕ مِشہٕ زانٛہہ

لتہٕ اور تہٕ عزیٖد رۄدی یزیٖد بنان

وٲی! دعوا کوٚرُکھ مِلتچ خٔدمت



کیٛاہ ژیٚنتھ لس سوسُن ہیٚو پھیٚور

کتھ کرنےٚ ترٛووُن پتھ گُن ڈاپھ

وُچھنے لوٚگـسس باسیٚوم بوٚچھہِ چھس

نوشہِ تھووُس برٛونٛہہ کنہِ ترٛیشہِ گلاس

ہیٚڑی اکھ پلہٕ وِتھ پتہٕ پرٛژھمس:

"ہے بابا! ون گوڈٕ چاے کوسہٕ چھکھ

لِپٹن، نمکین کِنہٕ قہوٕ ہنا؟

راتس روزُن چھےٚ مےٚ نِش خوٚرۄر

شامن ون سیٚن کیٛاہ مرضی چھےٚ؟

مےٚ چھُ باسان روغن جوش کرِو

نتہٕ گُرٛژھ آسنہٕ کاشُر گاڑاہ!

وٲی! گاڑ تہٕ ییٚتہٕ سورپھے باسان

نےَ مڑ مازس نےَ سبزی ساد

بیہِ چھُ شہر بدل بیٚتہِ بوٗلی بدل

بیٚتہِ طہارت کرنُک طور بدل

لکھ لول لکھ آداب آہی

لکھ لکھ بوٗزِتھ بیٚتہِ لکھ سَپدان

ہے! میأنی دژے چھے سیوٚد ژے وَن

کھسکھ چکھ کیاہ تی ون، رنہِ ناوو

پتہِ راتس باوے دأدی پٔنٕنی

ژٕ تہِ ونہِ ہم تورٕچ شیٚچھ خبراہ

آخر چھُس پوتل بہِ تہِ تمہِ کعبُک

یتھ پوتلو روٗس چھنہِ شوٗبے کانہہ ـ"



ووش ترٲوِتھ ہنگہِ منگہِ تھوٚد سُے ووتھ

کیٚنژھ ونہِ نےَ کرنےَ لوگُن بوٗتھ

حأران سَپدِتھ نظراہ گُرمَس

پُرژھمس: "بابا! زوٗر ما چھکھ

وۄن کیٛاہ مےٚ کنہٕ سےٚ کوٚ ژےٚ کۄشُتھ

بانٛبر مہٕ پرٛژھمَے سنہٕ کانٛہہ ترِٛشہ کتھ

ییٚمہِ ستیٚ ژےٚ منٛدچھان زان بأسی

یوسہٕ دودٕ ہکھرَو رُسوا کرتام گٔر

یۄد ژٕ وۄپر توتہِ پنہٕ نُے چھُکھ

اکھ راتھا مےٚ نِش از کر ٹھہراوٗ“

کیٚنٛہہ ونہٕ نَے ییٚلہِ سُہ واپس وڑاو

دَو ترٛاوان ووت جل سڑکے پیٹھ

حأران سَپدِتھ دوران گوس

دۄپمَس ! ”ہے بابا وۄن کیٛاہ مےٚ

سوٗسُن کوٚ پھیوٗرُے ژےٚ رولیس؟“

دۄپنَم : ”پنڈت جی! بۄز بہٕ ونَے

تقدیرن گٔری اَسہِ کم کم ژھل

نَے گُنہِ سُہ حرم نَے گُنہِ احرام

پوتلبن پتہٕ کعبہٕ تہِ نہنووکھ

لارُک لۄگ دار دارُک ژۆل لار

گامُن گُن پیٚہُم پھیران گرٛبد
دبد صأبن آہی از دم پھٔشٛٹہ
وبد مُٹھرٛ سوٗرے الم غلم
شٔبرنٛگ سیاست رانٛٹس ہِشٛ
وانٛٹس مَنٛز از لتس آدم رتھ
لاشن ہٕنٛدی لگُو ٕمتۍ ویٚتھِ از شاٹھ
ڈٕلہِ پمپوشن ووٚنٛ بدلےٚ رنٛگ
ریٚش تہٕران کأرِیہ خوبٕچ ترٛیش
دِلہِ مَنٛز دِلدارن دأدی بدل
أنٛز سوزان لنہِ نیٚ لتہٕ گتھ ہیٚتھ
ژُکھی در لیڈر گٔے ہنگہٕ منگہٕ غأب
گُنہِ دوٗر درشنہٕ درشُن ہاوان
جیٚمہ دِلہِ لنٛدنہٕ کڈان فورمان
وُنہِ زانان لوٗکن الہٕ وانٛگن
حبہٕ خوتوٗنہِ گٔے وژن یتیم
روٕسلنٛز کونٛگ گُیہٕ وُریاں سخ

وونٛ خاب سُہ ییٚندرازٕن دربار

شمنزٕ رۏدرٕ مال وٹسی چھےٚ زن

ٹیپ از مُلتِس چوٛنہِ جران

تُتہِ نارٕ قتوٕ دِوان کیٛاہ کیٛا!

ریٚش وآر چھےٚ بنے ہرٕ پٕچ بُستی

بس مازا مازس باپارا

کلشنکوف گتہِ رینٛز ژھٹہِ ماران

مہدٕ مانٛز کران مس ہتھ جامن

وونٛ لاشہِ کران لاشن باپار

ژٕ تہِ لاشا اکھ بہٕ تہِ لاشا اکھ

دوشوٕی چھو ہنہِ میٛؤٹھ زہر

مُنزٕ اسہِ کُن سورٕے کھنڈٕ پھلبن

مُنزٕ وُچھ وُچھ خودا اَسی پھلوا گۓ

تانو نیرِتھ زانہِ مُشراو

وہہ پہو موٗلن اسہِ واراہ بڑونہہ

گُس شنکر وۏتھِ چیٖنہِ بہٕ زہر

کانٛہہ سقراط بہٕژیا پۆز ونہٕ نٕس

کوسہٕ لل دید ننگےٚ دِیہٕ لولس وٕنۍ

سورنیہِ زدیو مۄنٛزی نیران رتھ

ووٚنۍ چھےٚ نہٕ ژٕزارٕ بڑٕسوار لگان

اتھ گٹہِ کر زیوِٚ بیٚیہٕ بڈشاہ

کرِ بنجرس سگوِتھ چمن چمن

ساٖنۍ علم گٔیہِ ہۄنہٕ رن مَنٛز

آسیا کانٛہہ علمدار گرٕژھِ بیدار

آسیا کانٛہہ علمدار گرٕژھِ بیدار



# تیج راوٕل



| | |
|---|---|
| ناو: | تیج راوٕل |
| قلمی ناو: | تیج راوٕل |
| زاسنہٕ تہٕ دوہ: | 1950ء |
| زٕنہٕ جاے: | کھڑٕ وِ پانپور کشمیر۔ |
| حال: | دہلی۔ |
| تألیم: | پوسٹ گریجویٹ |
| پیشہٕ: | سٹیشن ڈایریکٹر، آکاش وانی شِملہٕ۔ |
| مطبوعات: | (ا) گوٗژھ پوشہِ وناہ |
| | (شارٕ سوٗمبرن۔1999) |
| پتاہ: | معرفتِ آکاش وانی، شِملہٕ۔ |

# غزل

یَتھ نارٕ بدن وارِ مَنٛزس چھُم مےٚ شِہُل کُل
پرٛتھ ساتہٕ دِوان زیٖر دیان تازٕ کتھا تُل

یێتہِ نظرِ گرٛشھان چھَم مےٚ ژوواپآری سکھٕے سکھ
کتہِ رۄد سُہ سبزار، ہوا، مُشکہٕ برٕتھ گُل

گٹہِ ہُنٛد یہِ ووٗلُت ہٕتھ چھِ یێتی بال سگٛرتام
کُملِن یہِ گہُل گاش ہِین وُنہِ چھِ سٹھاہ سُل

کٲیاہ واش کڈکھ پانہٕ ژٕ دِو دأری گُلبن ٕستی
قَد رۄد گوڈس تل تہٕ لُنٛجن تام تہِ ما پیُٛل

سوٗرے چھُ سۆپُن یِی چھِ وُچھان تی چھُ سرابا
ہا پانہٕ ژٕ چھےٚ پےَ تہٕ گرٛشھان کٲزِ ژےٚ چھےٚ بُل



# غزل

پزٕرچ راشا ہیٚو چھُم من
لوٚلچ باشا ہیٚو چھُم من

یتھ کرٕہنس انٛد کارس مَنٛز
ٔغبی گاشا ہیٚو چھُم من

یِتھٕ کُنٔز باسان سورُے ٹھیٚکھ
توتہِ نرٕاشا ہیٚو چھُم من

شُری ہِنٛدِ اتھٕ مَنٛزٕ ؤسی پیٚومُت
شیٖشہِ تماشا ہیٚو چھُم من

پرٛتھ وِزِ أنٛدری روٗز وُزان
چاٲنی آشا ہیٚو چھُم من

یێتہِ گۄو سوُرے پھُنٛز پھوکھ ہیٚوٚ
وتہِ پیٹھ لاشا ہیٚوٚ چھُم من



## غزل

جواب میلہِ یێتھن ہوشہِ پرٛژَن
وجوٗد ہوشہِ ڈلن ژھایہِ نژَن

ہُپاری آسی گۄان ریٚش تہٕ گنٛدر
یپاری آسی گرٛشھان ویدٕ وژن

مےٚ گوَ یہِ دیوٕ دیٚہا دأوی چھوگو
اُسری ہےَ حال وُچھن تِم تہِ ترٛژن

قرار روو مدن وار دِلن
ظُمار رأوی یِمن سوٗنٛتہٕ مژَن

مےٚ زاف چھُم تہٕ مگر دأر وٗژھےٕ
وٗنو سأ واوٕ رِنٛگن یۄری اژن

کرٕہنٛز چھِ راتھ مہَ کر زیٛر لۭنٛجن
گولابہٕ، پوشہِ تھرٛن نیٖنٛدرِ ہۭٛرن

دِلس مێ حال لۭکھِتھ یارِ وۄنٛک
کنٛنن مێ ناو لیٖکھِتھ تاپہٕ ترٛشَن



## غزل

کھنٛڈرن چھَس وُنہِ سوٚنہٕ بُنٛیاد
آس زٕمیٖنا یۆٚژ آباد

میٖلن پیٛٹھ چھَنہٕ بۆستی کانٛہہ
کیٛاہ دِمہٕ آلَو گَس دِمہٕ ناد

یَس اتھِ خنٛجر تیٖر تہٕ تیغ
تَس بڑٛوٛنہہ کنہِ کتھِ گۆنٛز کرٕ واد

زۄنہٕ   ڈباہ   شیٖتل   ژٔندرم
دزِوِنہٕ   سیٖکہِ   منٛز   کِتھہٕ   پیٚو   یاد

رۄز   نہٕ   ترٛیشی   ناگہٕ   بلن
ووٚنی   چھِ   ہنٛز   گاٚمتۍ   کولہٕ   راد

کوٚت   گوَ   شۆژر   کاشرَس
کوٚت   گٔیہِ   ریٚش   تےٖ   کوٚت   گٔیہِ   ساد

کٔمۍ   باباوٕے   باغچٕ   وتھ
کٔمۍ   با   وۆنَنے   لنٛجہِ   لنٛجہِ   بزاد

آیہِ   سبطھاہ   ووٚنی   پھیٖرِتھ   أسۍ
سفراہ   کٔھٹین   تہٕ   تھٔکۍ مٕتۍ   پاد



# غزل

ذ٘یہن تہٕ دِل چھُ شِٹھیومُت بے٘ سوکھ یہِ پانا رۄد
ٹُلان نہٕ سونٛتہٕ وژُن کانٛہہ وئِکھُت زمانا رۄد

وُجارٕ دارِ تہٕ بَر وُچھ دٕیان زن آنٛگُن
مکٕین زلنہِ سُہ دَے کتہِ، ژھۆرُے مکانا رۄد

جِسم چھُ ژھایہِ گِتمِن پتھ دَوان فلواہ ہیٛو
مناہ یہِ کاوٕ شپُٕن مَنٛز تہٕ موکھتہٕ دانا رۄد

تھَپِل تہِ آیہِ تہٕ نیٛوہم گریٛگ مُہتھ سورُے
شُکُر چھُ توتہِ دیَس کُن أنٛدری خرانا رۄد

وُچھو یہِ راتھ ڈٕلِن گوڈٕ تہٕ گاش ہِتھ سونٛچو
چلو سُہ گاش ہِنس تام یِی بہانا رۄد

یُتھے مےٚ شوقہٕ عمارتھ بنٲو لاثانی
یَتھے سُہ واو موچھن مَنٛز رٔٹتھ طُفانا روٗد



## غزل

کوسہٕ شرٛوٗژ سوٗنٛچہِ ترٛاے گٔجِس آس بد خیال
تٔمۍ پٔرۍ یہِ کِرٛتھ کِتاب گٔیِس زہرٕ زد خیال

پھولوٗن سُہ سوٗنٛتھ پژان تہٕ ڈلوٗن ہوا قرار
چھُم یارِ ون جِسم تہٕ مٔژھَج لولہٕ ند خیال

زیوٗ چھُس پھِران ونہٕ بہٕ أمِس أسۍ تہٕ کرَولوٗڈھ
وُڈھ چھُم سُوان أنٛدرٕ کران چھُم سُہ رَد خیال

اتھ پاپہٕ ڈلس کالہٕ تَمُن حدٕ نہٕ حدوٗدا
یۆد آسہِ ہَنا گاش أتی ڈیٚنٛشہِ حد خیال

چھا میٛون ہِوٗے سوٗنٛچہِ سفر زرٕ زرالتس
چھا تارکن تہِ دوٗر دِشاین تہِ وہد خیال

# بِملہ رینہ



ناو: بِملہ رینہ

قلمی ناو: بِمہٕ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 27 مٔی 1947 ہٕ

زٕہنہٕ جاے: اننت ناگ۔ کشمیر۔

وأرِو: سرینگر۔

حال: گانٛدھی نگر۔ جۆم۔

تألیم: دٔہمہِ جمأژ تام۔

پیشہِ: گرٛہست پالن۔

مطبوعات: کأشُر: (۱) ریٚشی مالیُن میٚون (1998) واکھ۔

(۲) وٕتھ ماچھےٚ شۆنٛگتھ۔ (2003) واکھ

(۳) لَل میانہِ نظرِ (2006)

واکھ لیکھنس لرِ لۆر چھےٚ بِملاجی بھجن تہٕ نظمہٕ تہِ لیکھان۔ یہِ چھےٚ وُنی کٕہن ساہتیہ اکادمی ہٕنٛز کأشرِ زبأنی ہٕنٛزِ ایڈوایزری کمیٹی ہٕنٛز ممبر۔

اوارڑ: ۱۔ فنکار کلچرل آرگنائیزیشن۔ سرینگر۔

۲۔ رسا اوارڑ۔ رسا جاودانی میموریل۔ جۆم۔

۳۔ صادِق میموریل اوارڑ۔

## واکھ

(۱)

ہَلہٕ تیٚمی کوٚر دِش ناڑِ پڑانس
شمہٕ کے دگہٕ رٹہِ آہستان
ہمہٕ ژُے خم ژلہِ اِدٕ لَس پانس
مَنز گُرٹز سُے ہیہِ پرمہٕ ستھان

(۲)

لِیہِ تہِ لوسم لِیوم نہٕ پانس
لِینہٕ لِین لگِم تاٗری
بڑمے سرِکس ییتھ واُنی وانس
اَنہٕ خانس دڑوگ باپاٗری

(۳)

دم دمہٕ کے دمنے گرِتھ
پمہٕ سرِ کے سرِ ہیے نژِتھ
ہمسہٕ دارِ کہِ دارَے اُژِتھ
شاہ شبنم شیٚپہِ گوَ مرِتھ

(۴)

مَنٛے دوٗرُم مَنٛے وہٕژورُم

منٛہٕ نٕبے ہاٚوِم مٕنٛچ وتھ

منٛہٕ مُنٛکے مالے تاٚرِم

منٛہٕ نٕبے دِژنم مٕنٛچ ستھ

(۵)

نوٚ ٹا تٕجُوم ناءگچِہ رایے

مدٕ سچے مایے پاتاٚلی پیٚوم

ووُٹھ میےٚ لاٚیم ترٛیٹھِ ہٕنٛدِ آیے

گوٗرٕ کرٛ پایے اتھٕ روٗٹ گوم

(٦)

رنٛگہٕ روٗنٛگُم رنٛگہٕ چے مایے

گوٚٹ گوم پوٚٹ نوِ رنٛگُن پیٚوم

رنٛگرٕی روٗنٛگُم بے رنٛگہٕ آیے

بے رنٛگہٕ رنٛگس کوٗنٛگے گوم

(۷)

ژٕرے اَرے لٹہٕ تےَ ژٕرے مَنٛز گارس
ژہتہٕ ووٚنٛدِ یارس سٹہٕ اِدٕ کٔیاہ
ژیےٚ مَنٛز پھاٹوِتھ ژٕرے پیٹھ تارس
ژہتہٕ بآزٕ گارس یِکہٕ وٹہٕ کٔیاہ

(۸)

ترٕسیٚنٛدِ شرٕان کر زان کر گارس
پرٕتھوی آکاش مِلہٕ وِتھ دون
شیٚشترٕ نار زن اتھ ژٕندن دارس
وسہِ ملہٕ بنہِ اِدٕ پارس سون

(۹)

میٚزٕ رے میٚزٕ رے وُپچِھم کوچھے
میٚزٕ رے میٚزِ کھیٚاوان زُو
میٚزٕ رے وُپچھم میٚزِ ہٕنٛز بوچھے
میٚزٕ رے موٚ ژِتھ زوٗنٛم ژِشو

(۱۰)

لیہِ سچے لاکمہِ خویے کھورُم

وگے رۄٹُم دُتمس پھیش

ژٕتھے ژۄنٛبُم ژٕندرم دورُم

دِوے پڑٲوٕم ترٛۄگُن ویش

(۱۱)

نکھُک نرکون مکھٕ کبتھٕ درے

ہکھ دِنہٕ پرے توتہٕ کیٛاہ رام

پھولِہ ما بُمہِ پوش ہوچھمٕش تھرے

مۆت بیٛوٗٹھ گرے لرِ بکیٛاہ کرٛام

(۱۲)

برٛمس برٛہمُک برٛم کوٕ پیٛویو

سٲر کوٕ أُجیو بٲر خر زن

زہرس امرٕتھ برٛونت کوٕ گویو

کھیٚیےٚ کھیٚیےٚ ژٕلۍنو یمس کھن

(۱۳)

کلہِ مل ژلہِ اِدٕ پوٗنی وُزِ ناگس
ژٕ ژمہِ ہےٚ ہمہِ نوٚو نوِ جوش
گوشہِ گوشہِ پلزُن آتم آغس
اِدٕ لل تزاگس پھولہِ ہوشہِ پوش

(۱۴)

ژجت کرُن لتس کیاہ ویٚژے
یُس رژِ رژے کژے چھے
ژہنہٕ ون دِوان ووندٕ تےَ ہژے
کس کوٗت پژے زانان سُے

☆☆☆

# جگن ناتھ ساگرؔ



ناو: جگن ناتھ کول

قلمی ناو: ساگرؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 14/اکتوبر 1936ء

اصل سۆکوٗنت: مٔنز گام۔ کولگام۔ کشمیر۔

حال: اپر لکھمی نگر۔ مُٹھی۔ جۆم۔

تاٗلیم: ایم۔اے/ بی۔ایڈ

پیشہ: رِٹایرڑ ووستاد محکمہ تاٗلیم۔

مطبوعات: کاٗشرِ شاٗیری

ا۔ نوو پرتو (1962)

۲۔ پارٕدکۍ ژِہر (2003)

یِہُند شوغُل چھُ سماٗجی خدمت۔ لہذا چھِ سوشل ورکر تہٕ واریاہن ادبی تنظیمن سۭتۍ تہٕ چھِ وابستہٕ۔ یِم چھِ مضموٗن بێترِ تہٕ لیکھان۔

پتاہ: 152/14، اپر لکھشمی نگر۔ مُٹھی۔ جۆم

## ماجہِ ہیٚنٛز شیٚچھ

سۄزبرٛ چھُم خبر گرِ پیٚٹھ ماجہِ از اکھ واو رِنٛگ برٛونٛٹھ دزٛاسس لول بۆزمس بیٚیہِ مےٚ کُرِ مس میٚٹھی ماہ شوقہٕ بیٚہناوِم مےٚ کوچھِ منٛز ماجہِ ہیٚنٛز پرٛژھمس خبر تَمہِ مےٚ ووٚنُم ہوشہِ روٗزِتھ بوز ووٚنی شیٚچھ ماجہِ ہیٚنٛز بیٚنہٕ بیٚنےٚ حال وینُنگ تَمہِ مےٚ چھُم تھوٚومُت قسم بانٛد بانٛد کوٚرنم ژرٛےٚ باوُن دگ چھَس رگن رگن لَس چھُ باسان چانہِ روٗس سوٚنٛتس بہارس نار لوٚگ کونٛگہِ وٹنس اہرِ بل کِس آبشارس نار لوٚگ چانہِ روٗس بادم پھُلے گَیہِ ہلیہِ ذٕدی کم پوشہِ وَن نےٚ چھُ کُنہِ پوشن سو خوشبوٗ نےٚ چھِ ووٚنی بُلبُل پچِن لَس چھُ باسان علم وادبس ژھٕجن چھُ لوٚگمُت چانہِ روٗس کانٛشرِس ریٚشِتس تہٕ رِشتس، مۆلہِ پرٛاٹےٚ از گُبرٛ لولہِ سےٚ پرُژھ پار گومُت شےٚ تہٕ ستھ از راوبرٛ پرٛژھ سنہٕ باٗیِس باٗے ہیٚنٛز ماٗلِس تہٕ گوٚبرس راو کتھ دوہ چھِ ہاٹیمٹی تہٕ سِری یَس از چھُ سوٗسن پھیوٗرمُت

زۄنہِ گومُت کاڑ گاٹٕتمتی رأسی از تارکھ نبَس

زِندگی بیٚتہِ شورٕ بُزی سۄر روین از پھولان

لولہِ ہۆتی دردِل تہٕ گاٹلی میٲنی ساری پیٚیہِ چھٕنتھ

یِی وُپچھِتھ چھبس خۄن ہارن زۄن چھم لُجمُت أچھن

أتھی طُفانس منٛز مےٚ دۄربر چون کوتاہ کرٛیوٚٹھ پیوم

ژٕدی گیٚم وأنجہِ ونےَ کیٲہ روپہٕ بدنس سۄر گوم

چانہِ رۄس کتہِ دأدی بلنم، داغ ژلنم ڈٕکہٕ پھولیم

مأج کر چھےٚ نہٕ سارِنے پۆترن دوہے کانٛچھان آے

ماجہِ چھےٚ وأنجے ژھنبن پِتراتھ کرن پیلہِ بأے بأے

از توَے شیٚچھ سۄزمےَ چھبس چانہِ رۄس سخ بے قرار

وَچھ مےٚ آمت از چھُ پھٹنَس کر رٹتھ بیٚیہِ کوچھِ انٛدر

میٹھی تےَ مُتی تیتی کرِہے یُتھ مےٚ ژلہِم شر دِلس

عالمس تھکہٕ ناوِ ہا اکہِ لٹہِ بہٕ بیٚیہِ پنہٕ نُے ریٚشُت



# لبلہٕ

گوڑٕ پیٚیم تھاوٕنۍ مےٚ واٚلنٛجہِ گٔنٛز ڈکھس

اِدٕ ہیوٚتُم سوچُن وُپھُن کیٛاہ کیٛاہ سپُد

توسہٕ شالس واے لۆگمُت أتھرِ کیٛوم

ژٕونس پھُٹہٕ پھُٹہٕ گرِتھ

رۄز کتہٕ اتھ پئنٛز، ووٚنُن، گٔنٛڈی تہٕ پوٚس

بٔنگرِ پھُٹرِتھ مہارنو دِژ ژٔنٛڈ وَچھس

گُس ونبھ ڈکہٕ بٔڈ تہٕ گُس آہی گٔریکھ

ماجہِ رۄس شُری زۄنہِ گُن مُدیا گٔنٛڈِتھ

لُس پرٛژھان تِم واٚژ ما اوٚت ماٚج سأنٛز

زۄنہِ ووٚننکھ ماٚج بہٕ تہٕ چھبس زانہٕ بےٚ

ماٚج راوٕنہٕ کیٛاہ گرٛژھان موصوٗم دِلن

ماجہِ رۄس شُر تیلہٕ رۄس ہوٚچھمِژ سوٚتھ

لوکہٕ ارساتھا گوٚمُت از ہُتھ مزارس منٛز جمع

یِم منگان کس تام مہرازس چھِ شاید مغفرِتھ

یِم تھوان زیٚنتھ چھِ پانس کیٚت دُعا

کیٛاہ خبر کس آسہِ چھِٹہِ دسخط گوٗمُت
آسہِ واتُن سنٛبٔنڈِ کھٔسِتھ اوٗت کس پگاہ
سیٖنہٕ شمشانن تہٕ پھوٗٹمُت کیٛاہ کرن
تِم پٔرٛژِھان ذاتس چھُ نامرٛنس حدٕ بے
سانہِ اپٕشرٕ اسہِ چھُ کھوٗتمُت کیٛاہ خطا
اسہِ چھےٚ کٔڈٕمرٕ ظأٹلمو ریٚہہ تالہِ پیٹھیٚ
اسہِ دزن پھوٗر کیٛاہ کرو راتس دوٗہس
مارِوِ بے روٗس شُری جماتھاہ أنتھٕ روٗس
صُبحکِس سرِیَس پٔرٛژھان
اسہِ یتیٖمن ہٕنٛز ژٕ ون کس روزِ کل
سأنٛی یِنہٕ وأٹی دوٗہ ما گٹہٕ بُزی گرٛژھن
یتھ زمانس أسی بَنوٗ ما وولہٕ بور
چانہٕ ءستٕن یِیٚتہِ چھِ باغن گُل پھولن
چانہٕ ءستی قأیِم نظامے کأینات
سانہِ کنہٕ یِنہٕ روزنےٚ ٹھرٕی کتھ ژٹکھ
ہاو وونٛی یِیٚتہِ ترٛژھ کراماتھا لِلاہ

یُتھ نہٕ ووٚنۍ بێتہٕ یور مرِ کانٛہہ بے گونا ہ
بۆز بێلہِ ہرىٕ سن تہٕ ووٚننٛکھ ژھوپہٕ گرِو
کن تھٔوِو بۆزِو چھُ کس تام لولہٕ ہوٚت
آشہِ کمہِ تام از گیٚوان للہٕ واکھ بێیہٕ یَم شیٚنٛجہٕ شرُک
مےٚ تہٕ چھےٚ کیٛاہتام شے دِلس
نیرِ بێیہٕ للہٕ ماےٚج بێیہٕ سےٚ میٛون نُندٕ ریٛوٚش ہتھ علم
بأے بنٛدِتس ریٚشتِس بێیہٕ گوڈ برن
اکھ اَکس نِشہِ دۆر گاٚسیتی دِل رلن
دِل رلن اِد دوکھ تہٕ دأدی ساری بلن
ووٚنۍ نہٕ زانٛہہ ریٚشی وارِ ریٚشتکۍ ڈکھ ڈلن



## غزل

گژاو ہردس کیٛاہ سنا سوٚنتَے مےٚ یَم سبزار ژٕدی
شوٚق ژٕدی، ارمان ژٕدی، بێیہٕ لٲوی یَم امار ژٕدی
اوٚش وٚٹسی چێشمن اندر، دِل امارن ہُنٛد مزار
ہوٚش ژٕدی انمان ژٕدی، خابہٕ پھٔٹتی یکبار ژٕدی

کُس ژھےٚ ییتھ دیوانہٕ شہرس مَنٛز اتھس کیٛتھ گٔنٛز رٔٹتھ
لولہٕ ہٕتۍ دِل عارٕ ہٕتۍ گُفتار دٔدۍ، انہار دٔدۍ

عاشہِ مُتۍ از تژیشہٕ ہٕتۍ چار سویس پیٹھ ہیٚتھ
اَچھ ؤٹتھ ژِترن چھِ شاید کیازِ تِم شیٖہجار دٔدۍ

حالِ دِل باوُن سہل چھا، یادِ ؤترس چھا بُتھ
کیٛاہ ونےَ زہرِ پیٹھ ییٚنےَ میٛانۍ سوٚم اِظہار دٔدۍ

کرٛالی ؤتھی ہتۍ چھی چھوکن ونتہٕ ساگر کیٛاہ کرکھ
دگ پیٚیی ژالنٕۍ ژےٚ، دردس آسۍ ییم بُلغار دٔدۍ



## غزل

ییتھ چھےٚ نارٕ بزیہہ ووتھان چھُسےَ بہٕ از تتی بسان
ییتھ دوہے چھُ نب دزان چھُسےَ بہٕ از تٔتی بسان

یتلتھ چھِ کنھ کرِنی گوناہ ییٚتتھ زُوٗن چھُ بوڈ خطا
یتلتھ چھِ ماتمس اَسان چھُسَے بہٕ از تُتی بسانٛ

یتلتھ ہِوٗہے چھُ راتھ دوہ ییٚتتھ ہِوٗے چھُ ہار پوہ
یتلتھ نہٕ دِدرِ، جل گبوان چھُسَے بہٕ از تُتی بسان

یتلتھ نہٕ کانْہہ چھُ کاُنسہِ ہُنْد ییٚتتھ خٔندِس پتےَ چھُ خوٚنْد
یتلتھ نہٕ سیٚز کتھِے وَیان چھُسَے بہٕ از تُتی بسان

یتلتھ نہٕ شالہٕ مار کانْہہ ییٚتتھ نہٕ آبشار کانْہہ
یتلتھ نہٕ کوٗنُسرِ ے گرٛزان چھُسَے بہٕ از تُتی بسان

یتلتھ امار نارِ تُتی ییٚتتھ گرٛھان چھِ شوق پُتی
یتلتھ چھُ دِل، جگر وُہان چھُسَے بہٕ از تُتی بسان

یتلتھ اُسن چھُ کربلا، ییٚتتھ دوہے چھُ واویلا
یتلتھ چھُ ساگرِ ے متان چھُسَے بہٕ از تُتی بسان



# رتن لال جوٚہر



ناو: رتن لال بٹ

قلمی ناو: جوٚہر

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 22/اگست 1954ء

اصل سۆکوٗنت: مانی ہل،

بٹہٕ پورہ شوپیان کشمیر۔

حال: روٗپ نگر اینکلیو، جموٗم۔

تالیم: گریجویٹ۔

پیشہ: سرکاری مُلازِم۔

مطبوعات: (۱) ثقافت جلد ا (کو ایڈیٹر۔ 1988 بزمِ ثقافت)۔ (۲) لکہٕ بأتھ جلد 10۔ 1997 (کلچرل اکاڈمی)۔

(۳) ستی سر 1 (نثر) 1997 ترتیب (سمپرٛتی جموٗم)۔

(۴) ستی سر 2 (نظم) 1997 ترتیب (سمپرٛتی جموٗم)۔

(۵) أز ئیک کأشُر ادب (تنقید) 1999 ترتیب (سمپرٛتی جموٗم)۔

(۶) عہد ساز نادِم (تنقید) 2000 ترتیب (سمپرٛتی جموٗم)۔

(۷) جلایہِ وطنی ہُنٛد ادب ) (تنقید ) 2003 ترتیب
(سمپرٛتی جۆم)۔

(۸) زولانہٕ ( آسامی افسانہٕ سۆمبرنہِ ہُنٛد ترجمہٕ ) 2004
(ساہتیہ اکاڈمی )

(۹) حرٛف حرٛف گواہ (شارٕ سۆمبرن) 2006

اواڑ: ا۔ وِتستا اواڑ تہٕ جے۔آر۔ایس ویڈیوٗ جن طرفہٕ موٗمنٹو۔
جوٗہر چھُ افسانہٕ، ٹی۔وی ڈرٛاما، سکریٖن پلے تہٕ دستاویزی
فِلمہٕ تہِ لیکھان۔

پتاہ: روٗپ نگر اینکلیو۔ جۆم۔

## زال

تصوٗر گوٗ گنان أنٛدرِی
ؤرِی وادن تھُرِم موٗرتھ
شٕکل پزٕ آوِن
طواف کٔرِ مَس ظہوٗر پزٕ ووٗن
تہٕ ترٕ ووٗن زال رأسے

نہٕ رۄد تَخیُل ڈنٛجہِ نہٕ سۄنٛچ

زُواں زُواں زن زُوَن کھورٕ ے مُر

وبزار ووڈنی تہٕ بانٛبرِ لد زن

نہٕ پۆت صدا کانٛہہ

نہٕ طاقچس پیٹھ کِتاب رٕزٕ ٹھرِ تھ

فقط سراپا سوزالہِ نٕبرٕ ے کھِنٛگارٕ ماران

بہٕ زال ژٹہٕ ہا

تہٕ واش کڈٕ ہا

مے نۓ اتھن زن حِسے چھُ باقی

مے ما اثرُ کۆر یہِ پأنی پانۓ

تہٕ آدِ رۄشتے انٛجام پژوُم

تَصوُرٕ کی تم بُرش، سُہ کنواس

چھِ گردِ اندر غرق سَپدِ ی متی



## واو تہٕ الاو

گژنی گوٚو کیٚنیاہتام ترٛم ترٛاکھ

دٕیو از بُجہِ ہٕنزِ لرٕ اندر پھوٚٹ آدٕمی بم تہٕ سپٕز مِسمار

دٕہہِ لٕمبکھ لنہِ گٕٔٹ چشمن منٛز

دوہ راتھ ہِوُے

رٚیہہ تھٕز تھٕز بالن پلن کران

ہو ہرائے فقط ٹِسرائے ژوپأری

دٕیو زأل تِموتِم پڑأنی ورق اکہِ اکہِ سأری

وجہِ واو نژان ہُو ہُو ہُو

نارس نٕج ہٕر پٕژتھ طرفہٕ الاو

شلوٗک، شبدٕ، کلمات پٕرِس

زُوٕ ڈٕنڈ تہٕ بٕرِس

کٕنہٕ کنہِ تام تاوِن بسماوِن

موٗلن سیٕز رأوِن تھٕبرِ امبر

ہیوٚر گُن درٕ لجہِ مٕژ اُچھ پڑاران......

وسہِ باراناہ تہٕ وبتہٕ گژھِ رٚیہہ

بنہِ رٔحمت بڈِ بوٚڈ سُہلا با

سوٗرٕ ڈیر، غلاظتھ، لرٛھ تہٕ گرد

پدٕ پدِ وٗہرِتھ نیہِ پانس ستۍ

پتھرِس ژلہِ مل

کرِ بیٚیہِ نپہٕ نپہٕ



## کتھِ کتھِ منٛز

کتھِ کتھِ منٛز کتھ رآوتہٕ ونہٕ کس؟

یَس ونہٕ ہالتس پرتٛراین ستۍ گآمٕژ لےَ

ژھاین ستۍ اتھٕ واس

ژُلمت چھُن کہٕی کاس

پننہٕ نبن موٗلن پانہٕ دِوان ینگہٕ

پننہٕ نِس انہارس نہوٗ ان

میوٗن آسُن لتہِ وتھرآوِتھ

بوہتانن منٛز نوِسرٕ قآد



کتھِ کتھِ منٛز کتھ رٲوتہٕ ونہٕ کس؟

کرٛہنہٕ قدُک ہٕنٛجٲرۍ پۆت پٔرتھ

ژالان ژالان شُٹلۍ گیم

وِزِ وِزِ سونٛچس تہٕ پیٚیم

ساٲری بُرٛزرۍ ووٗنۍ پیٚتھ گُن تٕرٛ آوِتھ

سَمیچہٕ تورِ ستۍ پیٚیم ما حالاتن ہیٚنٛز نِو سرٕ تٕرٛ اش

میٚۓ چھا پٔرتھ وِزِ رٕژھرٕنۍ تٲرٟخ

میٚۓ چھا سوٗنتہٕ جربن حبس تھاوُن

میٚۓ چھا شینہٕ تھوسبن گرٛند تھاوٕنۍ

میٚۓ چھا تاپہٕ لیٖن وتھ ہاوٕنۍ

بہٕ تہٕ گوٚپنہٕ نۍ وژن ووٚل

وتھِ بٔٹھِ ژھبدِنس تل

کتھِ کتھِ منٛز کتھ رٲوتہٕ رٲوِن



## خیال

خیال گو آکاشس وُپھوٗن شاہپاٗزا
واوا ہیٚو ڈلہِ وُن ڈلہِ وُن
ناگہِ نبر پوٚنیا ژلہِ وُن
ٹھہرِ تہٕ ٹھہران ٹلہِ گُترا ہیٚو
تھامہِ تہٕ کوٚٹھِشا گلِی تیٚہر بن پیٹھ
زن سونٛتک شیٖنا پشہِ پتٔر کنٛز
ڈرِی یاوس اندرسیٚکہِ فلہِ پتٔر ہنٛزٕ آمُت کرٛپیل
وٗتھرن پیٹھ صُبحُک شبنم
یہِ چھُ پارُد
پارُد چھُنہٕ ٹھہران



## غزل

نےٚ آسہِ وۄنُن کیٚنٛہہ تہٕ نےٚ اِشارٕ کوٚرُن کانٛہہ
معنے کڈُن اسرارٕ ژھوپہِ تہٕ گوس بر طباہ

مێے اوس دیٖد مان تَسُنٛد سُہ روے تہٕ ربوا ئتھ
سُہ اوس تخنہٕ توتہِ ونٛم واہ تہٕ مرحباہ

پرٛتھ کأنٛسہِ اِنسانس اندر گوٚش دِتھ چھُ اکھ حیَوان
یُس ژِھپ گرِتھ نیران متان گُنہِ وِزِ، کراں رُسواہ

یُس ساٗد بٔنِتھ آو تہٕ گرٛمس جاے چێشمن پٹھ
تٔمی مێے ییٚز بوٚر دِلس تہٕ حق کوٚرُن اداہ

بے عار کلنڈر تہِ مُدے گٔنٛڈِتھ خشمہٕ ہوٚت
أنٛدرٕ ی طلاطُمن تہِ بُرٛژی تہٕ پھہر گرٛی قضاہ



## غزل

وُنہِ چھِم مێے پہوان یاد شِہلی ساتھ، سمن بل
وُنہِ چھِم نہٕ مشاں ماے تٔہنٛز ژھاے تیٚنٛز کل

سُہ اوس ژھُنِتھ بدل خرِقہٕ نالُک مے پرٛزِ نوو
وبداکھ وُٹھن پیٹھ تہٕ مگر شرٛاکھ کرٛھس تل

یٚیمہٕ بونہٕ کوٚرُس سایہٕ بٔنِتھ مأج ہارس منٛز
تتھی بونہٕ بوٚرُن گولہٕ تےٚ بورٕوِ گوڈس تل

دپان چھِہم ژبے چھےٚ نہٕ کٔنٛہہٕ آکھ کُنے نوٚن
ژٕ ما سنان ژبے پانٕسے گٔمٕژ نظر بدل

جوہرٕ ژبے کرُن کیٛاہ ژٕ کراں کیٛاہ تہٕ پران کیٛاہ
ولہٕ پکھ تہٕ کرَو پاز وتھٕستایہٕ کڈٔو مل



# پی۔ این شآد



ناو: پی۔این بٹ

قلمی ناو: شآد

زاسنہٕ تہٕ دوہہ: 2/اپریل 1936ء

اصل سۆ کۄنت: قاضی باغ،
بڈگام، کشمیر۔

حال: بن تالاب، جوٚم۔

تألیم: بی۔اے/بی۔ایڈ، ایگریکلچر ڈپلوما۔

پیشہ: وۄستاد محکمہ تألیم۔ رِٹایرڑ۔

مطبوعات: کأشُر: (۱) نو بہار (1952)۔ (۲) خوٗنہٕ ئُری کربلا (1987)۔ (۳) سرِ وشہُل (2001)۔ (۴) وندنا I (2003)۔ (۵) یادن ہُند آدن گام (2006)۔ (۶) وندنا II (2006)۔

اوارڑ: ۱۔ مہجور فاونڈیشن کہِ طرفہٕ نقد ینامہٕ تہٕ سٹرفکیٹ۔
۲۔ وِتستا اوارڑ۔ (2004)۔ ۳۔ مومینٹو۔
۴۔ بہترین وۄستاد آسنٛک اوارڑ (1986)۔

پتاہ: بن تالاب، جوٚم۔

# غزل

جوٗشِل چھسَے جوانی یاوَن ترٛٹر چھسَے
لگہٕ یوٗ بلایہِ قدمن بہٕ نا کانٛہہ وۄپر چھسَے

سٕری سٕری سراب کاںٛیتاہ روٗ چھمکھ خیالنٕے منٛز
ہوٕلِچ مُرتھ سراپا لولُک مٔژر چھسَے

دَے زالنہِ سِرو چھَن ہُنٛد مقصد مُراد منٛزِل
قدمن مدد بہٕ کانٛچھے سوکھٕ ساوی سفر چھسَے

سوٕنٛچ وُپھل ہوا رِنٛگ رقصاوِ پوٗشہِ وارٕبن
پِوٕنٛچ گولابٕ خوشبوے ماچھرِ نظر چھسَے

نظرن بِتُر چھُیا وُچھ لا حدیحاتہٕ لولُک
شاہ پر تھزر ہِمالُک قُلزُم سنٛبر چھسَے

آویزٕ زِنٛدگی چھم بس چانہِ سٕنٛے اِشارن
تارکھ تہٕ نظرٕ وَتھرے مارکھ امر چھسَے

شادٕنۍ غزل غٔنیمتھ لۄلہٕ کھۄل مۄتِس امارس
روزکھ اگر تہٕ بوزکھ سوزِ جگر چھُسے



## غزل

سنہٕ رَن اندر تہٕ رووٗکھ تھزرن کھُسن تہٕ چھے
ددرلیہِ اوٗش تہٕ ہوٗرتھ ٹھاہ ٹھاہ اُسن تہٕ چھے

شوہرتھ اکاشہٕ وُڈوٕچ واوس پکھن لیٚکھتھ
ووٹھ زن نفس کڈی زانہہ زالس پھسُن تہٕ چھے

پنہٕ پارِ لَر تہٕ ترٛاوِتھ ننہٕ نبہٕ نیٚندرٕ پیٚنی
پٔنی پرُن لبنہٕ چھے بۆنگلن بسُن تہٕ چھے

ڈل ڈٔہی دِژٕے تراوتھ پاں ژادرو سرٛودا
سہٲلابہٕ سۆتھ یرُن چھے سیٚکہِ لم ژسُن تہٕ چھے

منہِ موکھتہٕ دلنہٕ شاداوٕ ارپن کمِٕس کرِتھ
صُبحاے دُعا کری کُس پنٕنا لسُن تہٕ چھے



## غزل

وقتس چھُ ما ٹھہٕراو توٚے ساتھ غنٔیمتھ
کتہِ آو کپاٚری دژاو توٚے ساتھ غنٔیمتھ

گنٔڈی تارکو ذٔری زوٗل کوٚرُکھ ماہِ ہلالس
أچھ وٕٹ اوٗبُر پھاکیاو توٚے ساتھ غنٔیمتھ

دوشوٚے وجوٗدس آے تہٕ دوشوٚے چھِ حقیقتھ
شبنمی شہُل صحراو توٚے ساتھ غنٔیمتھ

آدن چھُ بنان أنہٕ پوٚٹ یاون چھُ لگان پھیُر
خوشبوے تہٕ وِہُل واو توٚے ساتھ غنٔیمتھ

دُب دُب وَچھکھ تیزٕوو شاید شاہ تہِ پھرن بُتھ
وأنٛج چھِ وُڈان واو توٚے ساتھ غنٔیمتھ

الماس بُرِتھ زاگہِ وتن کنٛڈی تہٕ ڈٔرمن تلٕی
یَم گُلی تہِ آدم کھاو توٚے ساتھ غٔنیمتھ

دِن شاد گوٚاہی یمن دل دوز صدمن ہنٛز
یمہٕ سڑکہِ یم ذٔریاو توٚے ساتھ غٔنیمتھ



## توٚت تہٕ ترُن

چھُم دزان اوٚنٛد پوٚکھ مےٚ سورُے
نارٕ لمبکو نال وۄل ژلنس تہٕ وار
تیمبرٕ تیلُن یَتھ چھوکل بدنس پھہان
پیٚن دِتھ اہریزٕ وہراوِتھ وتن
جانہٕ وارن پھوٚر پھرٛکان دَم پھٔٹی نظر
تَل پتٔبن دگ آمہٕ تاوٕچ موٚصمن
کھور تچھان پھیٚہہ پھیٚہہ کران بے بس گمتی



واوِ رِنٛگ اکھ بابہِ سوزکھ نا ڈٕپچ

سٔدرٕ کھونہِ ہُنٛد سُے ترُٛن شیٚہجار ہیتھ
وتہِ گتھے سمکھی اگر کانٛہہ سوٗزی زبم
نیلہِ ناچٕ ترٛزیش بیٚیہِ شی شی صدا ؤسترٕ ونُک
میٖانہِ آنگن بونہِ آسی تھوومُت رژٕھرِتھ شِہُل
میٖون ؤنی زبس پھچِھہِ منٛز پلوی ضوٗرہٕ ر
تأجلی چھُم یتھ نہٕ سہٕل انٛگأری کرکھ
یُتھنہِ تھاوَکھ وأنسہِ وادن میٖأنی گژاو



## یادَن ہُنٛد آدن گام

بیٚیہِ از نظرن بژونٛہہ کنہِ آم یادَن ہُنٛد اکھ آدَن گام
دیٚدِ ہٕنٛدی آلو بیہِ ہٕنٛدی ناد بتہٕ بانٛس ییٚلہِ اتھ واجام

ژوٗنٹس وُلون ڈوٗنس گبل ٹنگ ترٛیل بوٹہٕ ژیرِ بالہِ بادام
سرٕ لٔنگی ووٹہِ پوٚنٛز لٔٹھی کٔجِہ ٹھل تھکنُک غم کتہِ شونگنس تام

بنہٕ پپٹھ شاہ ہبتھ کبڈی توٗر مژھِ تھف دِژمس کژھ تٕلی دژام
کترِو کیوٲر کانہٕ گٔری دون تھنہٕ دوٗگلس اَم گُرسس دام

نُژی نُژی شینہِ تھٔوسی اڈٕ وٕژھ دٲر ژھوپہٕ دوپہٕ کھوپرٕن روپہٕ سُند بام
آشہِ زٕژن ہٕندی گاشِلی ژِہی وَن وَن ہُری شُری باشہِ تہٕ شام

سوکھہِ ساٗوی آنٛگُن ہوکہٕ چی چی موکھہِ پژون لوکہٕ چار بیٚیہٕ ووشلیام
یٚژھہِ ہُنٛد بٔندن پژھہِ ہُنٛد ہار پن ژھیٚون پھلہِ پھلہِ چھٔکرنہٕ آم



## سوراتھ

انہِ گوٚٹ روتُل
کُس ونہِ کیٛاہ ونہِ
کیٛاہ گو کیٛاہ بنہِ
اسہِ ماخبرٕ ے



أٗندری أٗندری

لوٗت لوٗت سوٗت سوٗت

لاوٕسرس ما پھیران گژکھ

سرِ شامَے لوٗگ ژٕکھ بورۄ دس

اسمانس تام کھوٗت ووٕز جار



گتہٕ گیرس مٔنز

پھرٛ کہٕ وأنٛج ہتھ

ہنگہٕ منگہٕ ہیٚنہٕ آو لگہٕ ارساتھ

پھرٛ ٹہٕ پھرٛٹ ارٕسرٕ

گرٕ گرٕ ماتم

برتل موتک ٹھُک ٹھُک ووت

ہُتیٖ نس مورکھ

تیتیٖ نس پوٗ کھ

کوچہِ گلِٕس پٹھ

دفتر نیران

سڑکہِ سبے مَنٛز س

بُستی بُستی وۄتھ کوٗہرام

شہرٕ چ ریٚہہ واٚژ گامن تام

لنہِ گۆٹ روٗتُل

راتھ سوٚ ہاٚبتناک سوٚ راتھ

کرٕ ہٕتھ کٔڈٕر منحوٗس سوٚ راتھ

زانٛہہ متہٕ یِی تن



دارِ برن جل ہاٚنٛکل دی تَو

یتھی کمرس مَنٛز ساٚری ہیٚژ تو

ژھۄتہٕ گرٕی تو جل بجلی گاش

چوکس مَنٛز ییٚنہٕ ٹھس گرشہِ بانن

دانس دی تَو داٚرِتھ پوٚنٛز

کتھ متہٕ گرٕی تو

پوٚنٛد ییٚنہٕ ترٛاوٕ

شُر ییٚنہٕ ودِ کانٛہہ

بتہٕ پنہٕ منگہِ کانٛہہ



الہٕ ہور بلہٕ ہور

ژلہٕ لار دور دور

سڑکن کوچبن شور چھُ تیز ان

بۄزو...... بۄزو:

زِندہ باد

مُردہ باد

ہم کیا چاہتی......



نہٕ کاکس گوسپنس دُب دُب

بأے ٹاٹھس گو وأنجہِ وٹھ

شُبن چیٚس زن زیوٗ گیہِ ننبٕگلتھ

سنتوشن ہیٚتۍ بُتھِ بُتھِ دِنۍ

پُپلی وِژنس أسس پنٛڈ

سُشمن بوکہِ بوکہِ مس ہیوٚت پڑانٛن

رِنٛکو پاپس کوچھِ مَنٛز شرٛ ؤپ
بھابھی نِکہٕ روٗٹ دھوتہٕ پُرٛ ہس تل
زوٗ ہا ووٗنٛد مےٚ
بلایہٕ اُنٛج سےَ
ممی ممی ۔ اسہِ کم مارن؟
ببلی ، ٹأٹھی گیہٕ بے ہوش
دادی کرٛکھ دِژ
سپٲنٛس دوگ دِتھ
ہے کیٛاہ گوم......!
تاوَن پیٚوم......!



لبہٕ پیٚٹھٕ اُأرِ گتھ
شِہٕ سُنٛد فوٹو
دیٛانچ مُد را
نظرِ درَس لجہٕ
اوم نمہ شِوایہ

لنہِ گوٚٹ روٗتُل

راتھ سو ہاآبتناک سو راتھ

کرٛ ہٕتھ کٕڈٕر منحوس سو راتھ

زاںٛہہ متہٕ یِی تن



# موتی لال مصروٗفؔ



ناو: موتی لال مٹو

قلمی ناو: مصروٗفؔ

زاسنہٕ ہتہٕ دوہ: 13ر دسمبر 1952ء

اصِل سۆکوٗنت: دِی گام۔ ناگبل شُپین، کشمیر۔

حال: لین نمبر 9، گُراہ کیرن، برنائی روڈ، بن تالاب، جۆم۔

تالیٖم: انڈر گرٛیجویٹ

پیشہ: گورنمنٹ مُلاژِم۔

مطبوعات: کاشُر : (۱) یتھ واوِ حالہِ مَنٛز (شاعری)

(۲) شرٛدھا پوش (بھکتی شاعری)

پتاہ: لین نمبر 9، گُراہ کیرن، برنائی روڈ، بن تالاب، جۆم۔

# غزل

چیٚشمن انٛدر ووتلبو مَشر اتھ کیٛاہ کرکھ
راوی اگر پنٕنہ نی نظر اتھ کیٛاہ کرکھ

تھٔر آیہِ پھوٚلِتھ گرٛنٛد تھوَکھ پوٚشن کتِھن
سیٖنس انٛدر کیٖنس چھُ ور اتھ کیٛاہ کرکھ

أچھ پھورِ ہے ما واو نَے ترٕ ہے بدل
پوٚشن انٛدر ڈۄل موٚت پہٕر اتھ کیٛاہ کرکھ

شاید چھُ بنہٕ وُن ییٚن پھوٚلِتھ وأرلنہٕ دِل
ہرگاہ اتھو کانٛہہ سَپدِ شَر اتھ کیٛاہ کرکھ

موٚسم چھُ لاغر ہوشہِ ڈٕج پنٕنہ نی نظر
گاہے تہِ سپدِ یوٚتھ اثر اتھ کیٛاہ کرکھ

ٔبلی کتھ کرکھ سوٗنٛچ جِگر ٹوٚرن زٕٹِن
ییہِ چھےٚ کتھ کھٔٹِتھ پردن انٛدر اتھ کیٛاہ کرکھ

پیٚنہٕ دول دِکھ مصروٗفہٕ کتھن واش کڈ
ٹیۄٹھ باسہِ ییٚلہِ چۄن پیٚیہٕ زہر اتھ کیاہ کرکھ



# غزل

وُچھس مَنٛز مےٚ جِگرس سۅنٛتھ چانہِ کتھہٕ چھم
رٕقص ژھاپہٕ نٕے مَنٛز گٔرتھ چانہِ کتھہٕ چھم

پرٛژی یۄد نہٕ دِل ژیٖنےٚ تھوٚہم وَتہٕ مےٚ شیٚرتھ
وُچھکھ نا اتھس رٕکھہٕ کھٔنٛتھ چانہِ کتھہٕ چھم

پیٚیی یاد ییٚلہِ زاڑہہ تہٕ ووٚتلِتھ ییٚنےٚ غم
نتےٚ وُچھتہٕ ہلمس بٕرِتھ چانہِ کتھہٕ چھم

وُٹھن پیٚٹھ چھہِ رقصان رٕسلی نغمہٕ چأنی
وتن ہُنٛد دِتم پےٚ چھٔکِتھ چانہِ کتھہٕ چھم

رٕنٛگم ہاوسن ہٕنٛدی مےٚ گُل گٔنٛڈی پدِبو تٔلی
نٔنی چاکھ سینٕکی پھۄلِتھ چانہِ کتھہٕ چھم

چھوٚنتھ پہو نہٕ موکھتےٚ برکھ کیٛاہ ژٕ ہلمس
مےٚ ٹارٕن پیٚٹھےٚ اوٗش ڈٕرِتھ چانہِ کتھٕ چھم

کرکھ تارکن گرٛنٛد کتتبن مصرٛوٗفو
نبَس پیٚٹھ خیالن جُرِتھ چانہِ کتھٕ چھم



## غزل

گِہے دِیُت اُچھن تھوٚپ گِہے ترٛاو کتھ
بےٚ نیبہٕ سُہ قاٗفلہٕ وتے راو کتھ

گوبٕہ مُت چھُ ٹارٕن تمِٕس بار ہیٚو
مےٚ ما اُف کوٚرُس زانٛہہ مےٚ ما باو کتھ

تُلو حظ، گِنٛدُن لوگ نازَو زبر
خیالو ہنگس پیٚٹھ جُرِتھ تھاو کتھ

ؤژھے ٹھانہٕ گاٗنگل نہٕ یاوٕر سوخن
یوہےَ خاب درِدَس ژٕتس پاو کتھ

اَوِیزاں چھِ سوٚنٛچکۍ ملر واوِلِس
اکی واوِ رِنٛگہِ زیرِ پکناوٚ کتھ

شوزر روو ذیٛہنَس زہر پھوٚر وِہل
نَہ کانٛہہ شِکوٕ روٗدُے پلن چھاوٚ کتھ

اچھر بدِ کڈُن کھُر چھُ مصروٗفہِ تیُتھ
مےٚ لفظن اندر رٕکتھ یہِ ورتاوٚ کتھ



## غزل

وُچھتہٕ ہلمس مَنٛز چھِ أش بارلہٕ چأنۍ
ہاوِکس أدری چھِ وُنہِ افسانہٕ چأنۍ

یا تہٕ رٕتھ وَن ژٕے کتِھن ڈٕنجہِ روزِ دِل
تِتھی صدم میٚۓ ءکتٕ للہٕ وِم پانہٕ چأنۍ

ناز أوِجہِ پوشہِ لنٛجہِ ہُنٛد چھُے بدن
چھُمتہٕ غارتھ وترِ یِم سامانہٕ چأنۍ

کرِٕ روٗڈُم موچھِ مَنٛز یہِ من پارِدی ہوا

نتہٕ پیٚتھن ہے پٔدی وُچھم ننہِ ولنہٕ چاۓنۍ
موٗل ہُرے أش قطرٕ گرٕژ تامٕے رٕچھِتھ
یا درٕنۍ شبنمہٕ گرٕژھی دُردانہٕ چاۓنۍ
رٕچھ کتھن نَے ونتہٕ یِم نوزُک حوٗس
ڈوٗل ہٕشر وُچھتھے مےٚ یِم انمانہٕ چاۓنۍ
رنٛگ برٛۄ مصروٗفہٕ سنگرن ووٗشلہِ روے
تِتھی تہِ آوِلۍ وُچھ مے یِم میزلنہٕ چاۓنۍ



## آہی

چھِم چاۓنۍ وڑٕے مےٚ چھِ چاۓنۍ ہَن
چھِم ناز چھکِتھ چانے آنٛگن
چھِم کاٚر تُلِتھ تھوٚد خاب زُوان
مرِ نیٚنٛدرِ امارُن اسہٕ ناوان
ڈلکہٕ ٹِکہٕ چھُم چوٗنے گاشہِ مُنار
ناگن ہُنٛد سرٕ یِہ چھُم ژٕنٛدن دار
ژھوپہٕ بالن ہٕنز چھُم کتھٕ باوَن

وَنہٕ یارِ وتن ہُنٛد پے ہاوِن
آکار گرن چھِم چانٛی صنم
ہێتی چانے بڑ اثر مے کتی زنم
چھِم چانٛی دڑے مے چھِ چانٛی ہَن......



یاوُن مژی کتھ ژ مے ستھن کر
چھِم سینہٕ پھۆلتھ چھِم اۆدری ہر
وُچھ وارِ گُلس چھِم داغ جٔزِتھ
رنٛگ راوِتھ جافُر پیۆمُت ۂرِتھ
پر پھٔٹِرتھ سونٛچِس روو مِزاز
ییہِ چھُ لیکھُن اتھ چھُنہٕ کنٛہہ جواز
مِضراب نُوکھ تھپِہ سازس ہے
سِرفاش کۆرُکھ بێتہٕ رازس ہے
چھِم چانٛی دڑے مے چھِ چانٛی ہَن......



ژ تہٕ نکھِ یکھ ٹھہرِتھ پۆد ترٛاوکھ

بہٕ تہِ راز وَنے سیٚرن باوکھ

چھکھ یارٕبلن ہٕنٛز شۭہج کتھا

چھکھ باگہِ بُرٕژ چھم یہَے ستھا

چھکھ پاں ژادر پۆز موکھتہٕ ہرن

سنگرن چھکھ وۄشلُن ڈٕکس جرن

پۆز باو چھُ باوتھ چاۓنٛ کرن

منہِ مَنٛز تصوٚیرن شوٗب جرن

چھَم چاۓنی دٕژے مےٚ چھِ چاۓنی ہَن......



آدن کتھٕ باٚقے کرٕنے چھَم

یاون وتہِ پکھوَ دِمہو تم

یۆد میلوہے گُنہِ ساعتہٕ ونےَ

پانس ستی اٰہی ژےٚ انےَ



# روشن لال روشنؔ



ناو: روشن لال بٹ

قلمی ناو: روشنؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 7رجنوری 1949ءٔ

اصل سۆ کۆنت: وچی۔ پُلووم۔ کشمیر۔

حال: رادھے شام پارک، دہلی۔

تائلیم: بی۔اے، بی۔ایڈ

پیشہ: ووستاد محکمہ تائلیم۔ نیوز ٹرانسلیٹر (کیجول)

مطبوعات: کأشُر: (۱) باوٕ پوش (بکھتی شأیری)

(۲) وُنلی وَتو منٛزٕ (شأیری)

وُنی کٔمن چھُ این۔سی۔پی۔یوٗ۔ایل نئی دہلی ہٕنٛدِس پروجیکٹ Corpora Development in Kashmiri Language ستیٚ اتھ روٗٹ کرنس منٛز مصروٗف۔

پتاہ: 71، رادھے شیام پارک، پروانہ روڑ، دہلی۔ 51۔

# غزل

کِتھ برأنٛژ تھرِ تل عالماہ بدلیوو تِتھے گٔنٛز
شۓ ڈٔج توَے آکار پدٕن روو تِتھے گٔنٛز

ٲلی تھاوی رٔچھِتھ خاب بہارٕکی مٔدری تہٕ میٹھی
ہرٛدُن زٛزُر گو ناٲلی تےَ وٕہلیوو تِتھے گٔنٛز

احساسی وٕنس ژٕھنٛڈ دِژٕم پیٚہم تہٕ وۄنُے روو
میٚنے پوشہِ پتھرُ تژوو تٕمی چھکٕروو تِتھے گٔنٛز

ییٚتہِ گوٚب گوٗمُت شہہ ہیوٚن چھُ رتھ بأنٛدی وانٛن منٛز
گٔیہِ پژتھ نظر ییٚتہِ تھامہِ وَچھ ہٕنٛدریوو تِتھے گٔنٛز

کانٛہہ شوٗب رۄزاہ ون یمِن نالان شارن ون
عنوان ڈٕوٗل افسانہٕ مبے تہِ واہروو تِتھے گٔنٛز

وٕژھ ہوٗل بانٛگے کانٛسہِ ما گٔر ساٲنی زٕنٛہے کتھ
انہار وتن روو اسہِ رۄد کھژوو تِتھے گٔنٛز

وۆنۍ ژٲنٛگو رێہن کیٛاہ تھوکھ ٹھرٕ واوِ ہالن بوز
تمٕی روشنوٗ لیوٚکھ آنہٕ پیٚچہٕ مُشرِوو تہٕ تھے گٔنۍ



# غزل

پٔدی دزٲنٛٹھی گرٛہان وتھ رآو دوہے
ستھ روٗز تہٕ کیٛاہ، کتھ رآو دوہے

وَچھ ہٕنٛدریوٗو شُٹھنیارَن وۆل دِل
رٔچھ اسہِ نتہٕ کر ژٕتھ رآو دوہے

پھٔلی پوش تہٕ واون ویٚوٗر ٹُلکھ
اسہِ سوٗنتہٕ تراوَتھ رآو دوہے

وۆنۍ روو سَمن بل کتہٕ سمکھو
کولہٕ رادن لٔج وٕتھ رآو دوہے

نکھہٕ روٗزِتھ سخ چھُم روے وُچھ ہس
کر آیہِ مبے فُرصتھ راٗو دوہے

ورقن پٔٹھ اسہِ کر لیکھِتھ تھوٗ
روشٔن چاٗنی کتھ راٗو دوہے



## اکھ سوال

پوٚت نظر کر
اَسہِ ترٛ وو کیٛاہ
پزٛ اوٗن چھُ کیٛاہ
بس برٛتھ کاڈٕبن زہر
کاینالس کیٚتھ بجر اَسہِ ژیٛوٗن کر
بُتراٗژ پٔٹھ کٔری نغمہٕ بٔلی
گاہ سو تیپہِ ارمان
گاہ ڈوٗنٛتھ پہوٚ آشن اٗتی
کُنہِ واوِ ہالبن منٛز پھسییہِ

کُنہِ رۄٚدِ قطرن دور پھۄٚر

دُنیاہ بناوَن والہِ !

رنٛگ جُری جُری ژ ٚے تھاوِتھ کاینات

کاش اکہِ دوہ مێُل ژ ٚے گژھہِ

اِدِ ژِ آدم زاد ڈیٛشتھ پانہٕ وُچھہکھ

کیٛتھ گوناہ کۄٚرمُت ژ ٚے چھے

آدم تھُرِتھ۔



# برج ناتھ واتل بےؔتاب



ناو: برج ناتھ واتل

قلمی ناو: بےؔتاب

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 20/اکتوبر 1953ء

اصلی سۆکۄنت: أکنِگوم، اننت ناگ، کشمیر۔

حال: مِنٹو روڑ، نٔوِ دِل۔

تالیٖم: گریجویٹ۔

پیشہٕ: نیوز ریڈر/نیوز ایڈیٹر دۄردرشن تہٕ آکاش وأنی۔

مطبوعات: خابن ہُنٛد خرِیدار (1995) کأشُر شأیری۔

میں کوی نہیں ہوں (2003) ہندی شأیری۔

اوارٕ: بھارت سرکار کہِ طرفہٕ اکھ لچھ روپیہٕ اوارٕ ہندی شأیری۔

نیوز کارسپانڈنٹ آسنہٕ موکھہٕ پھُرِمٕن دُنیاہکٕن مختلف مُلکن مَنٛز گرٛھنُک موقہٕ میلان۔ تحقیقی مضموٗن تہٕ چھِ لیکھان۔

پتاہ: مِنٹو روڑ، نٔوِ دِل۔

# غزل

کیٚاہ کیٚاہ چھُم گۆدراون تاپھ
خصلتھ ییٚلہِ چھُم ہاون تاپھ

تتہِ پیٹھ پن چھُنہٕ زٕرناون
برمنٛدنبن چھُم ساون تاپھ

سرِو شھُل اوس آنٛگُن سون
تُتھی مَنٛز اُسی ہوکھناون تاپھ

میٚیہ دِژ مے مُژرأوِتھ دأر
ووٕنی چھُکھ میٚیہ تھکبہٕ ناون تاپھ

بُتلہِ بۆوان ییٚتہِ نارٕ ے نار
کتہِ انہٕ شین تہٕ کھیٚاون تاپھ

وتہِ رۄد کتہِ تام پتھ بے تاب
کتھِ ءستی اوس مشراون تاپھ



## ہارُن سونگو پان

صُبحن شامن نارس کارُن ہارُن سونگو پان
کاّرِتھ پارُن من چھُنہٕ مارُن ہارُن سونگو پان
دٕبن داّری گیہِ تارکھ گنٛز رٕنی
شامُک گرٛزُ پھیُر اتھ انجام
گرٛ بکھ پنہٕ بڑ وٕنٛھے کیاہ وَے پھیارُن ہارُن سونگو پان
اتھ ماّدانس شینہٕ بدٕلے
اتہِ ہۆنٛد ریرس سنٛخ وُشنیر
سُے لبہِ یَس تگہِ پتھرِس سارُن ہارُن سونگو پان
أندرٕ رے زوتان نیوٗل آ کاشاہ
اتھٕ بتھ زاّلِتھ چھُنہٕ کُنہِ سوٗر
نارُک سٔدراہ شہہ سُمہِ تارُن ہارُن سونگو پان
سمیُک سٔدراہ ووٗنت چھُنہٕ ہاوان

وأنٛساہ راوان پہٲرن مَنٛز

اتھِ پیٚٹھٕ سپدان داٲرن ہارُن      ہارُن سونٛگو پان

دَے چھُنہٕ ہۆتہِ نَس پۆزا کرٕ ہوس

اتہِ گٔیہِ کس کس بڑارے زوٗن

اتھ کارس گرٛژھِ تھۆد گور داٲرن      ہارُن سونٛگو پان



# وِجے ساقؔی



ناو: وِجے کُمار رازدان

قلمی ناو: وِجے ساقؔی

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 19 رجنوری 1961ء

اصلی سۆکۄنت: مہۄر، بڈگام۔

حال: سروجنی نگر، نئی دہلی۔

تألیم: پوسٹ گریجویٹ۔

پیشہ: نیوز ایڈیٹر، پرٛسار بھارتی۔

مطبوعات: ا۔ کأشر شأیری: پارٕدٕ پوش (1998)

۲۔ انگریزی پأٹھی: ساقیز کشمیر۔

۳۔ ترتیب: کشمیر، تاریخ اور تمدن

پتاہ: D/713، سروجنی نگر، نیوٗ دہلی۔ 23۔

# غزل

ؤسی ؤسی میٚن دیوار دۄپُن
کتھ کرنس چھنہٕ وار دۄپُن

گٹہٕ زٔلی گاشی رۄژُمت تل
تھامہِ گوٚمُت شیٚہجار دۄپُن

اکہِ اکہِ ژٔلی تِم پٔرین ستیٚ
ہنٛگ گُٹھِ شونٛگہِ شہمار دۄپُن

أنٛدری شرٛ ۄپرُم ویٚہہ بیٚیہٕ گار
شیٖنہٕ بٔنِس گنٛڈِ نار دۄپُن

للہِ ہُنٛد اوٚمے پٔن ییٚنہٕ ژۄٹ
سوٗنٛتس رتہٕ پھموار دۄپُن





کتھِ زن آسہِ نہٕ وار وٕنو کس
دم پھُٹ جاناوار وٕنو کس

ہلہِ لبو بییہِ ہن کاڑ چھُ کوٚڈمُت
رتہٕ سٕری کم شٛیہجار وٕنو کس

سِرلیس پھٕرٕ مژ لاے چھِ شِشرس
زۄنہِ گِنڈُکھ ٹِکہٕ تار وٕنو کس

بونہِ بلن گوَ یاوُن اڑٕ کبھو
ون چھیپہِ گنڈِ ونی نار وٕنو کس

حرفس حرفس ووشہٕ ہٕنٛد ریوُمُت
ژھیٚنۍ مژ سازس تار وٕنو کس





سونہٕ سوو سُہ پڑوٗنۍ خابہٕ شہر چھُم نٲلی أچھن
وُنہِ یادن ہُنٛد انہوٗر مژر چھُم نٲلی أچھن

گوڈٕ آبہٕ ملر ہوہرلیہِ ژۄلُم اڑٕ وٲنۍ نم کتھ
رسہِ آرُک سوٗرۍ شور تژر چھُم نٲلی أچھن

وُچھ سوٗنتھ تہِ بیٚتہِ تتہِ آے اماپوٚز یاد چھُیا
تمہِ ہرُدک دزٕوُن دیٚہہ تہٕ زہر چھُم نٲلی أچھن

یہِ چھےٚ ازلچ ملہٕ ون نتہٕ اسہِ دوٗربر نال ؤلتھ
وق دیتن پھِری پھِری ور تہٕ سبزر چھُم نٲلی أچھن

ہنہِ ہنہِ چھُس چھکٕرِتھ ناٗٹھ مبے سۄمبرِتھ نیری کٹیاہ
دزٕ دزٕ چھُم دزنےٚ سوٗرٕ اثر چھُم نٲلی أچھن



# نظم

## (موتی لال ساقی صابٕنس نذر)

ون چھیٚپہٕ پتھ ماگوٚ لوتہٕ ژھپ دِتھ

ہنگ کُٹھ کھوٚت مارونہٕ گوڈ مُژ رِتھ

ویرِ وارس چھاشِہلِس کھون دِتھ

یاسُندی جہِ ڈلس منٛز یتھ سون ؤہرِتھ

گزلن ماکھوٚت پربت ژوٗٹ ہیتھ

ژزار گوٚمُت ماپیٚہ دشہِ مُژ رِتھ



واوس کوم کرِ پن وبڑھ ناوبس

کلھن سُند دوٗپ ئوی رنگ کھاربس

بُرزی ورقن بیٚہِ ریشن نامن

پڑانٕن کھنڈرن بیٚہِ کنہِ کترٕن

لُکہٕ بأتن بیٚہِ صوٗفی وژنن

معنے ژھاران کوٚت گوَ نیرِتھ

کرٕ پیہِ پھیٚرتھ



للہِ ہُنٛد اوٚمے پن پژٕ ناوِتھ
نُنٛدم ریٚشن سُنٛد دوٗپ لولہِ للہٕ ناوِتھ
ابھِنو گُپتنٛی پژٕ ژوبژہِ ناوِتھ
کرٕشننہِ بکھتی یژھ پژھ چھاوِتھ
نیٖل منٛج کتھ پھِری پھِری باوِتھ
کیٚنٛہہ نٕک کیٚنٛہہ اسہِ باوِتھ کوٚت گوَ
کیٚنٛہہٕک مَس چیٚتھ کوٚت گوَ نیٖرِتھ
کرٕ پیہِ پھیٚرتھ



تھاوِ قدم کتھِ میانہِ ہَناسَن
سنیاسی جوٗگیا یارٕ بلس پیٹھ
سنٛد یا کرٕ وُن ژونگ کلس پیٹھ
راتھ سٕہ یکدم بالس پیٹھ کھوٚت
یُس ناپژی کنٛی پژرس گوَ موٚت

سُے نایَس أچھ زوتان تارکھ
سُے نایَس موکھ چھٕکران شنگرف
ژۆل ووٚنۍ شِونتھ
روزان ووٚنۍ ہُتھ بالہٕ تھوٚنٛگِس پٔٹھ
بوزان چھُکھ یہِ آواز چھِ تٔمۍ سٕنٛز
بوزان چھُکھ یہِ ساز چھُ تٔمۍ سُنٛد
زٕ ژٕ گیہِ سِرلیس مِیلتھ کرتام
واے! تٔمۍ سٕنٛز گرٕز پیٚتہِ صُبح شام



## ماجہِ کٔشیرِ کُن

از کتھ پٔٹھ چھکھ ووسہِ ہِش آمٕژ
شیٚنِس ما از شاپھ چھُ ژۆلمُت
کرٕ ہِنٛس اۆبرِس نار چھُ لۆگمُت
تاپُل دوہ چھابیٚہِ وولسیۆمُت
آرن چھابیٚہِ وولُن ہیوٚتمُت
رۆوکرنس ماٹھاکھ چھُ ووٚتھمُت

سائٕہ متھن مامائٕہ چھُ لۆگمُت

تھٔج کادس پٹھ گرٛز چھا وۄتھمُت

أٹۍ تارٕکھ چھا چھلہٕ چھلہٕ پیٚوٕمُت

کِنہٕ شیٚہجارن کاڈ چھُ کۆڈمُت

دوہ دِش ووسہٕ دژ وس یلہٕ چھا گأمٕژ

صُبحن شیٚہلتھ عام چھےٚ گٔرمٕژ

کِنہٕ شامس بیٚیہٕ وۄشلُن کھۆتمُت



تنہٕ پیٹھٕ از چھکھ بیٚیہٕ سمکھیٛومُت

شِشرن بیٚتہٕ کرڈیٖر چھُ ڈیۄتمُت

شامس صُبحس سوکھ گٔمُژ مُچھمُت

سیٚزِ وتہِ پکہٕ نس ٹھاکھ چھُ لۆگمُت

وۄلہٕ أسی نیرو

پۆت ون شیٚروَ

پھیرو تھوَرو نےَ ہیٚتھ نیرو

لولہٕ ہتھن ہٕشدی مائٕہ مناوَو

آرٍ پلس پیٹھ ڈاپھا ترٛ اوو

وچھ مُرٍٛ رأ وِتھ سوکھ دوکھ باوَو

سنیٖن ہُنٛد کٹھٍ کوٗش وُشناوَو



# سُنیتا رینہ



ناو: سُنیتا رینہ پنڈت

قلمی ناو: سُنیتا رینہ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 25/اپریل 1967ء

اصل سۆکوٚنت: پٹھ بُگ ،

انت ناگ، کشمیر۔

حال: شالیمار گارڈن،

صاحب آباد، یوٗ پی۔

نوٹ: باۓگنہٕ چھےٚ آمژ ہندوارہ، خاندر سپُدس

مارچ 1993ء ہَس منٛز۔

تألیم: بی۔اے، ڈِپلوما اِن ایجوکیشن، ٹیچنگ،

مینجمنٹ، پلاننگ اینڈ ایڈمِنسٹریشن۔

پیشہ: کینژس کالس نوکری کرنہٕ پتہٕ ترٛٲون

نوکری۔ ووٚنی چھےٚ گرہست پالن کران تہٕ

بیٚیہٕ چھےٚ سوشل وٗرکر۔

مطبوعات: (ا) چنار کے آنسو (ہِندی شأیری 1998)

(۲) رٕنٛج یاد (شاعری 2001)

(۳) سوٗنٛزل (شاعری 2003)

(۴) پۆت زۄنہِ ؤتھنتھ (شاعری 2005)

اواڑ: (ا) سرسوٗتی اواڈ (2003)۔

(۲) وتستا اواڑ (2005)۔

پتاہ: C-19، مہاگن ایسٹیٹ شالیمار گارڑن،
ایکسٹنشن 2 ، صاحب آباد، (یوپی)

## غزلہٕ

رووُمت زن لڑھہِ گوٗمُت پتہٕ چھا شہر
أچھ ؤٹھ ہأرتھ ییٚہ لاپروا شہر

شٲرٕ یِہہ نہٕ چشمن زِنٛدگی رُسوا گٔمژ
میلہٕ پچہٕ نِے لیکھی تو ہا ہا شہر

تیٚلہِ چھُ از قایِٛم زِ موچھِ مٔنٛز پڑان ہیٚتھ

وُنہِ تہِ چھا پےٚ ڈیٛنٛشہِ بیٚیہِ کیٛاہ کیٛاہ شہر

دادِ أنٛدرِمہِ زیٛوٚ تہِ گو ٹیٚچھرُک اثر

یِی دٕپِتھ پٔکِھج مےٚ پرٛزٕ ناوِیا شہر

تیلہٕ سرٛکن میلہٕ وادن ژھوپہٕ ژھوپےٚ

یٔوت گدٕرُن ونتہٕ نتہٕ باوِیا شہر

ناو ہیٚتھ میٛوٕنُے سوالن زیٚر دِتھ

پہرٛ أنٛی زن کانٛہہ کتھ مےٚ دۄہراوِیا شہر



أز تہِ ووشلوٕ شام پرٕتھ جامہٕ زن

أز تہِ نوٚن گو سِریہِ لوٕ ہوٚت ہیٚتھ بدن

أز تہِ ونہِ وَو شامہٕ پتہٕ پوٚت وارِ مٔنٛز

یُتھ زِننہِ آکاشہِ پیٹھٕ اژھٕ رژھٕ وسن

یاد چھیہِ لوکچار پھۆل تتھ بونہِ تل
میون سۆرۍ سۆرۍ آسہِ ما گاٹہِ گوتن

ژیتہِ وۆنتھ لوتہِ پاٹھۍ ووٚنی سمکھو نہٕ زانہہ
میٚے تہِ کرہم لوٚ زن تمِن پژانبن وتن

سوچ اِدِ باہوش وتم کس پھۆرُکھ
مژرِ کے مدٕوس تہٕ معنے ننہِ کتھن

زِندگی دِتہٕ پژان کُنہِ نوِ آیہِ ووٚنی
سبزٕ زارن مَنز گرژنی گُژھی بیٚیہِ وژن



بیٚہہ دما أندرِم پرٕزر باوَے بہٕ دِل ہاوَے وولو
رلتہٕ کبن زخمن دگے دگ سوے بہٕ للہِ ناوَے وولو

یتھ گرس مَنز چانہِ باپتھ اوس پرِتھ خاصہٕ کُٹھ
تمہِ گرِکی از دارِ بر کوچن انٛدر ہاوَے وولو

دۏد مبے دِل ژیٖنہٕ پۆت ہیۆتھ مُشراو پانٛس نیر گرٛڑھ
دار اشہِ چِی دون روخن پیٹھ موکھتہٕ سومبراوے وولو

راوِ یتہٕ اکہِ دوہہٕ تہٕ ژھانڈکھ راتھ دوہ کُل عالمس
چیٛشمہٕ لگنےٚ درٕ تہٕ پزارکھ پان ما ہاوَے وولو

ریٛہہ گُنٛڈن میانٛبن امارن ڈٕدی تہٕ أندری سۆر گوکھ
چاو کیٛتھ آسُن گۆژھُم کیاہ مَس پھٔلے چھاوَے وولو

پاس دِتھ دیہِ سُنٛد مبے وۆنمےٚ بوز ازیوٗرک ژٕ روز
یاد لوکچارُک چھیٖپے کینٛہہ بزٕرٕژی ژتبس پاوَے وولو



# برجہِ ہٲلی



ناو: برج ناتھ بھٹ

قلمی ناو: برٛجہِ ہٲلی

اصل سۆکوٗنت: ہال، پُلوامہ کشیٖر۔

حال: دُرگا نگر، جۆم۔

تٲلیٖم: میٹرک

پیشہِ: تجارتھ

مطبوٗعات: (۱) میٲنٛی آلو (شارٕ سۆمبرن۔ 1999)

(۲) سوزِ جگر میٲون (شارٕ سۆمبرن۔ 2001)

(۳) کرٛیشٕنۍ امار (شارٕ سۆمبرن۔ 2003)

ایواڑ: وِتستا ایواڑ۔

پتاہ: 148۔ سیکٹر 3، دُرگا نگر، جۆم۔ 180013۔

## صۆفی کلامہ

وصلہ ئستو وات اصلس حائصل چھُ جبرۆلتس

ہمہ آسُک آم حبس حائصل چھُ جبرۆلتس

پڑاۓنچ لأے نس کان زِنڈۓ گو شکلہِ اِنسان

ننتہ کیٚاہ میٚزۓ ڈیرس حائصل چھُ جبرۆلتس

بَوسرۓ بۆثرزَن پان زِنڈۓ مرۓنچ کر زان

رِنڈۓ وأتۍ ئمتو مٔنزلس حائصل چھُ جبرۆلتس

تیٚمی ژۆپ پَوُنک نار لتس گو حائصل کار

شۆد بۆد چھُ دربارس حائصل چھُ جبرۆلتس

شۆد واسنایہِ تھَو میُٔل پھولہِ گُل شولہِ بُلبُل

سٔدرۓ مَنزۓ مول لٔدرس حائصل چھُ جبرۆلتس

بڑ ماۓنڈس نظر تڑاو شیٚشکل گوڈۓ وُزناو

قطرۓ اکھ بنان سٔدرس حائصل چھُ جبرۆلتس

بڑجہِ ہالہِ ووۓنڈ ووۓنی پھیر زیرِ زیرے کرُن زیر

شینکُن حقیقتس حائصل چھُ جبرۆلتس



شاہن مَنٛز شاہ بہٕ گۄنٛزرن مےٚ گوَ دیٖدار درَمن
ڈلس از جل چھُہ بولن مےٚ گوَ دیٖدار درَمن
ؤلِتھ پان ووٚنی گُلِتھ گوم کۄٚتِھ لبہٕ ساوُن پیٚوم
چھُہ زاُدیُل وارِ تھو ظون مےٚ گوَ دیٖدار درَمن
رنٛگن ہُنٛد چھُے رنٛگرٕ وان رنٛگن مَنٛز چھُہ بے رنٛگ زان
رنٛگان شۄبہٕ وِنی ہن ہن مےٚ گوَ دیٖدار درَمن
مےٚ پیٖرن دِژ فۄقیٖری رُمن چھُے سوے مےٚ سیٖری
گُنٛہ چھُم ساز واین مےٚ گوَ دیٖدار درَمن
منس گوم من مناہۆ کنو بۆزُم مےٚ سۆ سۆ
فنا گرٛھی تھِے ہَنا سن مےٚ گوَ دیٖدار درَمن
گۆمُت بزٕجہٕ ہالی در سجۆد وُچھان بۆدن سُہ نابۆد
سفید جامن ؤلِتھ تن مےٚ گوَ دیٖدار درَمن



سرِ کر ؤحدتھ چھے زرِ ذرے تمہِ تور تتہِ ناو پرَے کیٚنٛہہ
پونٛپرِ نی گتھ کٕری شمہن سرَے تمہِ تور تتہِ ناو پرَے کیٚنٛہہ
تھپھ دِتھ کوٚڈنس کھیٚلہِ اندرے زِنٛدٕ پانہٕ اُجم تھرِ تھرَے بوز

تولس تہٕ مولس لٲج درٕ درَے تمہِ تور تتہِ ناو پرَے کیٚنٛہہ

کھیٚنہٕ وٲلۍ کم تام گٕستانی درے چھُم ذرٕ ذرَے للہٕ وان چھُس

یِی گوم عیاں تی گوم سرَے تمہِ تور تتہِ ناو پرَے کیٚنٛہہ

ہلمت گنہٕ یَس گو آشرٕ رے گٕنٛڈِتھ ہٕنٛڈِس ییٚلہِ آلیس زبان

بٔنٛدٕ بٔنٛدٕ زِنٛدٕ ناو سودا کرے تمہِ تور تتہِ ناو پرَے کیٚنٛہہ

ہا قصابہٕ أچھ کیٛازِ لجہِ یودرَے یُتھ مرُن مارُن چھُ زٕمن ہُنٛد

اتھ رزِ لۆ گمُت چھُے یُتھ ورَے تمہِ تور تتہِ ناو پرَے کیٚنٛہہ

سٲلا چھُ مالُک ییٚمہِ بوٕسرے ییٚتہِ چھُ نہٕ گرے چھُ گرٕ واتُن

زان کر بزٕجہِ ہالِہ منہٕ منٛدرے تمہِ تور تتہِ ناو پرَے کیٚنٛہہ



# اشوک کول رٔیِٚس



ناو: اشوک کول

قلمی ناو: رٔیِٚس

زاسنہٕ تہٕ دوہہ: 9/اپریل 1954ء

اصل سۆکۄنت: 11/35، ناژُک محلّہ،

اننت ناگ، کشمیر۔

حال: 94/2، رۄپ نگر، جۄم۔

تألیم: بی۔اے

پیشہ: سرکأری مُلأزِم

مطبوعات: یِہُنٛد کلام چھُ اکثر رِسالن تہٕ جریدن مَنٛز چھاپ سَپدان۔ وُنہِ چھُ یِہُنٛد کلامہٕ کِتابی صۆرتس مَنٛز چھاپ سَپدٕ نے۔

پتاہ: رۄپ نگر اینکلیو، مکان نمبر 94/2۔ بلاک اے جۄم۔

# اُرنگ اُٹنگ

دماہ ژھوپہٕ کُرِتھ
وۄتھ سُہ مےٚ خشمہٕ ہۄت:
یہِ چھُنہٕ سوکھِ ئلی نارُک مۄ دُرمیۆٹھ گُرُس
ییٚمہِ کہِ چینہٕ ستۍ پھۄر چھُ شیہلان
یہِ چھُنہٕ مُعتدِل نہٕ عادِل
اُمِس گژھِ نہٕ وُنن کینٛہہ
نہٕ پرُن وعظ، نہٕ کرُن واد
اُمِس چھےٚ نہٕ مانٛژ بوے
یہِ چھُ ڈیۆٹھ شوخہٕ چشم
بۄ زنہِ صِفتو اُرنگ اُٹنگ
اتھِ لاگہٕ ہس نچھتھ ژھُنی
اَمۍ مۄتھ سورُے وٹہٕ کرٕم تہٕ چوٗنچُر
یمہِ ہاکھ تہٕ پنگہٕ واٹھ چھُس سبٕڑاہ ٹوٹھ
کُدرۍ ژۄٹ چھُس اَچھن
نۄژ دِتھ چھُ کنَن

مِکھاےِٲل سٕنٛز لٹ ہِگلہٕ وان
کاٛٹیاہ ناگ ارزن رۄٗد ماران
رتہٕ سُری کوٗرُن عالم
پھُٹہٕ روۄن قداوار گوتم
اُژھبہٕ نژُن خوش یِون
پڑتھ پولرس کھوٹھ زد کرَن
بہٕ چھُس اسندی قُہرک تازٕ وُژھ پڑنگ
خشمہٕ ہوٗت ووڈِ ووڈِ دِون
ڈہٕشتھ یہٕ دور زن
ہارٕ کاٛنٹھ کاٛنکل مس گرِتھ
ہر کاٛنسہٕ دِوتاہَس بُتھ زٕلن



## دگ

کالہٕ نبکی بَگری سِیاہن
دم پھُٹ کُر بُتراتھ میاٛنی
ہاٛناٛوِن ستھ

پنٛنہٕ ہٕنس دٕمس تل

کرٕ چ ییٚلہِ کوٚرنس

کیٛاہتام پھٔٹرُن

بِسیار دگ دِتھ تانٛن تانٛن

ژاپھ زن دِتھ گوٚو

شاپھ کُسنٛد تام بارِ لٔدِتھ

پاپھ کُسنٛد تام مٹہِ کھورُن

پھلہِ پھلہِ پھٔٹرُن

چھلہٕ چھانٛگرِ کوٚرُن

میٛانہِ وجوٗدُک اٰنہٕ پژون

پان پٔنٛن پٲراوُن مُشکِل

کاژ وجوٗدُک پھٔٹرٲوِتھ

کرتل ارمانٛن بوڑٕ ناوِتھ

وُسجار دِلُک ینہٕ سوریوٗو

ناحقہٕ اکہٕ ہوٚت تنہٕ زانٛگلِس منٛز

وُسوأسی پھٔٹِم

وُسخانن دگ



## ہےَ کٔتیاہ گوم

شاید ما چھُس شتہٕ گژھ لۆ گمُت
وتہٕ گژھ ما چھُس وُنہِ زن تھمہٕ نَے
بیٚیہِ زن گٔیہِ کرٛکھ:
ہےَ کٔتیاہ گوم!
شاید ما گوَ ڈُلہِ بیٚیہِ پاوٕن
شاید ما بیٚیہِ پھُٹرُن کۆٹھ
پان پٔنُن مازن ترٛوٕدِ ترٛووُن
کیس پٔنُن ما شاید ہورُن

ترٕٛ تاپرٕ سیکہِ پٹھ ما رٕ نووُن
پننہٕ نُے تورُگ تہٕ ماتونوٗبن
شاید برزُن پننہٕ نُے تازُن
پننہٕ نُے سَمَند پانَے ماموُرن
غُبارٕ ذیٚہنُگ ما پھاٹہٕ نووُن

پادٕ ووتُر پنہٕ نُے انلووُن

پنہٕ نُے گورٕ پد مأشُر ووُن

ڈال تھٔر پلنٕی زیٚجہٕ زن لاٗجن

ہلچِن ماسنہٕ لوٗگن پان۔

گیٚوٗر چھُ ہلچِن ہُنٛد عاشق

گگرُ سِیاہ پھیرٕ ناوَن اُچھنٕے

شاید تِمنٕے ما گوس انہٕ گوٚٹ

تُژٕرَ روَن ما شاید کوٚر اوم

کرٛکھ چھِ تِژٕھے زن

ہَے کیٛاہ گوم!!



## ریوٚش

کپٹٕڑ ریوٚش

دٕژ ہہ ہلتھ

وُژ رَن

انتہٕ مل، انہٕ گوٚٹ

واوُلن شاہ، ناڑ ریٖہہ



کپٹہٕ ریوٗش ہونٛزُر
جانٛگُر بولن
کوزن، سوزن عنٛبٕگلن
شیٖش رس اُمی سُنٛد



کپٹہٕ ریوٗش کرٛول نہناون
لیُہل گیان باگرن
کرٛے اُمی سنٛز



کپٹہٕ ریوٗش مہرنن ٹوٗپ کاسن
زرٛ اٲلس مارَن
پٔتھ سوداگر کوچھِ برَن
صِفتھ اُمی سُنٛد



ستہٕ ریوٚش آہی ہٮ۪تھ

وُژرن

ووپشم

گیٛان برزن

شیٚیش کل أمی سٕنٛز



ستہٕ ریوٚش کوٚستوٗری رٕ چھ ہٮ۪تھ

سیٚنگِستان پاُرن

وٕنی دِون کوسمن

ستہٕ باو أمی سُنٛد



سنیاسی تپہ ریوٚش

ٹیٚٹھی اچھر کھٮ۪تھ

کرٕ ہہٕ گِگس مَنٛز

دِلچہٕ کوچھِ مَنٛز

بوٕیے گُل رٕژھرِتھ

شانن پٕٹھ ہیتھ پژا اَگرِ یٔکلِک

شانٛت مَس بأگرن

مژہِ بل اَمی سُند



## نیٚشہِ بود

نیٚشہِ بود نادان

اپُزے داناہ

ازلےَ بیقل

باکھ باگہِ ہیتھ

گٹہِ پچھ کھوننہِ کیتھ

ماجہِ زامُت دژ ہہ لدڈ بکہِ ہیتھ



رخزال دائیک

انزان ورتن

دیٖارِ تھٔر زاٗلتھ

زاٗم تھٔر گاٚلتھ

بنٛنتھٕر ماٚرِتھ

دس بوس باٚ گرن



زٕٹھ لد مہراز

پرٕ دستار دِتھ

قزاق کم تام

ییٚنہٕ وول پرِتھ

ناٚر لد أچھ، رتہٕ کھٔلی زِوٕ ہٕبتھ

وٕٹھلہٕ روٗ ستےٚ

وٕ أیمس پڑ اران



# کلہن کول



ناو: سُبھاش چنٛدر کول

قلمی ناو: کلہن کول

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 19 اگست 1963ء

اصلی سۆکوٗنت: ژِترا گام کلان، شوپیان، پُلوامہ، کشمیر

حال: گلی نمبر 1، بُلاک بی، روٗپ نگر اینکلیو، جۆم

تالیم: بی۔اے

پیشہ: سرکاری مُلازمت سِول سکرٹریٹ جے اینڈ کے۔

مطبوعات: یِہٕنٛزِ چھنہٕ وُنہِ کانٛہہ شارٕ سومبرن چھپے مژ۔ مگر یِہٕنٛد کانٛشُر کلام چھُ مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھاپ سپدان۔

پتاہ: گلی نمبر 1، بُلاک بی، روٗپ نگر اینکلیو، جۆم۔

# دِل چھا گُل پھُٹِہ ٹاس گوھبس

ژہتہٕ ہیے یامتھ یلہٕ گیہٕ لاکم
سونٛچن لچہٕ کوٚڈ ٹاس تہٕ ژوٗل
کم کم کوہ تےٚ بال ژٕھنڈِن
ہتہٕ نیٚونس لِتھ واں پانس ستی
یادِ وتن رہدار دواں گوَ
گٔنڈی زالوَ منٛزی زن ننہٕ وور
ہٕلی ہٕلی وتہٕ پوٚ دوتہٕ روٗ شِتھ ژوٗل
یتھ کنی ماجہِ چھُ شُر روشان
تمٕی ہیے پتہٕ پتہٕ بڑ ونٛٹھ پوٚگس
کھور ٹھٔہر ووُم
ژلٹہٕ باجن ہُند چیٛر گٔیش بوٚ زُم
نظراہ تژ اوِم
بونہِ شیٛہجار وُچھم
ہارُن زیٔن

ترٕ پچہِ پلوَن

ماے تہٕ مِلرٔشار وُچھُم



ٹِٹہٕ وار کوٗ رُم

قرنہٕ پھیُرا ہیٗوُ

واون دِیُت ورتاوس پھیش

پن آیہِ ژھینٗز ژھینٗز

زن اٗسی اٗمی

گُلی آے پھُٹ پھُٹ

دِل پھُٹ پانے

گگرایوٗژھچہِ باکہٕ کوپاٗٹھن

وُزٕ ملہِ دِژ تلوارن تیزی

ہوہَس تھرٕ تھرٕ

موٗلن الہٕ الہٕ

شرٕ گیے گھرٕ گھرٕ تلو اساہ

ٹکھٕ ترٔ اٗوِم ہتھ لگہٕ ساساہ

موٗچھِ مَنٛز زُو ہێتھ دوٗر ژھٕوٗلُس



دم سنٛبلوٗوُم

ووٗش ترٛ ووُم

چھوٚت چھوٚت اکھ درویشا ڈیوٗنٛٹھُم

زن تہٕ ورُق اِتھاسُک کانٛہہ

لوٚت لوٚت وٕنی نم کتھ وٕ ری ین ہٕنٛز

ییٚتہِ قاُدنٛظر

رتہٕ بانہِ جگر

رتہٕ دآوی زبان

بے معنہِ اچھر

ییٚتہِ کوچس کوچس کال نژان

ییٚتہِ تان وٹان اِدٕ لاش سمان

میٚہٕ چھُ تھوومُت پرٛتھ گُنہِ قبرِ لِکھِتھ

کوٚس لاش تہٕ کوٚس کوٚس آش دفن

یِنہِ باسی یِتہِ کانٛہہ گٲرٕ ہٕش کتھ

سرتاز حقیقتھ باکہٕ ژھٹان

ونہٕ کھے تہٕ بےٚ ہاوَے وُنی کھوٚلتھ

لاشِن آسن پنٛجرٕ گٔمتی

گُل آشن آسن برٕ گاٗمتی

موچھِ موٚران آسن وُنہِ ارمان



شاہ ماتژ ووُم

وہتہٕ روُوُم

بیہِ پھُ نوٚن پھوکن

بیہِ پھُ تژ اش پکھن

دِل چھا گُل پھُٹِہ ٹاس گرٕ ھبس

وولہٕ واپس پھیرَ و

سمجھووُم

جاۓ چھا بارٕ کنڈ بن منٛز پھیُرن

نہٕ ووژے پھٕکھ

رتہٕ داۓ وٕر گرٕ ھکھ

رگہٕ نٕے سرٛ یٚہہ چھٕے

دگ تیلی

دۆپمس بیٚہہ پانس



## وٲہراتھ ودپر

از بیٚیہِ بٲوِتھ سوے پرٛ آٲنی کتھ

از بیٚیہِ وُزِ نٲوِتھ شۆ نٛجرٕ ستھ

بیٚیہِ راتس باسیٛوُ وے تی

بیٚیہِ وُ چھتھن وٲہراتھ أچھو

ہۆل گٔنڈی تھٕے بے ولیہِ نرٛان

رۆدِ شرٛ انہِ وسان

شرٛ وٕنی شرٛ وٕنی شرٛ وٕنی

بُتراتھ گبوٕ ان

یہِ چھِ چاٗنی نظرتےَ چون یقیٖن

ٕکرٕ سوٗندر تےَ کۆت حُسیٖن

پرٛھ کرٕ کھا؟

راتھ یتھے گگراین ہُنٛد گوم شور کنن

کل دزٲیم

مےٚ تہِ نالہٕ پلو کڈی

یُژ کاٹلی دۆپُم

کینٛہہ کھوکھری پۆز احساس زۆکھ

وٲہراٗژ پھیر بوٚشیہلاوِ بدن

شیہلاوِ یہِ تن دیوٚشیہلبم من

از مُشراون سُے ٹۆٹھ وطن

افسۆس مگر؛

مےٚ چھِ کھٔتی ہتی پانس نارٕ پھٔکتی

رۆدنہٕ زن اَس نارٕ بُسر

ہُہ چھُ چون پزر

یہِ چھُ میون پزر

مےٚ چھُ باسان اَس

مگر وٲہراتھ وۆپر



# غزل

موصوٗمن کمٔی ہٹٕ ژھنہٕ ژٔڑی ژٔڑی کمٔی دِیُت شہرس نارا ہے
قبرِستانن لوٗگ تاٗمپرا بُستی گوٚو لرِ پارا ہے

ءکتھن گوٚ پیٚتہِ لوٗٹھ امارن لاشن پیٚو لا واٗرِث ناو
کیٚنژو نکھ دِیُت ٹاٗٹھن گوٚبرن کیٚنژن ربہِ وستارا ہے

کمٔی نیبہِ کُکلِن پٔر ترٚکراٗوِتھ وِرِ وارن کمٔی تبرا واٗے
بچھِ تھیے گوٚ یُس پوٚشے نوٚلس کتہٕ آو یُتھ شہمارا ہے

تہذیبس تھوٚو بُتھ نہناوِتھ اسہِ مٔژھ پانس پانےٚ ہاے
کُلی شیٚہلن گٔر بنہٕ ٹکراٗوِتھ بونین کوٚر تِکہٕ تارا ہے

مُتٔی آباہ وٚوتھ سانے وارے شہرن گامن گھرٕ نے ژاو
ژٔیے تہٕ زُو دٕ تھٕس رٔتہٕ چھیٚپہِ پانےٚ مےٚ تہٕ یِرِ گوگرٕ بارا ہے

وقتاہ گوٚو تتہٕ میانٛس وطنس پوشے چمنن دِویا اُس

ہرِدِچ زردی پوشن از کل ٹۄرِہن گوٚو پڑٕ پارا ہے

ییٚتہِ کُس بوزان زبو جذبن ہنٛز ییٚتہِ کس فرصتھ پیٚڑاہ ہے

کٲہِن وۄلُمت میٚزٕ ہنٛزٕ مایے لگھ دپنٛس فنکارا ہے



## مأج

مأج چھکھ ژٕرے مایہِ کُج مستانہٕ مأج

دأدٕ لدٕ بے درد منٛد دُردانہٕ مأج

لولہٕ باغس چانہٕ رۄس کوسہٕ شۄب چھم

مایہٕ پھُٹجمٕژ پوشہِ کُج چھکھ پانہٕ مأج

چانہٕ رۄس کتہِ آسہِ ہے میۆنُے وجوٗد

آنٛپہٕ دِتٕھم پانہٕ دودٕ تےٚ دانہٕ مأج

چاأنٛز آہی ہکہٕ چھِ واتان آسمان

اِدٕ چھِ بٔرۍ بٔرۍ میأنٛز سأرۍ بانہٕ مأج

میانہِ لۄہرٕ آشہِ تےٚ اڈٕ پھٔلی امار

شوقہٕ ژٕچھتھکھ دامنَس تل پانہٕ مأج

میٔانہٕ باپت موم بٔتۍ ہِش چھکھ گلان

چھُس بہٕ چوٗنۍ گتھ کرَے پروانہٕ مأج

خأرِ بٔرژی! خأر چأنۍ أنٛتھہٕ روٗسۍ

کوٚل بہٕ کلھن زُو دِمَے نذرانہٕ مأج



# ڈاکٹر پریمی رومانی



ناو: سُبھاش چنٛدر رایمہ

قلمی ناو: پریمی رومانی

زاسنہٕ تہٕ دۄہ: 4/مارچ 1954ءٕ

اصل: جانی پوٗر، جوٗم۔

تٲلیٖم: ایم۔اے، پی۔ایچ۔ڈی۔

پیشہ: وۄستاد۔ وُنی کٔمن چھِ پرنسپل ہائیر سیکنڈری سکول۔

مطبوعات: کاشُر: ترتیب (۱) وہرٕ ھنےٚ (۲) وراثت۔

اُردو: جدید اُردو شاعری، اوراق، تحریر تقریر، ردِ عمل، تاثرات، اِقبال اور جدید اُردو شاعری، پیش رفت، اِنتخاب مضامین، مظہر اِمام حیات اور شاعری

شاعری: سنگِ میل، زیادٕ تر کِتابہٕ چھےٚ تحقیق و تنقیدس ستی واٹھ تھوان۔ یِہنٛزٕ کاشرِ شاعری چھےٚ مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھپان۔ وُنہِ چھُنہِ یِہنٛزٕ کانٛہہ کاشرِ شارِ سومبرن چھاپ سپٕزٕمژ۔

پتاہ: 1/3، نصیب نگر، جانی پورہ۔ جوٗم۔

# اکھ نظم

اِڈ دُیتھس نکھ ٹاٹھو
انٛد گُن وٕڑ رووُکھ

لُکہٕ ارساتن پتہٕ پتہٕ ووٗ دنس
میے تہِ وأنٛسن انہِ گٹہِ منٛز پھاہ لوٚب
غم خانہٕ پٔژن اٹہٕ بارِ تُلم
وتہِ وتہِ پھشیوٗرُس
ژٔنٛزیاہ مأنٛڈِم
سیکہِ لبن منٛز زأجم پارٕ دِتن
غم میأنٛز ......
یِمن دفناوِہم گُس
چھا کأنٛسہِ ہمتھ
ژٕھر کتھ کرنس حاصِل کیاہ



# روینٛدر روی



ناو: روینٛدر کُمار

قلمی ناو: روینٛدر روی

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 13/اپریل 1964ء

اصل سۆکۆنت: صوف شالی، کگُرناگ،

اننت ناگ۔

حال: دہلی۔

تائلیم: ایم۔اے (کشمیری) بی۔ایڈ۔

پیشہ: ریگولر نیوز ریڈر آکاش وانی۔ دہلی۔

مطبوعات: یِہُنٛد کلامہِ چھُ مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھاپ سَپدان۔ یِم چھِ عام طور شائری کران۔ مگر تنقیدس ستی تہٕ چھُکھ لگاو۔ أہنٛدِ مضموٗن چھِ مختلف رِسالن منٛز چھپان۔

# غزل

وٕج اَستہٕ موٗژان میلہٕ کنٛمن ژھاپٕنھ بہِتھ از
یَتھ پوٗکھرِ انٛدر تاپہٕ پدٕن لاپٕنھ بہِتھ از

تمہِ ڈٕنٛدی پکان راتھ تامتھ اُس کیٛاہ رُمہٕ تٔنی
یٚیمہِ دِوِیہِ پکان ساٗری مگر زن چھِ رٕہِتھ از

نبہٕ روٗدِ جرٕن شینہٕ رزَن گُس دِوان آلو
بُتہٕ راتھ ییٚتہِ لوٗ سٕری گٕمژ یٕژ کاٹلی مٕہِتھ از

یوٗ گام پٔژُن گام دِوان اوس خبر ٔکتی
ووٗنی شہرِ ژھاران نام پٔژُن ٔکتی سٕمِتھ از

دِتھ موہرِ کنٛمن سام لٔب ییٚہِ چھیٚ زُوَن باتھ
کھسہِ رَو تہٕ عالم شولہِ ما، روٗژل تہِ نیٚمِتھ از

مشقن تہِ سٔطرِ مٔٹھ رِکھہٕ یادِ ووٗتُر کیُٹھ
تِم دوہ مبے چھا یاد یاداش ژٕمِتھ از

کمہِ تنٛدلہِ پکان وارِ سبدان کھارِ پتو کیٛاہ
اتھ رٹھ تہٕ دارن پانہٕ وُچھ کیٛتھ چھُ پٔہتھ از



اَچھر ونہٕ وأسی مِلہِ ہوکن چھُ داوُک
صدا مہمِل تہٕ لفظن باش ناوُک

کلیمتی زیوِ پیٚتی ورقن چھلُن گوَ
شلف بُری بُری دُکاناہ ہاہِ باوُک

اِسم، فعلکی حرف کاغذ کیٚمِن ٹأٹھی
نظر گردان حاجتھ آمہٕ تاوُک

بےٚ پڑھ ناون یہِ بُستی خوٗب زانان
پتاہ چھکھ نا لگان ییٚلہِ باس واوُک

ہیٚچن پرِگأٹی گُری گُری معنہِ سأوِس
وٕسِتھ سنہِ رَس گُماناہ چھا تلاوُک



# آر۔ایل۔بٹ



ناو: ڈاکٹر آر۔ایل۔بٹ

قلمی ناو: آر۔ایل۔بٹ

زاسنہٕ: 12/اکتوبر 1957ء

اصلی سۆکوٗنت: دمحال ہانجی پورہ،
کولہٕ گام، کشمیر۔

حال: سوریہِ وِہار، بھوری، جموٗم۔

تألیم: بی۔وی۔ایس۔سی اینڈ اے اِیچ (بھونیشور)
ایم۔وی۔ایس۔سی (بایوٹیکنولجی) عزت نگر (یوپی)
پی۔جی۔ڈی، جرنلِزم (اِگنو دہلی)
ایل۔ایل۔بی (اکیڈمِک) کشمیر یونیورسٹی

مطبوعات: یِم چھِ کاشُر شاعِری سٕتۍ تولُق تھوان مگر اَمہِ علاوٕ چھِ یِم سماجی، سیاسی، تنقیدی مضامین لیکھان یِم زن مختلف اخبارن تہٕ کِتابن منٛز چھپان چھِ۔ یِم چھِ کھیر بھوانی ٹائمز تہٕ وِچار جریدن ایڈٹوریل بورڈس منٛز کوایڈیٹر۔

پتاہ: 425۔لکشمی وِہار، بھوری، جموٗم۔

## ماصوٗم

اڑٕ گرۍ مڈٕ گرۍ

خاب یٖم تٔمۍ ہٕنٛدۍ

ہاوِس ما

کانٛسہِ وُنِستام

تۄ چھِس پھیرٕ

ہتہِ چھُس، گُستام

کوس تام چھس یوس

وانٛکہِ پٔنٕس منٛز

اکھ نۄ و مایا زال ہیہِ ووٗنٛتھہِ



میٚے ہتہٕ ہیہِ مٔستی

وحشت، شِدت ہیہِ ارمانن

پھٔڑ پھٔڑ نیرن

نیلہِ سرس ہیہٕ نۄ و پمپوش



تس چھےٚ ووٚمید

اتھ پمپوشس

کھسہِ نہٕ جل اُدبھو

کشپس پیٚیہِ نہٕ بڑمن پھُٹراوُن

پھال ہیتھ بالس لاٗرُن

پیٚیہِ نہٕ انتس

متہٕ وٗنی توس

اڑٕ گٔری مڈٕ گٔری

خاب یِم تٕمی ہشدی

وُنہِ چھِ شِہلی

ہاٗوِس ما

کاٗنسہِ وُنستام



## ذاتھ

ہُہ کُسن بہٕ کُس

تیٚلہِ ون ژٕ کُس

## فنا فی اللہ

موجوٗدتہٕ بقا

نصر بابُن مول ون چھُ کُس؟

کنہٕ واجن منٛز بند کیاز ذاتھ

طرایقنس تہٕ مأری فتس

گنٛڈوُن چھُ کُس

منصوٗرنی ون بیٚیہٕ حالات

وُچھ ظُلمات

گُژہُن چھُ کیوٗل

ووزُل اَنتر

دوشوِنی منٛز باگ

دوشوِنی ہیوٚر بون

عیُن الزات

رازِ حیات

تیٚلہِ ون ژُ کُس؟

ییٚچہِ لار یوُمُت

ژوٚچن، ژٕنجن

کٕنن اثبات



## خوٗدا

زأنتھ تہٕ مأنتھ

پزر پڑأنتھ

صحیفن منٛز

لفظس سٕتہٕ لغزِش

زیرٕ سٕتہٕ زیر

پڑکھٕٹ تہٕ ڈیوٗٹھ پوٗٹھ

سمیَس پیٛٹھی پیٛٹھی

قلاے کٔرِتھ

تارکھ نب

ہیٛرِ بوٗن گٔنڈِتھ

گٔنڈ وَ رُستے

کرحأرتھ

ون کنیاہ مانکھ

کوتاہ زانکھ

دٕ چھِنۍ کھوٚری

وُچھ وأراگ

تُسُند عتاب

تمثیلِ آدم

پھُٹمُت آدن

ازلےٚ گُنٛڈِتھ چھُس وسواس

ۍ پڑھ بۍ ژۏک

زبنہٕ بڑو نِہ مأرِتھ

وشفس کھأرِتھ

اشرف، آزاد

خودسر، خۆدی

ون کنیاہ گرٛشھی

پٹھ پٹھِ گاران

پژاران کرپہٕ

چون اعتقاد



## پیر بابہٕ

بُدھ چھا بنٛد

کِنہٕ آننٛد

شِنیاہ گوٗمُت

کرٕ ہٕنس کرتام

امہِ برٛونٛہہ

از تام

بیٚیہِ برٛونٛٹھ گُن

کیٛاہ چھُے پےٚ

کتھ کرِش لےٚ

کیُتھ آننٛد

گُس پابنٛد

پانٛ روٗس شیٖن

ألفہِ روٗس میٖم

نیٛشہِ بوٚد بود

تیٛہہ رۄس تنبٕگُل

کُنہِ نہٕ کھیں

کتہِ آنند

کتہِ ناد بنٛد

کتھ کیُت سَرُن

دھرم دَرُن

سنٛکس پھرُن

أڈی جہِ کرٕنز

مسوال تہٕ دنٛد

گاٮِٔتی بنٛد

پزاران کس تام

تلوارِ تیزس

یُس ژھُنہِ پھُٹرِتھ

شِنہک زال

آنند سال شیرِ بےٚ فرٛوک

تمنٕے بانن

یمو چھُ لارُن

وجوٗدُک سرٔ یٚہہ

دُنیادٲری

دوکھہٕ مکاری

وَنٕی گووٕلتھ

ایمانہٕ پلوس

پٔزِس رنگس

شرٕ دلیہٕ سان

☆☆☆

# مکتوم جے کشن رینہ



ناو: جے کشن رینہ

قلمی ناو: ماسٹر مکتوم

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 20 دسمبر 1943ء

اصلی سۄکوٗنت: ژوگام، دِوسر، اننت ناگ، کشمیر۔

حال: احاط امر سنگھ، پکی چھاونی، جۄم۔

تالیم: بی۔اے، بی۔ایڈ

پیشہٕ: سرکاری وۄستاد (رِٹایرڈ)۔

مطبوعات: یِہندی بھجن تہٕ غزلہٕ چھِہ مُختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھاپ سَپدان۔ یِم چھِہ افسانہٕ تہِ لیکھان۔

پتاہ: کوارٹر نمبر 4، اولڈ ایس۔ایم۔جی، احاط امر سنگھ، پکی چھاوٕنی، جموں۔

## سۆہم سۆ اللہ ہۆ

استانہٕ پننہٕ نے مستانہٕ مس گوم گنٹایہِ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ
دِل گوم دیولنہٕ سے پتھ کس گوم گنٹایہِ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ

سِلہٕ گوم سینس ہشہِ وسوسہٕ گوم دِلہٕ کنٛز کوٚرمس گۆ تےَ گۆ
نِلہٕ وٹہٕ ہے للہِ کلہِ تنزرس گوم گنٹایہِ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ

رُمہٕ رُمہٕ بُمہٕ نے منٛز باگ چَس گوم ڈُمہٕ ڈُمہٕ ڈابرٕ وایان چھۆ
چُمہٕ کیاژِ وہ پرن پاٲنی پانس گوم گنٹایہِ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ

من مۆہت آتٕمی دیانس گوم ہنہِ ہنہِ اِدِ پرٛزٕ نوۄم رُح
دن دیار کتھ کتی فاٲنی فانس گوم گنٹایہِ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ

شلہٕ بۆزی بۆزی وۆل خول مےٚ پس گوم واہ لۆب لالچس کوٚرمس تھۆ
گاہ ترٛوو گاشن گُڈٕ ہے بس گوم گنٹایہِ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ

یمہٕ تھرٕ اُلجمو اَڈی جن خس گوم  دمہٕ دمہٕ بۆلی بۆلی گۆوہنٛدٕ گۆ
ہمراز کُکلے تی ونہٕ کس گوم  گنٹایہِ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ

ببن مُشرِتھ ہبن مکتۆمسٓ گوم  دبن راتھ ہرٕشے نے کھۆنتم کھۆوٕ
شن وِنٕی طرفن ذرٕ ذرپھس گوم  گنٹایہِ ٹھس گوم سۆہم سۆ اللہ ہۆ



## تھاو زیٖر بمہٕ ہے گوش

لۍ کر پانو شبدٕ آؤمہٕ ہے  تھاو زیٖرٕ بمہٕ ہے گوش
زۍ کر پۍ بوز نِش سۆہم ہے  تھاو زیٖرٕ بمہٕ ہے گوش

اۆم شبدس چھُنہٕ ژھبن کُنہِ دَمہٕ ہے  سۆم پکھ بوز کر تہٕ ہوش
بۆم ٹھُک فِکرن اندیشہِ غمہٕ ہے  تھاو زیٖرٕ بمہٕ ہے گوش

مس چھُکھ گوُمت مَنٛز مہُہ بژمہٕ ہے  سوستھ روز بن مہٕ بے ہوش
خستہٕ پینہٕ سپدکھ بستہٕ اُہم ہے  تھاو زیٖرٕ بمہٕ ہے گوش

دم چھےٚ غُنیمتھ راوُر مہٕ دَمہٕ سےٕ    چھمہٕ خمہٕ بوز بول بوش
سمسار بالہٕ یار چھوٚن جامہٕ جمہٕ سےٕ    تھاو زیرٕ بمہٕ سےٕ گوش

پڑٕ ہلادن کوم کُرٕ نارٕ تھمہٕ سےٕ    ڈٕلہٕ نہٕلس پہوٕ کوش
مہُلا گو پڑٕ کھُٹ رویہِ نزٕ ہم سےٕ    تھاو زیرٕ بمہٕ سےٕ گوش

وَے نو چھُ وُچھان زیاد س تہٕ کمہٕ سےٕ    طے کر لولُک ژٕ جوش
سَے چھےٚ وتھ ژھار لار پرمہٕ ہمہٕ سےٕ    تھاو زیرٕ بمہٕ سےٕ گوش

کیٛازِ چھُکھ مُشتاق مایایہِ سمہٕ سےٕ    رازِ دِلہٕ سےٕ کر تہٕ اوش
نازِ عٕطرٕ بوے خوے ژٕے آتم سےٕ    تھاو زیرٕ بمہٕ سےٕ گوش

حالس مکتوٗم لالس نمہٕ سےٕ    کالس جفادِ بر دوش
پیٛالس گرٕاے یِنہٕ لگہِ آگمہٕ سےٕ    تھاو زیرٕ بمہٕ سےٕ گوش



# شریمتی چنٛدرا ڈاسی



ناو: چنٛدرا ڈاسی

قلمی ناو: چنٛدرا ڈاسی

زاسنہٕ تہٕ دوہ: اول ستمبر 1942ء

اصلی سوٗکوٗنت: ہرے کرٛشن نِواس، نئ بستی،

انت ناگ، کشمیر۔

حال: ہاوٗسنگ کالوٗنی روٗپ نگر، جموٗم۔

تالیم: میٹرک

پیشہ: گرٛہست پالن۔

مطبوعات: (۱) چنٛدرٕ واکھ (2002)

(۲) لوٗلک ناد (2006)

پتاہ: ہرے کرٛشن نِواس۔ این 45۔ سیکٹر 3،

جے۔ڈی۔اے ہاوٗسنگ کالوٗنی، روٗپ نگر، جموٗم۔

# واکھ

(۱)

آشا ترٛیشنا سورُے ترٛووُم
پرٛووُم منہٕ اِندرِیہٕ ووپہٕ واس
سد گوٚرٕ ژرنن تل پان سووُم
نۆن دزٛاو پانے باسکر ساس

(۲)

یاوُن زولُمت اوُسُم کامن
کرٛوٗدن تہٕ زأجِرٕ أَہم کاے
مھُن، لوٗبن اوس ووٗلُمت دامن
نۆن دزٛاکھ باسکرٕ غاب گیہٕ ژھاے

(۳)

سۆم کھار سۆم ترٛاو سۆمہٕ سۆمراو
سۆم لاگ سۆم وُچھ سۆمہٕ سار
سۆمہٕ زأنتھ اوٗچھی تار پرٛاو
سُم دِتھ دِیہٕ یو بوسرٕ تار

(۴)

پانٛے پُنٛج تےَ پانٛے شڑاکھ

پانٛے کھٔ تےَ پانٛے گڑاکھ

پانٛے نارس پیٹھ دِوان پاکھ

شِوٕ چھُکھ پانٛے کانٛہہ نو بیٛاکھ

(۵)

انت رۆس ویٛشیوَ کوتاہ وۆلہکھ

دۆلہکھ دلنہٕ زن کنٛزٕ بے منٛز

تِلہٕ وأنی داںٕدٕ ٕسنٛدی پڑ دِکھِن دیٛوٕ ہکھ

مۆژٕ رووہکھ ٕہہٕ شال سُنٛد کرٛنٛز

(۶)

منٛہٕ چے زیٛوٕ ٕستیٛ پرٛ سۆہم سۆ

ہم ترٛأوِتھ پتہٕ روزِ سۆ سۆ

دم دِتھ نۆن نیٛرِ پانٛے ہم سۆ

ہمہٕ ئے گلہِ خم چھےٚ سۆ سۆ

(۷)

ستہٕ گور منہٕ مَنٛزلِس مَنٛز سوٗوُم
واوِ داوَو ءستیٚ دِزٕمَس زیٛر
سوٚہم شبدَے اُدگیت گیٛوُم
نوٗوُم من تےَ بوونم سیٛر

(۸)

منہٕ آسنَس ژٕے پمپوش وتھراو
شنکھ نادَے ءستیٚ لائیُس ناد
سوٚہم شبدے اُدگیت بوزٕناو
شانٛت لےَ گرٛژھی تھےٚ سپدکھ شاد

(۹)

أنٛدرِم میچھر کُمٕی ژٕہہٕ نوٗوُکھ
کُمٕی ہیٚچھِ نوٗوُکھ زٕتھ دود چوٚن
سمسٲری مایایہِ ژٕے راوِ روٗوُکھ
حبس کر سنہِ رس دیٛوُ لتس وۄن



# چمن لال کانٹرٗ



ناو :　　چمن لال کانٹرٗ

اصل سۆکؠنت : اننت ناگ، کشمیر۔

حال:　　کرن نگر، جۆم۔

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 25/جولائی 1947ء

تالیم:　　بی۔ایس۔سی

پیشہٕ:　　ووستاد

مطبوٗعات: (ا) انگریزی شارِ کِتاب: "Eternal Sin" کانٹرٗ سٕنٛز اُردوٗ تہٕ کاشُر شاعری چھےٚ ووٚنی لگاتار رِسالن اندر رتہٕ چھپان۔

## واو وَج

رأژ گاٹٕژ گٹھ تہٕ واوس وَج پکھن
''گاشہِ ژوچہٕ'' زن وبگلنٕے مشرف گوٚمُت
گُلی گمتۍ روٗزِتھ یِمے زن لأنژھ ہی
آبشار زن خوجہِ شُربن ہی سونہٕ گوٚبرۍ
کُس مژر بیٚتہِ موردٕ آمتۍ وولسنس
روٗفی کران کرٛژز آو ریٚنہِ ہکہٕ چھن گنٛدن
سوٗنتہٕ بل سۆرِتھ بنٛیومُت موتہٕ بل
وچھ پُژان وتھ دوال موٗنٛڈ مالِنس
گاٹہٕ جارس کوٚ سپُد بیقل مذاق
اسہٕ ولِنس کِتھ برٛیڈۍ کڈان وُڈھ پنٛنۍ
اوٚش نہٕ بہران راوٕ رُن یاوُن مژر
ژٕتھ مزارس چِل گأنٛڈِتھ نیچر لسوان



# نظم

گُلہٕ پھُلہِ یَن سُلہِ وولہِ للہٕ کھۄل کر

مُلہٕ وُنہٕ لن ظُلہِ جل گاہ چھۄل کر

پوشن پوشی پوشُن یُتھ اند

بَیہٕ اۆ برس اسہٕ تھۄسی پڑٕو زۆل کر

زٕژٕ، زگتس زم زٲمی وُزِنو سگ

ڈُبکہٕ مُرشرِتھ سمہٕ یَس گاہ چھۄل کر

ژٔرِ وِگہِ نبن سازُک جودۆ ہٮ۪تھ

صُبح مسولہِ وژنن دُرٕ دۆل بَر

ہکہٕ بکہٕ وِزِ وِزِ یتھ سمسارس

مٲدی بۄمبرن یمبٔرن مایاہ بَر



# پیارے لال بھان



ناو: پیارے لال بھان

قلمی ناو: پیارے بھان

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 2رفروری 1946ء

اصلی سۆکۄنت: بُلبُل لنکر عالی کدل، سرینگر۔

حال: جۆم۔

تالیم: ایم۔اے، بی۔ایڈ

پیشہِ: رِٹایرڑ ووستاد محکمہ تالیم۔

مطبوعات: یِہُنٛد کلامہٕ چھُ مختلف جریدن تہٕ رِسالن منٛز چھاپ سَپدان۔ یَم چھِ دراصل صوٗفی شأیری ستی توٗلُق تھوان۔ باضے چھِ لیلا تہٕ لیکھان

پتاہ: دُرگا نگر۔ جۆم۔

# اکھ شِکوٕ

ژٕ ےٚ پتھ پکِتھ تلُم سفر پرٛز ر ونےَ پرٛز ر
دِژٕتھ مہ ساٚ ژٕ ےٚ ژٕھر نظر پرٛز ر ونےَ پرٛز ر

کران ژٕ پانہٕ اٚش چھُکھ رٕنگتھ ژٕ ےٚ مائژٕ نم
موٚلُتھ یہِ میٖون خوٗنِ جِگر پرٛز ر ونےَ پرٛز ر

گرٛھان مےٚ چاٚنۍ بڑ اٚنتۍ چھِم نمان یہٕ چھُس کنن
ژٕ وُچھتہٕ چھُم یہِ کیُتھ سبزر پرٛز ر ونےَ پرٛز ر

یہٕ تژٕ ووتھس ژٕ ےٚ منٛز وتے یہٕ نیرِ کور گُن
دیُتُتھ یہِ لولہٕ سےٚ لوٗژر پرٛز ر ونےَ پرٛز ر

یہٕ مایہِ چانہِ وٕنۍ دِوان تہٕ دشہِ گنڈان چھُس
ونان چھِہم یہِ چھےٚ مژر پرٛز ر ونےَ پرٛز ر

فقط مےٚ کر اکےٚ نظر ژٕلسم سورٕ ے ہجر
مےٚ لانہِ چھُم لیکھِتھ ہژر پرٛز ر ونےَ پرٛز ر

کتھن ہران ژٕ ے موکھتہٕ چھے ژٕ پیارِ پوٚختہٕ بن
ووندے رٹُن کھٹُن ترٛر پٔزر ونےٚ پٔزر



## غزل

چھِم وُنہِ مےٚ روٗنٛلی ژٕہی تہٕ مٔرِھلی ساتھ أچھن تل
سُے لول بیٚیہِ تِم لولہِ ہٕتی آیات أچھن تل

ہنگہِ منگہِ گیہِ ٹھسراے ژوپاٗری بس فقط وُہراے
گژہٕ زوٗل تہٕ سُے اندکار بیٚیہِ سوے راتھ أچھن تل

پھرٛٹہٕ تِم تہٕ ژھرٛٹہٕ ژھرٹھ، اوس تتہٕ سٔیز کتھ کرنس زاپھ
بس روٗز پتہٕ ریٚش وأر تہٕ مساوات أچھن تل

اسہِ اوس کُنےٚ رنگ تہٕ ڈنگ بیٚیہِ اوس کُنےٚ زوٗ
وَنہِ کس مےٚ وُنٛی کٔبن چھِم یہِ کیُتھ ظُلمات أچھن تل

یہِ آس ترٛ اُوِتھ مال۔او۔زر بیٚیہِ زوٗ جان پٔژن تٔتی
بس چھِم مےٚ تِم لیلایہِ بیٚیہِ تِم نعت أچھن تل

کمہِ شاپہٕ ولنۓ آس تاپن ژٕنٛی گٲرم بدنس
بے آر بتُھی پھِر چھَم پیٚتھ وٕہراتھ اَچھن تل

کمہِ آشہِ گنٛڈان پیارِ بھان وُنہِ دشہِ چھُ استانن
چھِم تُل مُلکی بیٚنہٕ پرٕبتکی رٕتی ساتھ أچھن تل



# شُبن ۔ کے ۔ تِکوٗ



ناو: شُبن تِکو

قلمی ناو: شُبن تِکو

زاسنہٕ : مئی 1942ء

اصل سوٗکوٗنت: وَڑوَن، سویہِ بُگ، بڈگام، کشمیر۔

حال: منورما وِہار، بھوری، جوٗم۔

تألیم: بی۔اے، ایس۔اے۔ایس (دہلی)

پیشہٕ: آڈِیٹر، اے۔جی آفس، سرینگر۔

مطبوعات: یِہنٛزِ شأیری افسانہٕ بیٚترِ چھِ مُختلف رِسالن مَنٛز چھاپ سَپدی مٕتۍ۔

اے۔جی محکمہٕ کِس میگزیٖنَس چھِ یِم ایڈیٹر رۄزی مٕتۍ۔

اوارڈ: (۱) آفیشل لنگویجز ڈِپارٹمنٹ کہِ طرفہٕ، ریجنل اوارڈ۔

(۲) پارلیامینٹری کمیٹی آن لنگویجز کہِ طرفہٕ اوارڈ۔

پتاہ: 151، لین 18، ای، منورما وِہار، بھوری، جوٗم۔

# رۄدرٕ مال

ڈل راژٕ مےٚ ڈیٚوٗٹھٕم
صُبحٲے پگہٲے
پن تاران
روٗپہٕ لٲنکہِ زُوِس پیٹھ
لل دیٚدِ ہٕندٕ ن رۄدرٕ پھلٕن
یِم چھکُرِتھ پٔتھرِس بے ترتیب
أڈی ہور ڈلان
أڈی یور ژلان
أچھ روٹہٕ گٔیس
یامتھ ڈیٛنٹھِن تھٔدی نارٕ لمبھ
مَنٛز باگ ڈلس
ملریو وۄن ہَس اَسہِ دِتہٕ تژلیش
تھوٗنبہِ تھوٗنبہِ تژ أوِن تژلیش تمن
پٕوٚز کرِ ہے کیٚاہ زن نارٕ بژیہٕن
تِم گٔیہِ تیزان

کرٛکہٕ ناد زبرون تیٚۄتاٛلی ٹُل :

''ہے ہتہٕ سأنؠ ہے ......

درجاتھا زینکھ

شرٛاکہِ لمکھ

یوسہٕ گٔی تام بوڈٕم وأنٛجہِ منٛز

ہے! کرٛیشان چھُس، ویٚہہ چھُم جگرس

تیٚاگٔے یۄ دوَے پرٛان بہٕ وُنی کٔمن

رأچھ کری گُس یتھ ریٚش وارِ؟''

آسَس تھپھ دِژ ڈل رازن

بیٚیہِ لۄگ ژھانڈنہِ

کوٚنٛش کھورن ہنٛز

تھرِ تھرِ أسس بدنس ہیٚرِ بون

ویٚہہ زن تیلیٚوس

یامتھ ڈٲنٛشن

ہنٛد ریمٛش وٲنٛ پھرٛکہٕ ہرٛجۄریا

پوٗشہِ نوٗلن ہنٛز

کارِ وُٹھنۍ دِتھ

ہاران چشموٗ موکھتہٕ موٗلُل :

"آنٛپہٕ منٛگان چھِ بچہِ میٲنۍ اُمی"

آسہٕ پتھر پیوٚ ڈل رازس

لل ژھانڈان مال

کنہٕ وان گٔیس :

"وولہٕ بےٚ کھسہٕ کأٹھِس

کاٹھ ژٕ سۆمبراو

دیوٚ دگ لوتہِ زٕ گتس

کھر نیرِ رۄ درس"

لل دێدِ وۄنٛنس :

"رازٕ ٹھہر

وُنہِ کھیٚر چھُ پیٚتی

وُنہِ کھرٛ او پیٚتی

وُنہِ بابہٕ شکوٗرس نٔژس چھُ پونٛز

وُنہِ بابہٕ ریٚشِس آسہِ پیٚتی

رێش مول بہٕ سوزکھ یارٕ ئلی

آلو تژ اوبکھ ناد دِیکھ

یکہٕ وٹہٕ روٗ زِتھ آسن دارَو

بیٚیہٕ اکہِ لٹہِ أسی نوٚفُل پرَو

بیٚیہٕ اکہِ لٹہِ أسی ذِکھرِ کرو

بیٚیہٕ اکہِ لٹہِ أسی سُجد کرو

اللہ ہو اکبر

اللہ ہو اکبر

بیٚیہٕ اکہِ لٹہِ أسی پرَن پمو

شرنا گتہٕ وتسلہٕ ونٛتی بوز

تژٕ اہہِ مام، پاہہِ مام

تژٕ اہہِ مام، پاہہِ مام

دیوٚ کھُر نیرِ مالہِ

پن بیٚیہٕ تاروس

شژٕ اکھ نیرِ زبرون بالس وچھِ منٛزٕ

نارٕ بزٕیہن دیوٚ بیٚیہٕ پیٚیہِ امرتھ

لاغکہِ ہُنٛد پوشہِ نۆل بیٚیہِ کرِ بول بوش

بیٚیہِ بیہِ سبزار

بیٚیہِ پھیرِ شیٚہجار

روپہِ ہٕنٛز ریٚش وار

ژۄژارِ کس پیرِ ہٕنٛزِ مأری مٕنٛز پیرِ وآر



## آلو

یٔز کاٗلی مبے ڈیٚنٛٹھکھ

مأج ژٕ بیٚیہِ از

سنٛد یاسمیَس

دۄر افرؠٹ کوہ دامنٕ

رِژ وارا ژأرِتھ

ترٛ نگہٕ گنڈان

از کلہٕ پۆش چون اوس گاہ ترٛاوان

ٹیٚکی تالہٕ ہٕنٛزٕ زِژ آسہٕ ژھٹہٕ ماران

زربأفی چۄنی تالہٕ ژۄک پژٕ لاوان اوس

سیدٕ پٹھس

بیٚیہِ شنکر اچارس

گاہ ترٛ اوان اَسِہ چانہِ ترٕنگکی لاٹھ

گاہ ترٛ اوان ووزجار کلہٕ پوٗشک

ڈلہٕ ملر بن مَنٛز

یمہٕ یوٗرِ پکان

سنٛد یا سمیَس

بیٚیہِ پکناوان

لتس مسولہِ ہنٛدِ رویُک ووشلُن

یوسہٕ زلیہِ گمُژ از نارٕ وٹن پیٹھ

دوٗر جھرِڈی بیٚیہِ پُرکھوٗ کیٚن جنٛدٕ خمن مَنٛز

وٹھ گومُت لتس ار مانن

دٔج لاَ گتھ پھرنس ووش ترٛ اوان

ووش ترٛ اوِتھ سوٗنچان وُچھِ ہن مائج

بیٚیہِ شیرِ ہَس پوٗژتہٕ ترٕنگکی لاٹھ

بیٚیہِ نیٚنٛدرا ترٛاوِ ہَس کوچھِ مَنٛز کالی

مأج! دِکھ نا آلو شری بٹ ہے

دۄ میٛنڈ لد بُتۀ رأ ژ دِیہِ ہے پاٹھ لوٗ

ویٛہہ لد واوس پھیرِ ہے شیٛہجار

ڈل ئنڈی ماوہ شلن

أنۀ وُچھن ییٛہِ وِگنہِ سرس منٛز

پأرن مس ییٛہِ نِشاطس منٛز

تژ اون ئیٛنڈرا ویٛتھِ وۆ ترِس پٹھ

ییٛہِ گرژھِ کٔنن للہِ ہِنڈی واکھ

زۄنہِ تۀ أری نہِ ہِنڈی لأنی وژن

مأج! ہاو بجر

دِس آلوٗ وونی

دارِ وسان چھُس اۆش چیٛشمو

بوز ونتی وونی

دِس وونی آلو



# مأج

یۆد مےٚ آسمِ میل قلمس تیژ یُتاہ پوٗنٛز مَنٛز جھیلِ ڈلس
کاغذس آسمِ مےٚ راداتیٚوٗت یتُھ مانسبلس
توتہٕ پیٚیہٕ پرٕ چاٲنٛز گوٗن وکھناونس
چون تھزر، چون بجر
چاٲنٛز عضمت مأج میأنٛز

گرٕشمہٕ ژٕنٛجہِ مَنٛز وتہٕ گتھا ڈیٚنٛشان ییٚلہِ یخ نیلہٕ ناگ
وأنٛجا شیٚہلان چھِ لَس تہٕ چیٚشمن ترٛٲوتھ چھس پیوٚان
چانہِ پۆژِ ہٕنٛزِ گرٕلیہِ مَنٛز باسان مےٚ کأیتاہ نیلہٕ ناگ
کوٗت شیٚہجار
کوٗت سبزار
چانہِ کوچھِ مَنٛز مأج میأنٛز



# بدری ناتھ ابِھلاشؔ



ناو: بدری ناتھ

قلمی ناو: ابِھلاشؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: اگست 1942ء

اصلی سۆکوٗنت: اچھن پُلوومہ کشمیر

حال: دُرگا نگر جۆم۔

تعلیم: میٹرک

مطبوعات: کھماپوش (شارٕ سۆمبرن)

پتاہ: سکٹر 1، دُرگا نگر جۆم۔

# حالس چھِ روٗتل حالس چھِ سُل

بالس پیتھ گُن کالس آلوَ نالس تھپھ تےَ مالس لوٗٹھ
لنہِ گٹہِ منٛز لوٗگ آدم زالس حالس چھِ روٗتل حالس چھِ سُل

تتہِ گو سمیا سِریَس لوٗستھ گاشُک چھُنہٕ تتہِ کانٛہہ پرتو
رتہٕ چھیٚپہِ گلہِ ٹوٗری لگی مہا کالس حالس چھِ روٗتل حالس چھِ سُل

اِنسان زاگان آدَم رتس ژبتس ما چھُس بُرژٕ مرُن
میٚژِ موٚر ہبتھ گرٛدِ تل پاتالس حالس چھِ روٗتل حالس چھِ سُل

گونہاو ہیوٚل کوٚڈ ییٚلہِ اِنسانس پانس تانٛی ما روٗدُس کیٚنٛہہ
رتھ کھوٚت بُرلیہِ پیٹھ پاژالس . حالس چھِ روٗتل حالس چھِ سُل

شیٖرِتھ پأرِتھ باغا اوُسم مأصوٗم تتھ منٛز آسی گُلی گٔٹ
ۂٹ ژٔٹ ژٔھنی کٔمی تانٛی نالس حالس چھِ روٗتل حالس چھِ سُل

سمیَس لیکھُن تتہِ نوٚو اِتہاس ستہٕ ٹاس تمہِ کٔنز لگٔی پھٹنے
یمرازٕ گوٗمت ریٚش وارِ سالس حالس چھِ روٗتل حالس چھِ سُل

ڈیٚنٛشتھ بۄزتھ اِنسان ترٛہران موتَس اُلٕجِث تتہٕ کھۄہٕرن
زِندگی موتس چھِ اِستقبالس حالس چھِ روٗتُل حالس چھِ سُل



## من گولروٗم مایایہِ نِش

گیٚلہِ گیٚلہِ سَتی ییٚلہِ اُلروٗم من گولروٗم مایایہِ نِش
گولہِ مَنٛز ولہٕ سَتۍ یلہٕ کرنوٗم من گولروٗم مایایہِ نِش

مُہہ مد موچھِ ییٚلہِ منسوٗم کام کرٛؤد کوچھِ ماٗزِرٕ نوٗم
سنتوشہِ سئدرُک لئٕر گنٛڈٕنوٗم من گولروٗم مایایہِ نِش

لالس پادن تل کلہٕ ترٛووٗم پان پنہٕ نُے تتہٕ مُشرووٗم
آشہِ ہٕنٛزِ کھونہ مَنٛز گاش سومبروٗم من گولروٗم مایایہِ نِش

لولہِ مَنٛز لالنۍ پاد رٹہٕ نوٗوم اشہِ ولنہٕ گرٛایا کڈٕنوٗم
پادن وندٕ نُے پان ہیٚنٛچھنوٗم من گولروٗم مایایہِ نِش

تامسی تہٕ ماسی کھن ترٛاوِ نوٗوٗم ست سنگہٕ پیٚالا چاونوٗوٗم
بوٗچھِ بوٗچھِ کرِدٕن موچھِ مَنٛز تھوٗوٗم مَن گولروٗوٗم مایایہٕ نِش

لولُک بیٚولا پیٚلہٕ نٛوروٗوٗم انتاہ کرنٛن تہٕ بأگروٗوٗم
ویٚوہارس مَنٛز تی پأنٛزروٗوٗم مَن گولروٗوٗم مایایہٕ نِش

لِزٕ پزٕ وِزٕ وِزِ سُے سگہٕ نوٗوٗم رسہٕ رسہٕ حبسہٕ ہیٚوٗل پأروٗوٗم
ابھِلاشٗن ہٕتھ رأچھِس پٕشروٗوٗم مَن گولروٗوٗم مایایہٕ نِش



# بھوشن ملا بھوشنؔ



ناو: بھوشن لال ملا

قلمی ناو: بھوشنؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 24/اپریل 1948ءٕ

اصل سۆکؠنت: سنگرامپورہ، سوپور، کشمیر۔

حال: شالیمار گارڈن، صاحب آباد، یوپی۔

تالیم: بی۔ایس۔سی، ایم۔اے (ایجوکیشن)، ایم۔اے، پری وِلیس (کشمیری) اِنگلش آنرز، بی۔ایڈ۔

پیشہ: سرکاری وستاد۔

مطبوعات: یِہنٛز بکھتی شاعری تہٕ واکھ چھِ مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھپان۔ کِتابی صورتس منٛز چھُنہٕ وُنہٕ یِہنٛد کلامہٕ چھپیو مُت۔

پتاہ: شین اپارٹمینٹ۔ پلاٹ نمبر 907، فلیٹ نمبر UJ-2، شالیمار گارڈن، ایکسٹینشن-I، صاحب آباد۔ غازی آباد، یوٗپی۔

## وٕنہٕ

چانہٕ درشنہٕ میلہِ دَیہِ زہُون پَے
لبہِ آتما سۆہم سۆ مُژلےَ
پرمہٕ داپِچ ترٛپتی سپدِ منےَ
لبہِ آتما سۆہم سۆ مُژلےَ

اَنہٕ گژہہ چانہٕ میلان پَزٕرک گیان
موکھ وُچھنےَ پراوان چونُے دِیان
سہٕسرٕ دارس ناڈِ بنٛد چاُنی شےَ
لبہِ آتما سۆہم سۆ مُژلےَ

چھِی بڑٕ ہمانڈس بھاسکر ژٕرے پزٕلونی
رنٛگہٕ کلشس اوم کار چھِی شۆبہِ وٕنی
یہِ چھِ چاُنی کرٛپا نارانےَ
لبہِ آتما سۆہم سۆ مُژلےَ

لولہِ نیٚتھرٕ و گیانہٕ پرٛکاشہٕ پھوٚر بر
دۆیتہٕ باو تےَ پاپھ شاپھ ساٗری ہر
پان پُشرٕ ے میٚہ پادن دِلہِ جانے
لبہِ آتما سۆہم سۆ مُژلےَ

أنٛدری أنٛدری چھکھ سپنٛدن شُکھتی
ڈزٛڈ چھِ سپدان چانہٕ لولہٕ ستیٚ بکھتی
ناوِ چانے مالا پھِران روزے
لبہٕ آتما سۆہم سۆ مُشلےٚ

رتھِ کھالُن برٛہمن زٕنم میٚونے
شاہ کھسہِ وسہِ منٛز چھُم ساز چونے
برٛ ودِ پپٹھِ چأنی نامہٕ سمرنےٚ
لبہٕ آتما سۆہم سۆ مُشلےٚ

رژِ رژِ منٛز شولان چونے ظہوٗر
پننہٕ وُچھمُت تتھ منٛز تہٕ ژٕے چھکھ پوٗر
پادِ کملن پوٗزان چھےٚ ژےٚ سمےٚ
لبہٕ آتما سۆہم سۆ مُشلےٚ

پننہٕ دزٛشٹی راکھبس پزٛ کرتھ کوٗر
سمسارٕ کبن اُگر رٕپن کرسوٗر
گُل ژٕ پھوٗلہٕ راو میانہٕ میٚژ ننہٕ وانےٚ
لبہٕ آتما سۆہم سۆ مُشلےٚ

منہٕ بھوشن چھِ کران چانٛژ آرتی
نودار ِکس رَتھسے بن تہٕ سارتھی
ژلہِ شک سورٕے گلہِ مرنٛک بھےٚ
لبہِ آتما سۆہم سۆ مُژلےٚ



## واکھ

(۱)

ستہٕ گےٚ وژُنا ستہٕ سے پڑاوے
اگیانٛژ ہسبزس پھَٹہِ گوتھ دِتھ
ست وژن ساوس سیٖز وتھ ہاوے
سُہز سُہ پڑاوے دَے پڑزنتھ

(۲)

من رٕنزنوٗم بہٕ بہٕ گُری تھےٚ
لاَر ِگتھ ابھِ مانٛچہِ کاژے
دیہِ ناوُک یام تیٖر گوم تُری تھےٚ
ژہن گوم گُری تھےٚ موٗہچہِ ہاژے

(۳)

ہرِ اوم تت ست منتھر زۆپ تھے
گیر رنگہٕ وسترٕ ترٛاوِتھ نالی
سیر برٛہمانڈُک سرٕ گرٛٹھ کرٛی تھے
لبہٕ ہَن پرمےٚ داپچ ڈالی

(۴)

اَپُزا ترٛاوِتھ پزرا پرٛووُم
یرٛھِ پرٛھِ ستۍ دَے رنگہٕ نووُم
پانٛژھ داہ کاہہ ستی نرٛنووُم
اتھٕ آتما رنٛزٕ نووُم

(۵)

شہن ہنٛز کھسہٕ وس ستۍ ستۍ پورشس
مۆلا دارس دیان دارِتھ
اِدٕ اوٚم شۆلِتھ گرٛھِ وبرشس
ادم نیرِ شاہ پانس پارِتھ

(٦)

وَنہٕ وُن کٔری تھےٚ وَنہٕ یُس پیہے
کل کٔری کٔری سُے دِیہٕ نا ژٕتھ
یَس حد پژٲٹھ لولہٕ نَدنیے
سُے نیہٕ پرمہٕ دامہٕ امرٕتھ چیتھ

(٧)

رَسہٕ رَسہٕ حبسہٕ یُن چھےٚ مَنٛز دیٚانس
ریوٗش بنہٕ زیپہٕ مال زیپہٕ ناوِتھ
اوٗم گُے تیز شولہٕ ناوِتھ تھانس
پانس گژھِ پان پژزناوِتھ

(٨)

ست زَن کھٔسی تھےٚ ست سنگ وڈِگس
ستہٕ دیوس ستیٚ ماران ژھال
گیر رنگہٕ دستار النکار جوٗرِگس
زِنٛدِ موٗرژن ستیٚ ناٗلی نال

(۹)

ترٛبن سیٖنٛدٕ یایَن امرٛتھ پۆزِتھ
سگہٕ ناو دٕیٖہہ کایہِ رنٛگہٕ رنٛگہٕ پوٗش
مشکہِ ادفر پۆزِ پۆزے سۆزتھ
پُزأرِس أ، اُتہٕ مأ کُے ہوٗش

(۱۰)

ترٛبن بوٗنَن منٛز زُو چھُکھ پانے
زُوٕ زأژن منٛز چونُے نوٗر
سِریہِ پرٛکاشس تیز چھُکھ پانَے
جایہِ جایہِ شولہٕ وُن کرٛشنہٕ کرپوٗر

☆☆☆

# پریم ناتھ پریٚم



ناو: پریم ناتھ پنڈتا

قلمی ناو: پریم ناتھ پریٚم

زاسنہٕ تہٕ دوہہ: 13/جون 1943ء

اصل سۆکوٗنت: راوچھ رفیع آباد سوپور فتح پورہ بارہ مولہٕ کشمیر

حال: دُرگا نگر، جۆم۔

تألیم: میٹرک

پیشہ: انسپکٹر جموں وکشمیر پولیس (رِٹائرڈ)

مطبوٗعات: (ا) پریم بکھتی ساگر (1999)

(۲) میٲنٛی سمرُن (2001)

(۳) مأنٛزِ گُلی (2006)

پتاہ: 329۔ بی، گلی نمبر 3، سکٹر 1، دُرگا نگر، جۆم۔

# وُنی کبن

رٗتُن من ڈنجہِ گرٛھ بیدار وُنی کبن
گرٛھی اِڈ زان وُچھِ ہن یار وُنی کبن
ژلی سورُے منگ مل پڑار وُنی کبن
رٗتُس دامانہِ تہٕ کر زارِ پار وُنی کبن
کرکھ ہے سُل سہ میلی لار وُنی کبن
مہٕ کر آلُرٛھ ژلی اندکار وُنی کبن
چھُ تختس پیٹھ بہتھ سرکار وُنی کبن
اگر رٹہٕ ہَن چھُ گنیت یار وُنی کبن
ژٕ بن شیتل تہٕ کر رٕتی کار وُنی کبن
گرٛھن تئیلہِ یلہِ سورٕگکی دار وُنی کبن
سرُن صاحب پِی درکار وُنی کبن
سہ تاپس منٛز بنی شیہجار وُنی کبن
پریم ! وٗنی دِس تہٕ ژھاڑن یار وُنی کبن
تیٚلے سوٗپٕن گرٛھی ساکار وُنی کبن



## ولو شیونا تھ میٛانے

کٔنٛتیو چھُکھ ژٕ گوسانے ولو شیوناتھ میٛانے
ژٕ یِکھنا سالہِ سانے ولو شیوناتھ میٛانے
بصوٗرت چھُکھ ژٕ گوسانٛی وسان جٹہِ مٔنز چھے پوٗنٛی
زائِلتھ چھُکھ ژٕ دوٗنٛی ولو شیوناتھ میٛانے
ژٕ چھُکھ نِرمل نِراکار بہٕ چھُس نادار تہٕ لاچار
کوٗرُس پاپوٚ گرِفتار ولو شیوناتھ میٛانے
سادن ہُنٛد ژٕ بوٚڈ ساد جایہِ جایہِ چھُسےَ دِوان ناد
ہِتم جل کرے فرٔیاد ولو شیوناتھ میٛانے
مےٚ گو لوکچار ژےٚ ژھاران ڈیڈِ چانہِ تل پژاران
اچھو رٔتی خوٗن ہاران ولو شیوناتھ میٛانے
بہٕ چونٛے وڑتھ درٕیو پوشن ژےٚ مالہِ کرٕیو
ژٕ یِکھ نتہٕ کاڈٕمریو ولو شیوناتھ میٛانے
بہٕ داس چھُس پریم چونٛے ژٕ چھُکھ بھگوان میٛونٛے
کاستم مےٚ زوٗنہِ گرٛونٛے ولو شیوناتھ میٛانے

## اے۔این۔در



ناو: پروفیسر اے۔این۔در

قلمی ناو: اے۔این۔در

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 2/مارچ 1929ء

اصلی سۆکۄنت: کنٹھ پرستان، صفا کدل، سرینگر۔

حال: 504، نیو پلاٹس، جوٚم۔ 05۔

تألیم: ایم۔اے، پی۔ایچ۔ڈی، پی۔جی ڈِپلوما اِنگلشس سٹیڈیز، پروفیشنسی سٹرفکیٹ اِن جرمن۔

پیشہ: سابقہ ہیڈ آف دِ ڈِپارٹمنٹ انگریزی کشمیر یونیورسٹی، سرینگر۔
سابقہ ڈائریکٹر ای۔ایل۔ٹی سینٹر کشمیر یونیورسٹی، سرینگر۔

مطبوعات: انگریزی:

1. Mysticism in Literature (1985).
2. Mysticism across Cultures (2002)

3. Bhagawan Gopi Nathji Birth Centenary Volume
Co-editor (2002).

کاشُر : درشُن (لیلا شاعری)

اوارڑ: ا۔ آشیش سٹرفکیٹ

۲۔ کلچرل اکادمی اوارڑ (2006)

۳۔ مومنٹو، سِکہٕ تہٕ سٹرفکیٹ (بھگوان گوپی ناتھ جی ٹرسٹ)

یمن چھِ ژِ نیشنل فیلو شِپ، یو جی سی اِمرٹس فیلوشِپ، سنیر فیلوشِپ تہٕ برٹش کونسل وِزٹرشپ تہٕ عطا کرنہٕ آمژ۔

پتاہ: 504، نیو پلاٹس، جوم۔

## ماجہٕ ہٕنز کل

موکھ ہووُنم مبے یِژکائلی موکھتہٕ ہار وُچھمس مبے نائلی
پۆزِ اَنِمَس پوشہِ ڈائلی موکھتہٕ ہار وُچھمس مبے نائلی

ترٛاٚوِن مبے کُن نظراہ ژیوُنم مبے کیٛاہ چھُ پزراہ
پزرٕچ چھبے نا سو مشائلی موکھتہٕ ہار وُچھمس مبے نائلی

ما گھژِ اوٚ کدو از چھُنا بڑ وَنٹھ کنہِ گوم نژُنا
شنکر تہٕ آمُت سائلی موکھتہٕ ہار وُچھمس مبے نائلی

نۆیشچے سَپُد مبے سۆہم یێلی ژێوُنم مبے اوٚم
مس چوونس کلہٕ وائلی موکھتہٕ ہار وُچھمس مبے نائلی

گنیمژ مبے تیژ کل پھولان چھُم ہژ دیہ کمل
ووما وُچھہان بائلی بائلی موکھتہٕ ہار وُچھمس مبے نائلی

درشُن دِوان مأج روز أندری وُزان چھُم سوز
ژھانڈان چھُستھ پژتھ کائلی موکھتہٕ ہار وُچھمس مبے نائلی

ماجہِ ہُنُد مہما مہان ریٚش آیہِ تُسی پوٚزان
سوے پوٚز کر میٲنی مائلی موکھتہٕ ہار وُچھمس مبے نائلی



# حکیم پریم ناتھ مستانہٕ

ناو: حکیم پریم ناتھ کول

قلمی ناو: مستانہٕ

زاسنہٕ: مارچ 1919ءٔ

دیٚہہ تیاگ: 15 رفروری 1995ءٔ

اصلی سوٚکوٗنت: پیٹھ کانہامہ، بیروہ، بڈگام، کشمیر۔

حال: 458، وِنا یک نگر، سیکٹر II، مُٹھی جوٚم۔

تألیم: بی۔اے۔ ایم۔ ایس

پیشہٕ: حِکمت، آر۔ایم۔پی (آیورویدک)، جامیہٕ طبیہٕ کالج دہلی۔

مطبوعات: کاشُر: ا۔لولہٕ ناگ (نظمہٕ تہٕ غزلہٕ 1981)

۲۔لولہٕ مال (واکھہٕ سومبرن 1982)

۳۔شِون (واکھہٕ سومبرن 1984)

اوارڈ: ریڈیو کشمیر سرینگر کہٕ طرفہٕ اکھ میرٹ سٹوفکیٹ۔

یِہُند وا راہ کلامہٕ چھُ وُنہٕ چھاپ سَپدنے۔ یتھ منٛز بھجن،

لیلایہٕ تہٕ واکھ شأمِل چھِہ۔ یہٕ سوٗرے کلامہٕ چھُہ یہنٛدِس فرزند چانٛد کرٛشن کول صأبس نِش پرٕژھرِتھ۔

پتاہ: چانٛد کرٛشن کول، 458، وِنا یک نگر، سیکٹر II، مُٹھی، جۆم۔

## واکھ

(١)

آژار وانٛک سودا کر با
وبڑار أنٛی تھےٕ لبکھ پیٔ
سمہٕ ژار گأرِتھ سٕندرس تر با
وبستار ٕستمبن لبہٕ ہن دَے

(٢)

أنٛی کھلِہ یُس پکِہ اڑ وتہٕ سُے ژھوکہِ
منٛزِلا تس پیٚیہِ کرٛوٗٹھ
کوتاہ تھوِ ڈکھِ شنہٕ سُہ ہوکھِ
از لۓ تس گرٛژھِ بیٛوٗٹھ

(۳)

یاوٗن آسان گرٛزٕوٗن آرے
وہرأٹھ منٛز چھےٚ ماران ژھوہ
دٕو دو کران چھےٚ دوہ تارَے
لرِ چھِس ساوان ہرٕدنی دوہ

(۴)

کوٕ چھُکھ کھۄتمُت ہوڈل گُرِس
ٹۆٹری وتھ تے پھُٹری بنٛد
پتہٕ نا پوشکھ اِدٕ تتھ کھرِس
چارُس لاکم تہٕ چھانٛس دنٛد

(۵)

مرنس یُس ڈرِ سُہ ہا مرِ گرِ گرِ
نتہٕ گو مرُن ترٛاوُن کرٛوٗژھ
زِنٛدٕ زان سُے گو دیہِ ناو یُس سورِ
یُس ونہِ پانس بہٕ چھس پۆژھ



# کُمار اشوک صراف گھایلؔ



ناو: کُمار اشوک صراف

قلمی ناو: گھایلؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہہ: 11/اکتوبر 1961ء

اصلی سۆکوٗنت: حبہٕ کدل، سرینگر، کشمیر۔

حال: کرن باغ لور گاڑی گڈھ آر۔ایس پورہ روڈ، جۆم۔

تالیم: گریجویٹھ۔

پیشہ: بزنس منیجر پرائیوٹ کمپنی، دہلی۔

مطبوعات: یہُند کلام چھُ کأشرٕ رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھپان تہٕ وُنہِ چھکھ نہٕ کانٛہہ شارٕ سومبرن چھپاوِمژ۔

پتاہ: مکان نمبر 10 اے، مُنیر کا گاوٗں، نئی دہلی۔67۔

# غزل

کُنی ووٚتھ تُلِتھ ژٕج فراغتھ وَنو کیٛاہ
بوچھے دٕز تہٕ دانس تیوٚنگل کیٛتھ رَنو کیٛاہ

گُنِے درٕ بُنِلی دِیُت سبز پیٚو نٔنِس مَنٛز
پھرِتھ کاکدن پھیُر ذہانتھ ژھٹو کیٛاہ

ریٚشو تے فقیٖرو یہٕ کیٛنٛہہ اوس سومبرُ مُت
تہٕ سورُے سپُد رَے یہٕ رٕکرِ ژھ ترٛٹھ وَنو کیٛاہ

قبیٖلن، دربن، بٲے بارنبن وُژیمٕژ
پھرِتھ سادگی پھیرِ وَر ہیٚوٚ وَنو کیٛاہ

چھُ پوٚز گر ترَقی تہٕ قدٕ کھٔتی سبٹھاہ تھوٚد
ٹیٚچھر عقلہٕ ژھیچر ہُریوٚو رٕکتھٕ وَنو کیٛاہ

ژٕ ون گھاٗیلاہ کانٛہہ ووپایا کتھا کر
وٕژتھ چشمہٕ اَسس کُلُف دِتھ لبَو کیٛاہ

# منوج جد



ناو: منوج کُمار

قلمی ناو: منوج جد

زاسنہٕ تہٕ دوہہ: 19/اپریل 1966ء

اصلی سۆکوٗنت: ناژُک محلّہ، اننت ناگ، کشمیر۔

حال: سنتوش کاٹیج، لالے داباغ، مُٹھی، جۆم

تالیٖم: ایم۔اے (ہسٹری)، بی ایڈ۔

پیشہ: لیکچرر محکمہ تالیٖمس منٛز۔

مطبوعات: مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھُ یِہُنٛد کلام چھاپ سَپدان۔ یِم چھِ سماجی کامن ستۍ زیادٕ واٹھ تھوان۔ تِمہِ کِنۍ چھِ یِم سوشل ورکر تہٕ مانٛنہٕ یِوان۔

اوارڈ: پنڈت پریم ناتھ شاستری ایوارڈ (2000)۔

پتاہ: سنتوش کاٹیج، لالے داباغ، مُٹھی، جۆم۔

# کل

سوٗنتہٕ واوِچ اکھ ژھٹھا بیٚیہٕ چھاوِ ہا
بونہِ شیٚہجارس ڈوٗکھا بیٚیہٕ ترٛاوِ ہا

شانہِ دزٕمژ تاپہٕ ءسٹبن چھُس بےٚ حال
ویرٕ ناگکہِ آبہٕ از تن ناوِ ہا

چھُس بہٕ پوٗشرٕ حاٗل چھم پوشن اندر
بیٚیہٕ بہٕ باغس منٛز قدم ووٗنی ترٛاوِ ہا

ماٗج یَس راوان شُرِس تس کتہِ قرار
حال پنٕہ نٕے چھُم طماہ تس باوِ ہا

بیٚتہِ نساٗ چھُم تٕژ مبے دادٕن ہُند حکیٖم
گرشہِ تہٕ داٗدِس اکھ نظر تتہِ دیاوِ ہا



# میٚون وطن

ییٚتہِ لَلّی شۆری ہۭندی واکھ گرٛزان ییٚتہِ بٔکھتی ہاو پرمانندن
سُہ چھُ میٚون وطن سُہ چھُ میٚون وطن
ییٚتہِ امرٛیشر ترٛٲوِتھ آسن ییٚتہِ ٹُل مُل، منٛز گام، کھنہِ برنبن
سُہ چھُ میٚون وطن سُہ چھُ میٚون وطن

ییٚتہِ زٕنم چھُ ہیوٚتمُت وبدوانَو کشپ ریٚشی نبو سنتانَو
ییٚتہِ ہیٖرٕژ، نورؠہہ، رامہِ نوم پٔژھ گرٛز لیلاین ہُند طرفاتن
سُہ چھُ میٚون وطن سُہ چھُ میٚون وطن

ییٚتہِ رنگہِ رنگہِ باغن پوش بٔرِتھ ییٚتہِ کوٚہن تہٕ بالن چوٗنہِ جٔرِتھ
ییتھ جایہِ چھِ لیٚکھی ہتی لولہِ ترانے مہجوٗرن، نٲدِم صابن
سُہ چھُ میٚون وطن سُہ چھُ میٚون وطن

بیوٚن بیوٚن مُلکو پٔژھ آیہِ ترٕتھ ییٚتہِ زٕنگتکی عالم دڑلیہِ پٔرتھ
ییٚتہِ دِوری تہٕ کلش گوٲہی دِن کھنڈرات اکھ اکھ کتھ باون
سُہ چھُ میٚون وطن سُہ چھُ میٚون وطن

یێتہِ سورٕگچِھ حوٗرٕ چھِ ونہٕ ناون یێتہِ ذٔری یاو، آرٕ چھِ نغمہٕ گیوٗن
یێتہِ بُلبُل کوٗستوٗر بولہِ کرن یێتہِ بوٗمبُر دِون گتھ یمبرٕزلن
سُہ چھُ میٛون وطن سُہ چھُ میٛون وطن

کٔمی لہرٲوِتھ نیٛوٗ میٛون چمن کٔمی چھکرِتھ ژھُن لتہِ خوٗن وتن
رنگہٕ وٲر چھُ ٹلوٗبن تنبٛگلن پیٹھ لتہِ زژُر چھُ ژامُت پوٗشہِ ڈلن
کتہِ میٛون وطن؟ کتہِ میٛون وطن؟

أسی جنجالن مَنٛز ہلنہٕ آمتی ننہٕ وٲری تہٕ ننتھٕ نٔنی گرِ دژاامتی
أسی آسی شہنشاہ پننہِ گرے أسی لٲگِھ ہنگہٕ منگہٕ تاپہٕ ژنٛجن
اسہِ روو وطن! اسہِ روو وطن!

چھِنہٕ أسی نوزُک اسہِ مَنٛز تہٕ چھُ دم پوٚز جِگرس اندر وطنُک غم
لہراوَو بیٚیہِ پرچم بوٗنبن کوٗنٛسر ناگس مَنٛز ناوَو تن
سُہ چھُ میٛون وطن سُہ چھُ میٛون وطن

☆☆☆

# اومکار ناتھ ژرژنگوٗ



ناو: پژوفیسر اومکار ناتھ

قلمی ناو: اوم کار ژرژنگوٗ

اصل سوٗکوٗنت: ملہٕ یار، حبہٕ کدل، سرینگر، کشمیر۔

حال: پٹولی، جانی پورٕ، جموٗم۔

تألیم: ایم۔اے، بی۔ایڈ

پیشہِ: رِٹایریڈ پژوفیسر

مطبوٗعات: (ا) دس کوِتائیں (1960)

(۲) پنچستوی۔ (ترجمہٕ۔ پائنژھ جِلد)

(سوٗندریہ لہری (ترجمہٕ۔ 2006)

یَم چھِ شیواِزمس پیٹھ تہِ دس رس تھوان۔ تنقیدی جائزٕ تہٕ مضموٗن تہِ چھِ لیکھان۔

پتاہ: 59۔اے-1، پٹولی، جموٗم۔ 180007۔

## تہٕ ہَن تہٕ چھُ بنہٕ وُن

چھوکہٕ لد دِلہٕ نٔے ییٚلہٕ چھوکھ بیٚیہٕ لگہٕ
ژھوکہٕ ما ٹیُٹھ گرٛزِ یُتھ پھیرِ عالم
تہٕ ہَن تہٕ چھُ بنہٕ وُن



حق دار ییٚلہٕ دِیہٕ حقہٕ پنہٕ نٕچ کرٛکھ
ہتھی یور جأبر زرِ ما حقس برٛونٛہہ کنہٕ درِما
برٛانڈٕ گٔنی لتس ہلہٕ چھلہٕ چھلہٕ وٕسی پیٚیہٕ
تہٕ ہَن تہٕ چھُ بنہٕ وُن



ترٛیشہٕ گُل یَس ماجہٕ آتشہٕ گولہٕ پوٕو
یوٚد سوے اتھٕ ٹُلہٕ کرٛت منگہٕ
استان دشہٕ نٔے تھرٕ تھرٕ یرٛشہ لگہٕ
زانہٕ دَے کُس زَرِ ہاہاکار ووتھٕ
تہٕ ہَن تہٕ چھُ بنہٕ وُن



ییٚلہٕ کانٛہہ أرِنہٕ مال ژھنہٕ گائمتِس لتس

آدن یارس ژھانٛڈِ وبداکھ دِیہِ
نب وسہِ قہرُک نار ہبتھ
آہ لتس ڈٕکہِ بجہِ ہُنٛد بۆڈ چاہ کرِ
تہِ ہَن تہِ چھُ بنہٕ وُن



کُس پھۆر اتہِ چ میٛژ، شیٖچارس
کُس پھۆر اتہِ ہمسایہِ وبوہارس
کُمۍ دِیُت ژھبن اتہِ کِس بآے چارس
شُرٕبن شورٕ بۆرُکھ لوکہٕ چارس
لنہِ گٹہِ پٕٹ زن از چھکھ أچھِنےٚ
اکہِ دوہہِ بیٚیہِ ووتھِ سُے رِنٛد اِماماہ
نَنگہٕ کرٕبکھ مَنٛز لُکہٕ ارساتس
تہِ ہَن تہِ چھُ بنہٕ وُن



کتہِ تام زاو ژٕوٕر ہیرٕ مَنٛز تھُپلا
چھٕکرآوِن سآنٛ موچھِ پھۆل تہٕ خار
پرٛژھ ماجن چیرٕ گنٛڈ چھُے لوٚنٛچن
بڈِ ڈلہٕ ڈکھِ چھُے بۆڈ ڈکھِ راو

بےٚ غنٛوسلے آیہِ ژلیہِ منٛشیدن

ژھٹِہٕ راؤکھ ژھیٚپہِ ژۄرِ شرٛوٗژ جاے

کتھ نادِس پٔٹھ کتھ ناوس پٔٹھ

چانٛدٕ مأرِ لأجکھ تہٕ ژٕٹکھ نمباز

آتش اَسہِ گاچھ بیٚیہِ وزِ گنٹا

کأٹھی درواز گرٛژھِ بیٚیہِ نادا

مخدوٗم صأبس کرَو فرٗیادا

گوٚرٕ دوارس منٛز گرٛژھِ اِرشاد

جو بولے سونہال۔ ست سری اکال

تہٕ ہَن تہٕ چھُ بنہٕ وُن



ووٚتھ ہوٚل گنٛڈ بیٚیہِ، بیٚیہِ بن شری بٹ

کشپ تہٕ ابھنوی بود وولساوُن

یوٚد کانٛہہ بہہ بٹ بیٚیہِ گُنہِ باسی

ترٛپرٛلیہِ بیٚیہِ منٛگ آشرِ واد

شانٛت روز شانٛتی ستی شوٚمراو

أکی سے رزِ منٛز بیٚیہِ پأراوُن

چھانٛگرِ گوٗمت ییہِ ریٚش پرِوار

اتھٕ واس ءستی زینوٗ سہٕواس

دُرگا دورگتھ کاسہِ تہٕ أتھۍ پیٹھ

وزڈ تھَو وِشواس، بس تھَو وِشواس

تہِ ہَن تہِ چھُ بنہٕ وُن



ییٚلہِ ماجہِ پوٚتھرِ ے بُتھۍ پھِرۍ نیرن

خوٗنس زاگن، ریٚہہ ءسٔز ریٚہہ ووتھِ

کرٛکھ مجبوٗرٕ ئی، سُمرن نوٗ پھِرِ

نوِ نوٗ لےٚ ییہِ ناأدِم نظمن

رأہی راہ ہاوِ وتہِ ڈٔلیءمتۍ نےٚ

وۄتھ گرٛزِ زن لگہِ کھولو مہا سٔدرس

چھوکہٕ ناوِ راکھِسن

شرٛوٗزِ پانہِ، سوشتہِ وانہِ وتہِ پوٚد پوٚد چھلہِ

آلتھ بیٚیہِ کڈِ

برٛہمن ویدن وکھنان اژن پرٛ باتن دیوی دارن

اوٗ مکار ناد گرٛشھِ

تہِ ہَن تہِ چھُ بنہٕ وُن



# شریمتی موہنی کول



ناو: موہنی کول

قلمی ناو: موہنی کول

زاسنہٕ: جولائی 1941ہٕ

اصلی سوٚکوٗنت: کنٹھ پرستان، صفا کدل، سرینگر۔

حال: 504، نیو پلاٹس، جوٚم۔

تاٗلیم: بھوشن۔

پیشہ: گرٛہست پالنا۔

مطبوعات: کاشُر: شہُل نار (لیلا شاعری)۔

یِہُنٛد کلام چھُ مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھپان۔

پتاہ: 504، نیو پلاٹس، جوٚم۔05۔

## گوٗرٕ وَنٛدنا

ستہٕ گور گو مےَ شبدا وٗنۍ تھےٚ   سُے مےٚ منے کھٔنۍ تھےٚ گوم
یِی تٔمۍ وۄنتم تی گوم بٔنۍ تھےٚ   سُے مےٚ منے کھٔنۍ تھےٚ گوم
دۄ پنم گورٕ مالٕی روزٕ بی خاموش   پھولنےَ لولہٕ باغس ژبے پوش
سونس تہٕ موکھتس کرکھ گونے   سُے مےٚ منے کھٔنۍ تھےٚ گوم
فرشے پیٹھےَ عرشس کھاَرنس   ژوٗنۍ طرفن پھیرناوُنس
ٹوٗٹھان تیٚلہِ گور ییٚلہِ لول گنے   سُے مےٚ منے کھٔنۍ تھےٚ گوم
أنٛدری روٗٹُھم مےٚ من تےَ پڑان   ژیۄنُم پانےَ کُستاۄ تھان
مس مےٚ پھیۄرُم زن ہنہِ ہنے   سُے مےٚ منے کھٔنۍ تھےٚ گوم
ژھوپہٕ کر پانو ینہٕ ژٕے تمبلکھ   پانہِ مَنٛز پڑزلان نار ڈیٚنٛشکھ
نالہٕ ژٕے رٹہٕ ہن کرٕہس مونے   سُے مےٚ منے کھٔنۍ تھےٚ گوم
گورٕ مول ینہٕ نُے وُچھتہٕ ڈٕے گوم   دوہ کھوتہٕ دوہہٕ سُے میٚۓ ٹوٗٹھیوم
تہٕنٛدِس خویس کُس اکھ ینہٕ سنے   سُے مےٚ منے کھٔنۍ تھےٚ گوم
لگہٕ ہاَس ژھالن تہٕ تِمن ڈالن   مول بولالن کرٕ ناوُنس
تس ہیۄ لال چھا یِوان ونے   سُے مےٚ منے کھٔنۍ تھےٚ گوم

# سنتوش شاہ نادآن



ناو: سنتوش شاہ

قلمی ناو: نادآن

زاہ دوہ تہٕ سنہٕ: 24 ر اکتوبر 1946ء

اصل سۆکوٗنت: انت ناگ، کشمیر۔

وأرِو: انت ناگ، کشمیر۔

حال: تالاب تِلو جۆم۔

تالیم: ایم۔اے، بی۔ایڈ

پیشہ: لکچرر، محکمہٕ تالیم

مطبوٗعات: پوشہِ گوٗنڈ (شارٕ سۆمبرن۔ 2005)

یہٕ چھےٚ گیوٗن تہٕ زانان۔ أمۍ ہنٛدۍ واریاہ کیسٹ چھِ بازرس منٛزٕ یم سبٕٹھاہ مقبوٗل چھِ گأمتۍ۔

پتاہ: محلہٕ گُجرال، گلی نمبر 1، کیمپ روڈ، تالاب تِلو، جۆم۔

# وٕژُن

مَنٛزٕ تلوار رٕکتھٕ پاٹھی ترٕ لولو دِل چھُم کران گرٛژہِ ہا گرٕ لولو

گرٕ بار پیٛوم ترٛاوُن نمتھس مَنٛز شرٛ وُژ جاے میانٛی أسس جنتس مَنٛز

نر کنہٕ نارٕ دزَم بیٛتہٕ لرٕ لولو دِل چھُم کران گرٛژہِ ہا گرٕ لولو

ژرِ کنٛڈی تھرٕ ہنٛزٕ ے چھےٚ ءکرٛ آش دَ ے بۆزِن کانٛسہِ مہٕ گرٛژھن اٚلی ناش

شُری بأژ ہتھ پھیران گرٕ گرٕ لولو دِل چھُم کران گرٛژہِ ہا گرٕ لولو

لر ترٛ آوِتھ شونگہٕ ہا تتھ کُٹھی سے مَنٛز دِمہٕ ڈُلگنی اکہٕ لٹہٕ وٕڈٕ سے مَنٛز

پژاران چھس اژنس برٕ لولو دِل چھُم کران گرٛژہِ ہا گرٕ لولو

پرٕ گگر چھِی گرٕکبن ہکہٕ ناوان بُتھی پھیرُ وق رازن بیٛچھِ ناوان

چھوکھ کھیٛی کھیٛی گاٹتی وسِہ لولو دِل چھُم کران گرٛژہِ ہا گرٕ لولو

تتہِ خۆنہٕ ستی شۆرمُت اوس پٔنُن اول سو وراثت وُچھنک گومُت ہول

ءکتی گٔلی بیٛتہٕ امہٕ کے شرٕ لولو دِل چھُم کران گرٛژہِ ہا گرٕ لولو

کینٛہہ تہٕ پرواے بیٛیہٕ بلن دِلہٕ کی داغ اکھأ کی سے وُچھتھ پھیرِ بیٛیہٕ پژون راگ

بیٛلہِ سمتھ أسی کرَو مشورٕ لولو دِل چھُم کران گرٛژہِ ہا گرٕ لولو

ژرُشہِ سۆمبرِتھ شیرٕ ہا بیٛیہٕ پٔنٛزٕ پآر مادرِ وطنس کرٕ ہا پژأنی پاٹھی سآر

نادان بہٕ کران چھورٕ چھورٕ لولو دِل چھُم کران گرٛژہِ ہا گرٕ لولو

# لیلا

اگر ژٕ لوٗگمت دٕکن ژووپآری
ژٕ ماجہِ پُترٕاو تمٕس شرن گژھ

سۄہر روٗپۍ سو مآج آسۄنۍ
بٔکھتمن چھہِ رۄچھہِ وِنۍ پآپین گالوِنۍ
سۄس کھٔسِتھ یوسہٕ نژان چھہِ آکاش
تمٕس ژٕ پتہٕ لار تمِس شرن گژھ

شرن گژھن چھے زِندے مرُن چھے
ونن تہٕ کوہن پانۍ ترُن چھے
کوے ژئے نارے مہُل رٹُن چھے
کری سو شٕیجار تمِس گژھ

گبوان گبوان گژھ ہوان تُسند ناو
مہٕ کھوژ اوٗ برس کری ژئے کیا واو

ستچہِ لنجے پپٹھ تسُنڈ چھُ ٹھہراو
پڑٖژِھتھ ژٖ کاٗنسے تمِٔس شرن گڑھ

گورس پڑٖژَھتھے سرس ژٖ روزکھ
سوکھ دوکھ مُشرِتھ عرضی سوزکھ
وأنجہِ مَنڑ ناو تسُنڈ کھُن چھُے
بُٔنتھ ژٖ نادانٓ تمِٔس شرن گڑھ



# دوارکا ناتھ بےبٔس سوپوری



ناو: پنڈت دوارکا ناتھ

قلمی ناو: بےبٔس سوپوری

زاسنہٕ: 1928ء

سورگہٕ واس سنہٕ: 2005ء

اصلی سوٗکوٗنت: بٹہٕ پوٗرہ، سوپوٗر، کشمیر۔

تالیم: بی۔اے، بی۔پی۔ایڈ

پیشہٕ: فِزیکل ڈائریکٹر محکمہ تالیم، رِٹایرمنٹ 1979ء

مطبوعات: ا۔ شِو مہمنا پارستوترم (1996)

ہندی تہٕ کاشُر منظوٗم ترجمہٕ

۲۔ وٕلُر گرٕزان (بھکتی شاعری 2006)

یِہُنٛد واراہ کلامہٕ چھُ وُنہِ چھاپ سَپدُنے۔ یِہُنٛد مشہوٗر بھجن ''بھوسرِ کُس ترِ'' چھُ وجیشور پنچانگس منٛز پرٛتھ ؤری یہِ چھپان۔

پتاہ: 813/B، مِگ فلیٹس، ایسٹ آف لونی، شاہدرہ، دہلی۔

## ہا اِنسانو

شوٗبہِ دار زایِوکھ ٹاٹھِ اِنسانو داغدار کوٚرتھن دامانو
مالۍ سُند اوسُکھ لولہِ پروانو داغدار کوٚرتھن دامانو

عقلہِ ہِٕنٛز اوسُکھ نوٗرِ نوٗرانو شکلہِ ہِٕنٛز وژایِوکھ دُر دانو
کرٛیہِ ہِٕنٛز وژاکھو موٗلہِ حیوانو داغدار کوٚرتھن دامانو

لوٗلُک گاش اوسُے پھاٗلاوُن اَمۍ مشعل پھِرِناوٕنۍ
دِیہِ ہِٕنٛز شرٛاکے پُشرُتھ پانو داغدار کوٚرتھن دامانو

بھایِن ہِٕنٛزن لول باگراوُن چھاوُن اوسُے مایہ محبت
افسوٗس حسدُک روٗٹُتھ دامانو داغدار کوٚرتھن دامانو

زگہِ ہُنٛد دوکھ دود اوسُے زانُن مانُن اوسُے باَے بنٛدُت
تلوار ظُلمچ تجِتھ اتھ انو داغدار کوٚرتھن دامانو

شؤبہِ وُن لؤبہِ وُن ٹوٹھ لولہِ چمن    رنگہِ رنگہِ پوشو اوس شولان
لؤرِ پار کوڑتھس پانہِ اِنسانو    داغدار کوڑتھن دامانو

کشپ مرِچے اتھ پوشہِ وارے    ریٔشی یو تہ صؤفیو سگ بوڑ رہَس
شورِ ءستی بنووتھس قبرِستانو    داغدار کوڑتھن دامانو

کتہِ کتہِ زالیوکھ اَے اِنسانو    ماجہِ للہِ نوؤکھ کھونہِ ژِے
احسان فراموش وژاکھ نادانو    داغدار کوڑتھن دامانو

لول چھٔم وٹنگ منہِ ہول گومُت    بَر تتہِ بنٛد کری ہسم پپنہِ نوِ
ظاٲلم بے رحم تتہِ ڈیڈی وانو    داغدار کوڑتھن دامانو

ژھننہِ أسی گاٹمتی بیٛہِ اَسہِ رلہِ نُے    بنہِ نُے اکھ أکی سُنٛد ژُکی دار
بے بٔس پڑھ چھم آشا وانو    داغدار کوڑتھن دامانو



# ڑگرجا کول

اصل ناو تہٕ قلمی ناو : ڑگرجا کول

زاسنہٕ تہٕ دوہ : 20 / اگست 1951ء

زینہٕ جاے: انت ناگ، کشیر۔

وآرِو: ویٚجہِ بیٖور، انت ناگ۔

تالیٖم: ایم۔اے، بی ایڈ۔

پیشہِ: ماسٹر محکمہٕ تالیٖم۔

مطبوٗعات: (ا) گوٗرنٛ دِکھشا (بکھتی شارٕ سوٗمبرن)

(۲) تُلسی تپسیا (بکھتی شارٕ سوٗمبرن)

پتاہ: 2/A، ترٛکوٗٹا نگر، ایکس ٹنبشن، جوٚم۔

# غاٗرس سپر موٗ وَن

پوٗش پھٕکھ پوٗش موٗ بن غاٗرس سپر موٗ وَن
کوٗسنگہِ نِش روز لوٗب متہٕ ٹُلتہٕ گوٗبہِ کھوتہٕ گوٗب
لُکہٕ نیاین موٗ سن غاٗرس سپر موٗ وَن
کرٛؤدِچ کانگرٕ مہٕ پتھ تگہِ ییٚ دیہِ ناو زپھ
رام رام وأنجہِ کھن غاٗرس سپر موٗ وَن
سرپھ پرٛکرتھ ژٕے ترٛاو امرتھ داماہ ژٕ چاو
دِل پھُٹمُت چھُ درپن غاٗرس سپر موٗ وَن
ساد سنتٕ ژھارُکھ پھٕٹہٕمتی بوٗٹھ کھارُکھ
سارنس تھاو تہٕ ژٕکن غاٗرس سپر موٗ وَن
گوٗر پرٛتھوی تہٕ آکاش گوٗرٕ سرٛی یہِ تہٕ پرٛکاش
بھٚے کاسان زیوٗن غاٗرس سپر موٗ وَن
واسنایہِ کوٗت گوٗلُکھ کامنایہِ وتہِ ڈوٗلُکھ
کوٗکرمی کھوٗ مہٕ ژٕکھن غاٗرس سپر موٗ وَن
گرِجا بوزان ساز کاٗنٛسہِ نو ونان چھٚے راز
گوٗرٕ دپوٗس چھِہ ارپن غاٗرس سپر موٗ وَن

# تیج کرٛشن بٹ ساگر



ناو: تیج کرٛشن بٹ

قلمی ناو: ساگر

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 9/ جون 1956ء

اصلی سوٗکوٗنت: راوچھ، رفیع آباد، سوپور، کشمیر۔

حال: پُرکھو مائیگرنٹ کمپ، فیز III، دومانہٕ جوٚم

تالیم: بی۔اے

پیشہ: سرکاری مُلازِم۔

مطبوعات: یِہُند کلام چھُ وُنہِ کِتابی صورتس منٛز چھاپ سپدنے
مگر کیٛژن رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھُکھ کلام چھپان روزان۔

پتاہ: فیز III، پُرکھو مائیگرنٹ کیمپ، دومانہٕ، جوٚم۔

## وِلہٕ ژار

چِنتن کرَ ے بہٕ چاےٚنی کھبنہٕ کھبنہٕ یہٕ ناو سٔری سٔری
شیرن پٔژن بہٕ تقدیر چاےٚنی شوٗلوٗک پٔری پٔری

ووڈھ لولہٕ ساگرس دِتھ چوٗنےٚ سنہٕ مےٚ زوٗنم
زوٗنم مےٚ حال سوٗرے لولُک فسانہٕ پٔری پٔری

میےٚ تہٕ تُل قلم تہٕ لیوٗکھُم ہجرُک فسانہٕ چوٗنےٚ
میےٚ تہٕ خوٗنہٕ دِل رَلووٗم اَش دارِ میل گٔری گٔری

کلہٕ چانہٕ ولتہٕ نوٗوَس برَ تل بہٕ ژیےٚ وُچھکھنا
ظُلمت مےٚ شورِ غوغا ۂلو گٔلو اَچھرٔوٕں پٔری پٔری

زانان چھُکھ ژٕ پانےٚ کیاہ حالِ دِل چھُ میوٗنےٚ
اُفتادِ چھُس بہٕ پیوٗمُت وقتن اوٗنُس بہٕ ۂری ۂری

وونؠ چھےٚ ژٕ مێأنؠ دژے ژَٹھ تم پَرٕ یم چھِ حأیِل
روٗٹمت مہِ چوٗن دامن موٗنہِ پھٔلی تھوے ژٕ ٔجرؠ ٔجرؠ

چأنؠ چھےٚ ستھ مےٚ دردِل دولت یِہأے چھےٚ مێأنؠ
دَیہِ مێانہِ گژھتہٕ بوٗزِتھ اَشہِ چھِم مہِ ٹأرؠ ٔبرؠ ٔبرؠ

سنتاپہٕ تاپہٕ تژرَے وَس دٔز مےٚ وُچھتہٕ أندری
روٗدُس دَزان بہٕ أندری کوتاہ ہکہٕ بہٕ ٔزرؠ ٔزرؠ

تمنا چھُ ساگرس یِی وُچھ ہےَ ژٕ روے تابان
چھَم کیاہ خبر بےٚ خبرس ٔگرؠ ما گژھان چھِ ٔگرؠ ٔگرؠ



# رشنیک کھیر محسوٗس



ناو: رشنیک کھیر

قلمی ناو: محسوٗس

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 13 ستمبر 1972ء

اصلی سۆکوٚنت: قُطب الدین شاہ پورہ، عالی کدل، باغات کنی پورہ، بڈگام۔

تالیم: ایم۔بی۔اے

پیشہ: مارکیٹنگ مینجر۔

مطبوعات: یِم چھِ شاعری کران تہٕ یِہُند کلامہٕ چھُ مختلف رِسالن تہٕ جریدن منٛز چھپان۔ وُنہِ چھکھ نہٕ کانٛہہ شارٕ سومبرن چھپاوِمٕژ۔

# اَز

از چھُ تۆبرُک بیٚیہِ تہٕ کیاہتانٛ
از چھُ اۆبرُک روٗخ بدل
وِیرٕ تیٚہرن شوقہٕ بُلبُل
از چھُ ونہٕ وان نۆو غزل

از رٕنٛگا رنٛگ چھٕٹہٕ پوشِرُ
کوسمن زردی ہران
اکھ مُشھیُل ننہٕ وور شُر
بیٚیہٕ کھاہ بیرن پٔٹھ نشان

از کوہن روپہٕ شیٖن پِیوٗمُت
آرِ ول بیٚیہٕ از اسان
بونہِ وٕتھرن ریٚہہ رٕنٛگا تیٚتھ
دوٗنٛ جۄٚگس زن دزان

از صحرٕس ناگ وُزنۍ
سیکہِ پھولن پمپوشہِ ڈل

ملیہِ بۆمبرٕ نہٕ زال ژٔڈٕ تھے
سونٛتہٕ وٕیٚہہ ٹُلہِ یٚمبرزلن

از چھُ ہونٛزا میٛانہٕ دارے
لانہِ کتھٕ انہِ گٹہِ ونان
ژأری تھے سون، موکھتہٕ فٔلی بیٚیہٕ
موکھتہٕ مالا چھُم جران

از کولن دوٕدٕ ووٕنی جأری
آبشارن خاب بیٛون
از چھِ پٔژلان سنگ سأری
شفقتُک محراب نوٚن

از ووٕندس شیٚہجار پھیری
سرٕو سٔے دِن تارکن
یار میلن زوٗنہٕ گاشن
بونہِ ژھاین شانٛد پھن



# موہن لال رازدان



ناو: موہن لال رازدان

قلمی ناو: موہنؔ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 10/جولائی 1929ء

اصلی سۆکۆنت: ٹۆ سڑک، حبہٕ کدل، سرینگر۔

حال: تالاب تِلو، جۆم۔

تألیم: میٹرک۔

پیشہ: مُلازمت پولیس محکمہ (رِٹائرڈ)۔

مطبوعات: آرژر (کاشُر بکھتی شاعری)

یِہندی بھجن بیٚترِ چھِ رِسالن مَنز چھپان۔

پتاہ: 53/B، تیرتھ نگر، تالاب تِلو، جۆم۔

## وولہٕ مأج رسہٕ رسَے

پیوٚمُت چھُس بے کسَے
وولہٕ مأج رسہٕ رسَے

سمسار چھُ ناپایدار | بب مأج بأے بنٛد تہٕ یار
یِم تہٕ سأری دزاے نسَے | وولہٕ مأج رسہٕ رسَے

زولمُت کام کرٛۆدن | نال وۆلُم لۆب مۆہن
امہِ رسہٕ وبسر یوٚسَے | وولہٕ مأج رسہٕ رسَے

مہُہ سنٛبنٛد چھِ زورا وار | دوران تیز رفتار
رِکتھٕ ترٕ سٔدرسَے | وولہٕ مأج رسہٕ رسَے

دِتم امربتھ میٚ چۆنٛے | تژاو سمسار بیوٚنٛے
اوٚم شبدٕ دیان دارسَے | وولہٕ مأج رسہٕ رسَے

ناٹلی مال کھاٹلی کنۂ واٗلی    رنگۂ رنگۂ جامۂ زرکاٗری
دامنَس بۂ چیٚشمۂ جرسَے    وولۂ ماٗج رسۂ رسَے

موہنؔ چھُ لایان ناد    رٕٹتھ ہڑ دِ مَنٛز چاٗنی پاد
تھوٗس کن زارِ سَے    وولۂ ماٗج رسۂ رسَے

☆☆☆

# پی۔ایل۔سُدیشی



ناو: پیارے لال

قلمی ناو: سُدیشی

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 17 رمئی 1946ء

اصلی سۆکوٗنت: گوجہ محلّہ، اننت ناگ، کشمیر۔

حال: دُرگا نگر۔جۆم

تالیم: ایم۔اے، بی۔ایڈ، ڈِپلوما پنجابی، پوسٹ گریجویٹ ڈِپلوما اِن جرنل ازم

پیشہ: ووستاد محکمہ تالیم (رِٹایرڈ)۔مُصوَر ، ایکٹر، نیوز کاسٹر۔

سُدیشی صابن چھےٚ واریاہ ڈاکومینٹری لیچھ ہٕمژ۔یِمہٕ دوٗ دراشن جۆمہِ تہِ کٲشیرِ پٮ۪ٹھ ٹیلی کاسٹ کرنہٕ چھےٚ آمژ۔

بحیثیت مُصور چھےٚ سُدیشی سٕنزن پینٹنگن ہٕنز جۆمہِ تہٕ سرینگر نُمایِش کرنہٕ آمژ تہٕ کینٛہہ چھےٚ ایل۔کے اکادمی ممبیہ تہٕ۔

بحیثیت ڈرامہ نۆیس چھہِ سُدیشی صأبن واریاہ ڈرامہٕ لیکھیٚمتۍ۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ سُدیشی صأبن واریاہن ڈراماہَن تہٕ سیریلن مَنٛز مختلف کردار تہٕ ادا کٔرۍمتۍ۔

پتاہ: وِویک وِہار، دُرگا نگر۔ جۆم

## ژٔکرِ ویٚژہ

ژٔکرِ ویٚژہ کُس دولابس مَنٛز

ہٲنہٕ آمُت

کتہٕ موکلن پاے

نبرِ گاشرِ مُنارژھوکیٚمتۍ

أنٛدرٕ نارِ منقل وُہان

مگر توتہٕ أنٛد رِمہِ ڈلہٕ نیرِتھ نیبرٕ مس ڈلس سأل کران

یہِ کیُتھ نیاے؟

من پزرس وُرن کران

بود ژۆرِتھاوان

اہنٛکارناشس آلو دِوان

مٕنگ فاصلہٕ کنہِ پیٹھ رٕکھ

پرٕم آنٹھدک پٔزٹرنڈ

بوٚد مایا زالس منٛز مٕنگ نبر نۓ

اہنٛکار پوٚز کھٔمبر نہِ کھاران

نتےَ منٛس چھِس پٔز کاشکی جامہٕ

خام چھِس ژیٖن بل

تمی بوٚد بانٛدی ولنہِ بنٛد

امی چھس کرٕ یہنیارس تہِ سبزارٕ ے باسان

تھٔوِن منٛس دھرم راز

بوٚد دۄت

اتی نبٔس پوٚز تہٕ اپٔز

زِ جان گونیٖبر ے انٛدر راژٕن

نہَ زِ اٚنٛدرٕ نبر نیٖرٕن



## لیلا

ناشوان پۆش ما کاُنسہِ سمسار
بِوٗنۍ ژٕے ماتا جے جے کار
لیلا چھےٚ چاُنی اپرم پار
بِوٗنۍ ژٕے ماتا جے جے کار

کرَو کس فُری یاد کُس چھُ بوزان
ژٕے سِوا چھُنہٕ کانٛہہ ڈکھِ روزان
شاپھ آیہِ وۄتلِتھ گۆب گو بار
بِوٗنۍ ژٕے ماتا جے جے کار

غافِل پان چھکھ وُنۍ ناوان
مہُہ مایایہِ نِش موکلاوان
گژھان دۄر کام کرۄد بیٚیہِ اند کار
بِوٗنۍ ژٕے ماتا جے جے کار

چھی بُھکتۍ پۆزان باونایہِ سان
کاسِتھ سنکٹ زٕنٛگتس سان
از چھےٚ ماٗج اُٹھم رِژ چھےٚ وار
بِوٗنۍ ژٕے ماتا جے جے کار

سُدیٚتی پڑاران ڈیڈ چانہِ تل
وردلنہِ چانے بنہِ نرمل
المہِ چانہِ شۆبان کیاہ چھُ اۆمکار
بۆنےٚ ژےٚ ماتا جے جے کار



## لیلا

لولہِ پمپوش پھۆلی منہِ کِس سرٕ پے
ہری ہرپے چھےٚ سانہِ گرِ پۆز
ہر ہر بم بم منتھر پرٕ پے
شِو شنکرپے چھےٚ سانہِ گرِ پۆز
واسُک چھُس ہٹے گنٛگا چھُس جٹے
مٹے لَس چھی ترٛشوے لۆک
شواے نماہ اۆم بوسرِ ترٕ پے
نیلہِ کنٹھپے چھےٚ سانہِ گرِ پۆز
کھوورِی ووما چھُس پۆرن شکتی
بکھتی نِشٹھایہِ سانٛیس آدٕن

امراوٗتی شوٗب سٔتی سرٕہے
دِگمبر ہے چھےٚ سانہِ گرِ پوٗز

دہٕنس تہٕ کھینٛس تسنٛز چھےٚ آشا
باشا فِکرِ گٔس ترِ لتس رُس
ڈنٛڈوت پرٛنام زارٕ پارٕ کرٕہے
ترِٛنیتھرِ دأریس چھےٚ سانہِ گرِ پوٗز

آژارٕ وبژار نِشہِ روٗدُس غاٗفِل
ماٗفِل مےٚ اٗسم مہٕہ تہٕ انٛدکار
یُپ گوم سٔری پیٚٹھو مایایہِ گرٕہے
مہیشرہے چھےٚ سانہِ گرِ پوٗز

ونہِ کیٛاہ سُدیتی چھےٚ سبٹھاہ غأر زان
دوٗپ ، دہٕپ آلوان نِشٹھایہِ سان
ارگ پوش بٔل ہتھ پوٗزا کرٕہے
پرمیشرٕ ہے چھےٚ سانہِ گرِ پوٗز

☆☆☆

# ڈاکٹر روشن صراف روشہِ روشہِ



ناو: ڈاکٹر روشن صراف

قلمی ناو: روشہِ روشہِ

زاسنہٕ تہٕ دوہ: 26 اپریل 1947ء

اصلی سۆکوٗنت: سۆریہِ وِہار،

اپا ٹمنٹس ترٛکوٗٹا نگر جموں۔

تالیم: ایم۔بی۔بی۔ایس

پیشہٕ: سرکاری ڈاکٹر (رِٹایرڈ)

مطبوعات: (ا) گوٗرٕ پۆزا (بکھتی شاعری)

(۲) لولہٕ اۆش (شاعری)

یِم چھِ موسیقی تہِ زانان تہٕ گیوٗن تہِ۔

## اَتھن پھکھ یکُر مأرِتھ

کأنٛسی یُس تھاوِ پگہٕ ہُک سۆرِتھ

تس روزِ بٕرِتھ ہرُدُ تےٚ سوٚنٛتھ

گٹہِ مَنٛز پرٛاگاش یُس ہیٚکہٕ سۆمبرتھ

تس کتہٕ گژھِ ژھاین بڑوٚنٛت

ژھٹہِ رۄدس یُس ہیٚکہٕ تارٕ ترٕتھ

سُے گژھِ وُچھِتھ سٔدرس وونٛت

یُس رٕہِ، واوس روزِ ڈٔرِتھ

تس کٕیاہ کرِ ملہٕ گُلہِ موت

ہۆکھس أدرِس لیٚکھِتھ پٕرِتھ

سُے ہیٚکہِ دِتھ آبس ژھبن

گیانس صُبح شام مالہٕ گٔرِتھ

سُے گورس وُچھِ کھٕن کھٕن

یُس ہیٚکہِ زہر الماس نیٚنٛگلاوِتھ

سُے ہیٚکہِ پأوِتھ راکھبس پانٛژھ

یُس ہیٚکہِ ڈٔلِس تل نار شیٚہلاوِتھ

لتس کیٛاہ کھسہِ زِچھِ ہانٛژھ

مبے تہٕ میٛون گٔری گٔری زیٛنتھ تہٕ ہاٗرِتھ

پاٗرِتھ کتھ روزِ رونہِ زاٗنٛپان

اَتھن پھکھ یکُر ماٗرِتھ

ؤہرِتھ کتھ کٔیت دستر خان

ساٗرٕے واٗنٛس گٔرِتھ تہٕ ژٔرِتھ

توتہِ پیٛوس ۂرِتھ زَزُر پن

نشور پانس چوٗنہِ جٔرِتھ

توتہِ رٕوز چھٔرٕے چھٔر تن

شِوٕے بنٛیوس شِو وبٕژاٗرِتھ

تاٗرِتھ ہرژنہِ بٔرِس رَز

شمشانہٕ بلہٕ کھورٕ شورٕ ساٗوِتھ

زاٗلِتھ تھوٗوم روشہِ روشہِ کرٛژ



# راجندر آغوشؔ



ناو: راجندر تِکو

قلمی ناو: آغوشؔ

ولدِیت: شری من موہن ناتھ تِکو

زاسنہٕ: مگھر پورنما 1961ء 31 دسمبر

اصلی سۆکوٗنت: آرٕ گام، بانڈی پور۔

حال: بٹل بالیاں، مئگرنٹس کیمپ

Qrt.No. 418، اُدھمپور۔

تألیم: 10+2

پیشہ: ڈِپلوما وِیوِنگ اینڈ ڈیزائنگ۔

پتاہ: بٹل بالیاں، مئگرنٹس کیمپ،

Qrt.No. 418، اُدھمپور۔

## غزل

بہٕ چھُس قطرٕ ڈٔریاو میانہٕ ستۍ

سۆ درُک سنہٕ وتہٕ آو میانہٕ ستۍ

عٔشقہٕ باغس گُل پھولان رنگدار
پژتھ بہارس چھُ چاو میٲنہٕ عشقٕ

کٔری چاکھ جامہٕ گلو فِضا مُشکیاو
دیوانہٕ بُلبُل باغس ژاو میٲنہٕ عشقٕ

بیاباں واوِ تے وأناکھ انہٕ گٹہٕ
تابہٕ وُن شمع نوٚن دژاو میٲنہٕ عشقٕ

بٔستھ جِگرس اندر چھُم رٔژتھ جاے
سُہ پانٕۍ نار تےٚ واو میٲنہٕ عشقٕ

مہَ راور ظوٚن دوہس راتس پٕژن
سأری ہےٚ بازرس چھُ باو میٲنہٕ عشقٕ

کرٕ ڈٕٹھ وٕترُن چھُ لولہٕ نار آغوش
رٕیٚہہ نہٕ ڈِہہ مگر تاو میٲنہٕ عشقٕ



# کنٛول پنٛڈِت



ناو: کنٛول پنٛڈِت

قلمی ناو: کنٛول پنٛڈِت

زاسنہٕ: 1رایریل 1974ہٕ

ولدیت: سورگیہ شرٛی جانکی ناتھ پنٛڈِت

اصلی سوٚکوٚنت: واگوره (چاڈوره) ضلع بڈگام۔

حال: کواٹر نمبر 275، مُٹھی کیمپ فیز ا،

جموں ڈاکخانہٕ، روٗپ نگر۔

تألیم: ا۔ بی۔ ایس۔ سی کشمیر یونیورسٹی۔

۲۔ بی۔ اے پراچین کلا کیندرا، چنڈی گڑھ۔

۳۔ گریجویٹ شِپ انسٹوٗچوٗت آف فائر انجینئرس،

نئی دہلی۔

پیشہ: سرکاری مُلازِم۔

شأیری علاوٕ ڈرامأہن تہٕ سیریلن منٛز ایکٹنگ تہٕ بِسیار سٹیج تہٕ تُمدنی پروگرامن منٛز شرکتھ کرٕمٕژ۔ مأنٛزِ راتھ تہٕ خواب فِلمن منٛز تہٕ چھن کأم کرٕمٕژ۔

پتاہ: مُٹھی کیمپ فیز ا، ڈاکخانہٕ روٗپ نگر، جموٗم۔

# طنزِیہ کلام

وارِ بوز یارٕ تھاو کن  پیٚیہِ کرٕنی مایگرٛیشن
بےٚ قصوٗر سپدِی بے وطن  پیٚیہِ کرٕنی مایگرٛیشن

کم کم سِتم ژالان  بُڈٕ، بُچہِ، شُری تہٕ جوان
لاٗ گِکھ سیٚکہِ شاٹھن  پیٚیہِ کرٕنی مایگرٛیشن

کم کم لیڈر آے  کاٗنسہِ کوٚرنہٕ سوئُے پاے
پڑتھ کاٗنسہِ ٹٲل ٹینشن  پیٚیہِ کرٕنی مایگرٛیشن

اکہِ انٛدٕ جالیہِ تاوَن  بیٚیہِ انٛدٕ آبہٕ کامن
پیٹھہٕ ٹٲل توس گرمن  پیٚیہِ کرٕنی مایگرٛیشن

کمپن منٛز آے ہنہٕ  بے کارَن گیہِ بنہٕ
سہَل کوٚر پنٕنی ہمتن  پیٚیہِ کرٕنی مایگرٛیشن

یِی تن کانٛہہ تہٕ طۄفان    أسی چھِنہٕ وۄنی کھوژان
أسی بنیہِ نارٕ دزاو سون    پیٚیہٕ کرٕنی مایگرٛیشن

پۆز وُنن چھے دُشوار    تو تہٕ تھاو یاد یَم شار
لیکھِتھ تھاوی پیٚشتن    پیٚیہٕ کرٕنی مایگرٛیشن



# یہِ سۆنٛبرن

☯……سمپرٛتی تحریکہِ ہندی یم دٕہ وٗری چھِ کاشرِ جلاوطنی ہندِس ادبس منٛز سبٹھاہ اہم……ژھیٚنتھ پھٹِتھ دوہ دِش زندگی ہند بن آوٕلنین منٛز گیر آسنہٕ باوجوٗد رۆٗد اُدیپ ادبس پوچھر دِوان……ادب رۆٗد تخلیق گژھان۔ بِسیار ادب۔ یۆت زِ صاحبِ نظر ووٗن زِ جلاوطن کاشر بو اُدیبو کۆر وادی منٛز اُدیبن ہنٛزِ نسبتہٕ ژۆر ادب تخلیق۔ امہِ کتھِ ہنٛز تازٕ ترین باوتھ کٔر محمد یوسف ٹینگ تہٕ فاروق نازکی صابن جومہِ ادبی محفلن منٛز…… (صدر سمپرٛتی)

☯……ژھبنہٕ گومُت تناظُر ذیٚہنی طور دُبارٕ زِندٕ کرُن چھُ بے شک اکھ عام اِنسانی عمل تہٕ بحیثیت اکھ عام اِنسان چھُ سون یہ زیرِ بحث شاعرتہٕ امہِ عملہِ منٛزی گٔذران۔ ووں گو صِرف گٔدرنس چھنہٕ کانٛہہ اِنفرادی (تہٕ اوٚکنٛی شعری) وُقتھ آسان یۆتانی نہٕ یہ زیرِ اظہار یِیہ…… سائنس شاعر ہنٛز ذیٚہنی کیفیتھ اکھ اند چھُ توآزنکس اند رتتھ مُقامس پتھ یِیتہٕ تس پننہِ اُندی پکھیک رِشتہٕ ٹاکارٕ بوزنہٕ یِوان چھُ۔ یہِ رِشتہٕ چھُنہٕ مُستحکم رۆٗدمُت اوٚکنٛی چھُ تس امہِ کہِ اباوتھ احساس گنان……

(ایڈیٹر)

Printed at Jk offset Printers
Jama MasjidDelhi, Ph. 23241368
email. jk_offset@rediffmai.com